کبیرا کھڑا بازار میں
سب کی مانگے خیر
نہ کاہو سے دوستی
نہ کاہو سے بیر

تنقید تہٕ تحقیک رُح تہٕ چھُ اتھی منز پوشید۔
زبان تہٕ ادبہٕ کِس بارزس منز چھُ محقق یا نوقاد
پننہٕ شودِ مَن تہٕ نظر ستیٚ پزرگاران۔ سہٕ چھُ تی
گاشِراوان یہٕ لتس وچھتھ تہٕ پرکھِتھ موقول
باسان چھُ۔

پزرس پیٹھ پردٕ تراوُن۔ تہٕ زانِتھ مانِتھ
اصلیتہٕ نشہِ اَچھی وٹنی گو وَتہٕ نشہِ ڈلن تہٕ
ژلُن۔

رہبر

کِتابہٕ ہُنٛد ناو : وَن وَ کھنے

لِکھأرؠ : اوتار کرشن رہبر

کمپیوٗٹر کمپوزِنٛگ : IILS DTP CENTER

A-471، سیکٹر 2، وِنا یک نگر مُٹھی جۄم۔

رِنکو کول # 94191-36369

چھاپَن سَنہٕ : 2014ء

تیداد : 500

موٗل : ترٛےٚ ہَتھ روپیہٕ

سرورق :

کِتاب میلنٛگ پے پتاہ:

ا۔ رہبر پبلِکیشنز

شتابدی وِہار، سیکٹر 52، فلیٹ نمبر 2B/E5، نویڈا (یوٗ۔پی)

فون نمبر: 09015766866

۲۔ موہنی پبلیکیشنز

A-471، سیکٹر 2، وِنا یک نگر مُٹھی جۄم 181205

# نذرانہٕ

میر واعظ مولانا محمد فاروق

ینٛدِ ناوِ!

یمن ستی مےٚ سبٹھاہ رٕتی تہٕ اژھبنہٕ

تولقات اُسی

یم کٔشیرِ منٛز اکھ جدید ترین

تحقیقی ادارٕ قایم کرٕن یژھان اُسی

یێتہٕ

کٔشیرِ تہٕ کأشرِ بن مُتلِق شانٛدار

تہٕ

جانٛدار تحقیقی کأم سپدے تہٕ

محققن سارےٚ سہوٗلیژ میسر آسہٕ ہَن۔

نٕراش چھُس نہٕ اگر خۄن تہِ چھُس أچھو ہاراں
یہِ راہِ تہٕنٛزِ مےٚ کۆرمُت چھُ زۄل آبَس مَنٛز

(راہؔی)

# وار وِستار

# گوڈُت

''وَن وَ کھنے'' ناوِ پٹھنِن تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن یا لیکھہٕ پارَن ہنٛز اکھ سۆمبرن کِتابی شکل اَند رپیش کرِنس منٛز یوسہٕ مسرت بہٕ اَز محسوٗس کران چھس تہٕ ونہٕ بڑھنے نگہٕ بہٕ مےٚ لفظن منٛز گرِنی۔ یم چھِ تم لیکھ یم زیادٕ تر کشیٖرِ تہٕ کأشرِ بن، کأشرِ زبأنی، اَدبس تہٕ تہذیبی انہارَن مُتلِق چھِ۔ یم فن تہٕ ادبہٕ کیٚن شوقیٖن تہٕ جانأنی پرٛتھ دورَس منٛز بکار یوان روزَن۔ وُچھن چھُ یہٕ زِ پرَن وألی کمہٕ انمانہٕ ہمن یمن جائزٕ تہٕ پٔنٕن ردِعمل کرن ظأہر۔ گذأرِش چھم اَکے زِ یمن مُتلِق سیٖدِ سیوٚد یا بُنیاد بنأوِتھ یہٕ کینٛژھا لیکھو مےٚ گوڈِ تِمہٕ کاپی سوزِنی۔ یُتھ بہٕ تِمن سام ہیکہٕ ہیتھ تہٕ پنٕنۍ تاثُرات ہیکہٕ ظأہر کرِتھ۔ یہٕ دوے یہٕ ضرورۍ باسیم۔

''وَن وَ کھنے'' چھُ سو ترکیب یوسہٕ ''وَن'' تہٕ ''وَ کھنے'' لفظن ہنٛز مِلہٕ ونہٕ ستۍ وجوٗدَس آمٕژ چھِ۔ ''وَن'' گو وَنُن۔ اتھ منٛز چھُ تہٕ سورُے یوان یہٕ

کینژھا لیکھنچہ شکلہِ منز ووپد یا یہِ کینژھا زبانٕ زبانٕ وَننہٕ تہٕ پھرنہٕ ییہِ۔ غرض یہِ چھُ تمن دوشونی خانَن اِحاطہٕ کران یہِ زَن اَدب تہٕ لُکہٕ اَدب رٕنگی زاین لبان چھُ۔

''وَکھنے'' لفظُک اصل مانے چھُ واشہِ راوُن۔ وبژھنے (تشریح یا تفسیر)۔ یمن ہنٛدی اٲہم اَنٛگ یا جُز ژھاَر (تلاش)، پُرسان، پُرخاش، پرکھ، تنقید تہٕ سام یا جاٲزٕ چھِ۔ چوٗنکہِ یمہِ سوٚبرنہٕ ہُنٛد تولُق چھُ تحقیق تہٕ تنقیدس ستی مے باسیوٚ یمن مضموٗنَن یا مقالن یکہٕ وٹہٕ گوٚنٛد کرنہٕ خاطرٕ ''وَن وکھنے'' ناوسبٹھاہ رُت تہٕ مُناسِب تہٕ سبٹھاہ زوٗدار تہٕ شوٗبہِ دار۔ اَمہِ علاوٕ چھُم نہٕ بیٚیہِ کینٛہہ ییتھن وَنُن کیٚت۔ پرٛتھ اکھ لیکھ، مضموٗن یا مقالہِ چھُ پننہِ موضوٗعُک پانہٕ اَنہٕ۔ یہِ چھُ پننی پاٹھی پوٚز تہٕ پزٕ وکھٹ عکس پیش کران۔

اوتار کرشن رہبر
شتابدی وِہار، سیکٹر 52،
فلیٹ نمبر 2 بی، پلاٹ بی 5،
نویڈا (یوٗ۔پی)201310

سَنہٕ 2014
فون نمبر: 09015766866



# أری نہِ مال عرُف اَرنہِ مال

## (اکھ تنقیدی سام)

1995 عیسوی یَس اَندرس سپز امین کاملؔ سُنز کِتاب ''کُلیات حبہِ خوتوٗن'' چھاپ۔ اَمہِ پتہِ ووتلو اَدبی حلقن منز اکھ بحث۔ اَوتھ تام یوٗ دوٚے ڈاکٹر اکبر حیدری یَن یہِ فأصلہِ صأدِر فرموومُت اوس زِلِل دیدِ تہِ حبہِ خوتونہِ ہُنٛد وجوٗد چھُ محض فرضی۔ کأمل صأبن کٔر تِتھین فرضی شأیرن ہِنٛدِس کھاتَس منز أری نہِ مال تہِ شأمِل۔ کأمل صأبن چھُنہِ اَزتام ڈاکٹر حیدری ہِنٛدبن خیالن مُتلِق کانٛہہ راے ظأہِر کرمِژ۔ یوسہِ سبٹھاہ ضروٗری آس۔ مےٚ سپُد حیدری صأبَس ستۍ اتھ موضوٗعس پیٹھ سبٹھاہ بحث۔ یُس کأنٛی وقتس جأری روٗد۔ تہِ تِیمکی کیٛنٛہہ حصہِ ''سرینگر ٹایمز'' کِمن کیٚنژن شُمارن منز اَز تہِ موجوٗد چھِ۔

کأمل سأب چھِ بے شک تِمن لِکھارین منز شأمِل یِمو حبہِ خوتونہِ مُتلِق اَزتام وارِیاہ لیٚوٗکھ۔ یِمن منز تِہُنٛد سٹیج ڈرامہ ''حبہِ خوتوٗن'' (1956)ء اُردوٗ

زبأنی منز اکھ کِتابچہ ''حبہ خاتوٗن'' (1959) تہٕ ''کُلیاتِ حبہ خاتوٗن'' (1995) قابلِ ذِکر چھِ۔ سٹیج ڈرامہ سپُد کشمیر نیشنل تھیٹر طرفہٕ پیش تہٕ ہدایت کار آسۍ آر۔کے۔برارو۔ یہِ چھُنہٕ ازتام چھاپ سپُد مُت۔ باقٕے زٕ کِتابہٕ چھےٚ رِیاستی کلچرل اکادمی چھاپ کٔرمژٕ۔ کأمل صأب ہٕندبن خیالن منز یُس نوٗن تضاد موٗجوٗد چھُ سُہ چھُنہٕ دوٗر سپُد مُت۔ وومید اُس تِم کرن پننہٕ اُخری کِتابہِ منز حبہٕ خوتونہٕ مُتلِق پننہٕ ذأتی رائے صفأیی سان پیش تہٕ اَمِن اکھ واضح تصویر بڑ وٕنِہہ کُن۔ مگر تہِ چھُنہٕ سپُد مُت۔ بلکہِ چھُ اصل موضوٗع ہُرِمُرِ نوٚبن کھُربن تہٕ جنجالن منز ہینہٕ آمُت۔ حبہِ خوتونہِ ہُنٛد کلامہٕ تہِ چھُنہٕ سائنٹِفک بنیأزن پیٹھ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ یہِ ٲس زَن توقع اوس۔

بہرحال یہٕ تھاوٕ وٕنۍ کٔمن پٔتن یہِ جأیِز اُرکِنہٕ مالِہ تامے محدوٗد تاکہِ میأنی خیال ییٚن واشہِ رأوِتھ تہٕ گاشہِ رأوِتھ بڑ وٕنِہہ کُن تہٕ اصل ہرتر اخذ کرنٕس منز یِی نہٕ کانٛہہ وَدل۔

یمو دوہو پیٹھ مےٚ پننہِ کِتابہِ ''کأشرِ اَدبٕچ تأریخ'' مُتلِق تحقیقی مواد سوٚمبراوُن تہٕ البساوُن ہیوٚت۔ مےٚ سپُد کٔشیرِ ہٕندِس ناماوار مورِخ پی۔این۔کے بامزٔی سٕتۍ مُلاقات۔ مےٚ ووٚن تٔس ''توہہ چھُو پننہِ کشمیر ہسٹری (1960) منز اُرکِنہٕ مالِہ ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ امہِ شیٚچھ ہُنٛد آگُر کیاہ چھُ: ''پاپولر ٹریڈِشن'' (Popular Tradition) یانے ''مشہوٗر تہٕ مقبوٗل روایِژ'' ...... تٔمۍ دِبت ہٕکہِ جواب۔ مےٚ پرٛژھمس: ''حبہِ خوتونہِ مُتلق چھُ عام پأٹھۍ وننہٕ یِوان زِ تٔس چھِ ژُک بادشاہ یوٗسف شاہس سٕتۍ سمبٔنٛدھ قرٕبی تولُقات روٗدی متۍ۔ مگر

کینژن ہُند وَنُن چھُ یہِ زِ سو آس نہٕ کٲشرِ ہنز ملکہٕ یا مہارانی زٲنہے۔ تو ہی کتھ بُنیاز پیٹھ چھِوٕ تس کٲشرِ ہنز مہارانی (ملکہٕ) تسلیم کران؟"

"پاپولر ٹریڈشن" تمی پھِری بیِیہ لفظ دُوبارٕ۔ بے شک مشہوٗر تہٕ مقبوٗل ریوایژ چھےٚ محققہٕ سُند اکھ اَہم ہتھیار یا وسیلہٕ خاص کرتمہِ وقتہٕ ییلہٕ زَن بیانن منز بتھیرِ کھُر یا تضاد موٗجوٗد آسہِ۔ یا موضوٗعس مُتلِق سبٹھاہ کم مولوٗمات میسر آسن۔ کاشرِ زبٲنی تہٕ اَدبس منز چھُ امہِ رِکنی تتھ موادس سبٹھاہ اہمیتھ حاصِل یُس سینہٕ بہٕ سینہٕ اکہِ پیرِ پیٹھہٕ دوٚیمہِ پیرِ تام ووٚتمُت چھُ۔ محقق ہِنٛدِ خاطرٕ چھےٚ یہِ اکھ سو کان ییمہِ منٛزٕ سون کڈُن تمی ہِنٛز کام چھِ۔ یہِ چھُ محقق ہِنٛزِ صلاحیژ، توٗژھ تہٕ توانگرس پیٹھ منحصر زِ سُہ کوتاہ سیٚد یہِ حاصِل کرِنس منٛز کامیاب۔

پی۔ابن۔کے[1] چھُ اکھ سُہ شخص ییمی ہِنٛدِس گرس منٛز ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی سرگرمین ہُند ژونگ پتھ کالہٕ پیٹھہٕ دزان روٗدمُت چھُ۔ تمی سُند مول پنڈت آنند کول بامزٲی اوس بذاتِ خود پننہٕ زمانُک اکھ مشہوٗر ناویٛ کٲشرِ ہِنٛدِس ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی وراثتس زنتہٕ زوٗل کرِنس منٛز کانٛہہ کسر باقے تھاوِنہٕ۔ اتھ پوٚت منظرس منٛز یہِ کینژھا شیچھِ پی۔ابن۔کول بامزٲی یَس تام واتژھ چھَ تتھ چھِ بارٕ اہمیتھ حاصِل۔ یی ہیکو پریم ناتھ بزازس مُتلِق تہٕ وَنِتھ۔

---

[1] بامزٲی صابُنس مُتلِق پوٚرمےٚ اکھ مقالہٕ اَکِس محفلِ منٛزٕ ییمیٚک سٹز کلچرل اکادمی کوٚرمُت اوس۔ یہِ چھُ یتھ سوٗمبرنہٕ منٛز موٗجوٗد۔

بامزٔی صأبن یہِ کیٚنژھا اٚری نہِ مالہِ ہُنٛد ذِکر کران لیٚوٗکھمُت چھُ تمیُک
ہرتر چھُ یتھہِ پأٹھی:

"اَرنی مال ناوچہِ بٹنہِ چھِ کأشرِبن ہنٛدی دِل پنٕنو وژنو سٟتی ژانٛمتی تہٕ
رٕنزٕناوِی مٟتی۔ تہنٛدی بأتھ چھِ موسیقی منٛز پیش کرنہٕ یوان رُوٗدی مٟتی۔
یمن منٛز تہنٛز امیجری تہٕ سوز و گداز اِنتہاہس پیٹھ واتان چھِ۔

سو زایہِ اٚکِس جان اوسوٗدٕ حال گرس منٛز۔ سو ترٛاو پنٕنہِ خانٛدارن
یُس مُنشی بھوأنی داس کاچرٕو ناو اوس۔ بھوأنی داس اوس اکھ نفیس
فارسی عألم تہٕ شأیر۔ پنٕنِس خانٛدارس نِشہِ ژھبنہِ گژھنن دیُت ارنہِ
مالہِ ہنٛدِس شأیرانہِ مِزازس زیادٕ ے وُتلش تہٕ سو رُوٗز مولہِ وِنی شار
ونان۔ تمہٕ سنٛز شأیری منٛز چھنہِ مِسٹسزم (Mysiticism) کانٛہہ چھی
نہٕ مذہبی تجربن ہنٛز کانٛہہ باوتھ۔

خانہٕ دارس نِشہِ الگ گژھتھ چھُ تمہٕ سُنٛد ہمسفر یٔندر بنان۔ تمہٕ
ہنٛدی دہانہٕ یم وژن نیران چھِ تم چھِ یٔندرٕچہِ لے تہٕ تالہِ ہُنٛد زیر
و بم لٟبتھ اتھ سٟتی کٔنی سپدتھ ژوٗزبتہٕ لبان۔"

بامزٔی صأب نہِ سطرٕ چھےٚ انگریزی یَس منٛز یتھہِ پأٹھی:

"There is yet another lady, this time a Kashmiri Panditani by name Arnimal, whose lyrics have captivated the hearts of Kashmiris. Her songs have been set to music and their imagery and pathos are moving to the extreme. Bornin a well-to-do family, Arnimal was deserted by her

husband Munshi Bhwani Das, a profound persian scholar and prolific writer. The desertion awakened the muse of Arnimal. Her poetry is deviod of the mystic touch and religious experiences. It speaks of heart of the human soul. After separation from her husband, the spinning wheel became her constant companion and she composed her songs in tune with the sound of moving wheel."

میانٛژ کِتاب ''کاشُر اَدبٕچ تارٟخ'' (جلد اکھ) سپٕز 1965 عیسوی یَس منٛز چھاپ۔ اوٚتھ تام آسہٕ پانٛژ کِتابہٕ یمن منٛز ارنہٕ مالہِ ہُنٛد سیٚد سیوٚد تذکرٕ سپدمُت اوس۔ یمہٕ چھِ (1) کشمیری لیرِکس (Kashmiri Lyrics) مُصنِف پرٛوفیسر جیالال کول چھپٕن سنہٕ 1945ء (2) کشمیری زبان اور شاعری، مُصنِف عبدالاحد آزادؔ (3) ڈاٹرس آف وِتستا (Daughters of Vitasta) مُصنِف پرٛیم ناتھ بزاز (4) کاشُر شاعری (1960ء) مُرتب پرٛوفیسر محی الدین حاجنی تہٕ (5) ہسٹری آف کشمیر (1962) مُصنِف پی۔ این۔ کے بامزئی۔

میانہِ کِتابہِ پتہٕ کہٕ کاڑی یانے 1968ء سَنس منٛز سپٕز پرٛوفیسر جیال لعل کول سِنٛز بیاکھ کِتاب سٹیڈیز اِن کشمیری (Studies in Kashmiri) چھاپ۔ یمو سارِوے کِتابو پتہٕ یوٚت یوٚت تنقید تہٕ تحقیقن وسجار لوٚب ارنہٕ مالہِ ہُنٛد ذِکر روٚد قسم وار طریقن منٛز سپدان۔ مگر کانٛسہِ ووٚن نہٕ یہٕ زِ ارنہٕ مالہِ ہُنٛد وجوٗدے چھُ فرضی۔ تَس اوس نہٕ بھوانی داس کاچرٕ وہَس رتی کانٛہہ رِشتہٕ بیٚترِ بیٚترٕ۔

وِزِ وِزِ لۄکن ہٕنز فرمایش پٮ۪ٹھ نشر سَپدان۔

کینٛہہ وٕری گژھتھ بنے یہِ اکھ ٹیلی فِلم یوسہٕ دۄر درشن سرینگرٕ پٮ۪ٹھٕ ٹیلی کاسٹ سپٕز۔ تحریر اوس پرٛوفیسر ستار احمد شأہد سُنٛد۔ تہٕ کہأنی أس الہٕ پلہٕ سوے یوسہٕ "رِیٛہہ تہٕ آنٛچ" أس۔

کأمِل صأبنٛز کِتاب چھپنہٕ برٛونٛہہ بنیو صنورۄر أرِکہٕ مالہِ ہُنٛد اکھ وژُن بحثُک موضوع۔ یہِ چھُ سُہ وژُن یُس: "کر ییے درشُن دِییے" ہُرِ ستۍ شۄرۄ سَپدان چھُ۔ یہِ چھوپ غلام محمد نۄر محمد ناوِکر کِتاب فروشن محمود گأمی سُنٛد کلام زأنِتھ۔ تِکیازِ لیۆکھت چھُ نون تہٕ ٹاکارٕ پی ونان ۔

زرٕ زولتھس کوتاہ زرے — ہرٕ اژھ تٕم ژٕ دِلبرے
محمودس ارمان چھُ یے — کر ییے درشُن دِیے

مےٚ چھُ اتھ وژنس مُتلق پٔننۍ خیالن ہُنٛد اِظہار "کأشرِ ادبٕچ تأریخِ" منٛز کۄرمُت۔ یوسہٕ 1965ہٕ ہٕنس منٛز چھاپ سپٕز۔ کأمِل صأبن یُس عبدالاحد آزاد سُنٛد تضاد گاشرومُت چھُ سُہ چھُ نۄن تہٕ واضح۔ مگر کأنٛسہِ أکِس زٕنۍ سُنٛد کأنٛسہِ مُتلق بیان نظرِ تھأوِتھ یہِ فأصلہٕ دیُن زِ بیٛیس کأنٛسہِ ہُنٛد وجۄد چھُ فرضی۔ یہِ گو پشہِ پٮ۪ٹھی شین والُن۔ بقول کأمِل "یہِ لگہِ نہٕ مُشراوُن زِ محمۄد گأمی چھُ تأریخی حقیقتھ تہٕ أرنہِ مال چھےٚ فرضی کِردار۔"

(صَفہٕ 80، کُلیات حبہٕ خاتۄن)

میٲنٛز کتھ کران چھُ لیکھان:

"اوتار کرشن رہبر چھُ گوڈٕ محمۄد گأمی یُن سوٗرے یہِ نو بنٛد بأتھ

دِوان۔ یِتہِ چھُ یِمہِ منٛز ژور بنٛد الگ کڈِتھ دِپان یم چھِ أرِ نہٕ

مالہِ ہنٛدی أہنٛدِس کلاسِس ستِۍ رل گأمٕتۍ تِکیازِ یمن چھُ أرِ نہٕ ہُنٛد

رَنٛگ۔ یہِ عجیب کمپیوٹری رَنگہٕ ژارے چھےٚ حأرتھ ناکھ خاص کر ییٚلہِ

لیکھان چھُ زِ یہِ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہ یُس زَن أرِ نہٕ ہنٛدبو وژنو

محمؤدس پپٹھ ترٛووُمُت اوس...... باسان چھُ زِ محمؤد آسہِ ہیے پنٕنہِ

شأیِری ہنٛدِس گوڈٕ کالس منٛز أرِ نہٕ ہنٛد نے لولہِ ہُربن اورِ یور گرِتھ

شأیِری کران۔"

یہِ کرِ عرض محمؤد گأمی چھُ کأشرِ شأیِری ہُنٛد بے شک اکھ سبٹھاہ موتبر ناو

تہٕ قداور شأیِر۔ یُس پننہِ خوٗبی تہٕ خصوٗصیو چھےٚ۔ تٔمۍ یم تم تجرُبہٕ فارسی اَدبہٕ کنۍن

اثراتن تحت کٔری، تمو دبُت کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبس وارِیاہ کینٛہہ۔ ظأہر چھُ محمؤد گأمی

آسِہے تنظیمن کرنہٕ کِس فنس ستۍ وأقف۔ یتھ منٛز اکھ شأیِر بیٚیس کأنٛسہِ شأیِر

سنٛدِ کُنہِ بأتہِ یا نغمہٕ ستۍ چھُ تیٚوٗت مُتأثر سپدان زِ سُہ چھُ امی آیہِ پنٕنۍ شار اتھ

ستۍ جوڑان۔ محمؤد گأمی چھُ میأنۍ کِنۍ أرِ نہٕ مالہِ ہنٛدِ وژنہٕ ستۍ تیٚوٗت مُتأثر

گوٚمُت زِ تٔمۍ چھُ اتھ تظمین کٔرمٕژ۔

أرِ نہٕ رَنٛگ گوم شراون ہی ییے کر ییٚیےٚ درشُن دِیے

یہِ چھُ سُہ گوڈٕ شار یتھ پپٹھ أرِ نہٕ مالہِ ہنٛدِ رَنٛژ محر دوٗرِ ناپان چھِ۔ أرِ نہٕ

مالہِ ہنٛدی وژن چھِ سبٹھاہ موخصر۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ژون پأژن بنٛدن پپٹھے

مشتمل آسان۔

کأمِل صأبَس کرِ یہِ یتہِ عرض زِ کوتاہ بوٚڈ تہٕ شأیِر اُستَن تَس چھُ لوٚکچار

تہِ آسان۔ سہ چھُ سہ زمانہِ تہِ وُچھان یتھ منزٕ لِس تُک بَندی ترٛاوتھ اصل شار ونہِ خاطرٕ واریاہ اتھہِ کھور مارٕنی چھِ پیوان۔ یتھ منٛز سہ پنٛز پاٹھی قسمہِ قسمہِ تجربہِ کرٕنس پتھ آباد چھُ سپدان۔ اُرئی نہِ مالہِ ہُنٛد دور چھُ پرٛتھ حالتس منٛز ارداہمہِ صدی ہتی ختم سپدان تہِ محموٗد گامی یُس پٔنٕن اصل کمال تہِ جمال ہاوان چھُ سہ چھُ ارداہمہِ صدی پتہٕ۔ اَسہِ پزٕ نہِ یہِ کتھ تہِ زٕنہیے مشراوٕنی۔

امیُک مطلب چھُنہِ ہرگز یہِ زِ بڈٕی شاعر کیاہ چھِنہِ تظمین ناوِکی تجربہِ کران۔ بڈٕی شاعر تہِ چھِ پنٛز ہمکال شاعرن اِدتم عمرِ لحاظہِ تمن زِٹھی اَسیتن یا کانٛسہ متاثر سپدان تہِ بعضے تمی آیہِ شار ونہِ نَس پتھ آباد سپدان۔ مثلن یہِ کرٕ کامل صانٛز کتھ تمو لیُوکھ شفیع شوق ہندِس اندازس منٛز اکھ بأتھ۔ یمیُک اعتراف کامل صأبن پانہِ کوٚرمُت چھُ۔ بنان چھُ محموٗد گامین یوٚ دوٚے پٔنٕن کلامہِ پانہِ ترتیب دِتھ چھپوومُت آسہِ ہے سہ تہِ ما کرے امیُک اِظہار تہِ واریاہ کتھہِ نیرٕ ہَن ننہِ۔

روٗد کمپیوٹر تہِ امچہِ کامہِ ہُنٛد سوال۔ کامل صأبَس پزٕ یہِ سمجھُن زِ کمپیوٹر وۄتھ نہِ اسمانہِ۔ یہِ بنوو اِنسانہٕ۔ اِنسأنی دماغ چھُ بذاتِ خود اکھ سپُر سپُر (Super) کمپیوٹر۔ اتھ ہش سپز نہِ ازتام کانٛہہ میشن ایجاد۔ بے شک از کل چھِ کمپیوٹر دِلچسپ تہِ حأرت ناک کامہِ بامل انان۔ یمہِ وُچھتھ یہِ وسواس تہِ خوف ووتلان چھُ زِ کُنہِ دوہہِ گوڑھ نہِ تیُتھ کمپیوٹر وجوٗدس یُن یُس نہِ اِنسأنی حکمس طابع روزِ۔ یُس اِنسأنی دماغس پامال کرِتھ اتھ پیٹھ غلبہِ پراوِ۔ یہِ صوٗرت چھے یقینن خطرناک یوسہِ پوٗرِ دُنیاہَس لرٕ پار کرِتھ ہیکہِ۔ اتھ

موضوٗعس پیٹھ بنے یہِ کیٛنٛہہ قلمہٕ تہٕ یمہٕ سبٹھاہ دِلچسپ آسہٕ۔ مگر پزٕر چھُ یہِ زِ ازتام روٗز اِنسانٛی دِماغٕچ بالا دستی قایم تہٕ دأیم۔ تہٕ شاید روزِ بڑ وٗنہہ کُن تہٕ۔

اِنسانٛی دِماغ چھُ ازتام پننو بے جور صلاحیتو سٟتی مختلف رٛنگن تہٕ صوٗرتن منٛز پٔنٛن زورِ کمال ہاوان روٗدمُت۔ یُس زِندگی ہنٛدبن مختلف شوبن منٛز نوٗن تہٕ ٹاکارٕ چھُ۔ یِمن شخصژن فن تہٕ ادبک شوق تہٕ ذوق سٟتھ گژھان چھُ تِم چھِ بے شک وٕنتھ ہیکان کوسہٕ تخلیق کیٛنژ گژھِ آسٕنۍ تہٕ کُس شار کٔنٛد چھُ؟ بیٛترِ بیٛترٕ۔ مےٚ چھُ افسوٗس زِ کاملِ صأبس ہیٛوٗ شخص چھُ تیٚتھی ہی سوال پرٛژھان؟ توتہِ کرٕ بہٕ عرض زِ شأیر سٕنٛد لفظہٕ ووٗترُ (Diction)، خیالن ہنٛز گتھ تہٕ روِش، شارن ہُنٛد گرٕتھ، تہٕ دِل دُبرایَن ہنٛدی انہار چھِ نہٕ صرف تٔمۍ سُنٛد مخصوٗص مزاژک پےٚ دِوان۔ بلکہِ امیُک اَنہٕ بٕنٛتھ سہٕ رَنٛگ ظأہر کران یُس شأیر سٕنٛزن خوٗبین تہٕ خصوصیژن ہُنٛد ترجمان آسان چھُ۔ یوہے رَنٛگ چھُ اِنسانٛی دِماغ پٕنٛنۍ پأٹھی بدٕ کڈِتھ رنٛگہٕ ژارے کرِتھ ہیکان۔ یہِ چھُ سپدان تہٕ یہِ روزِ سپدان۔ کامیأبی ہُنٛد دارمدار چھُ فقط اِنسانہٕ سٕنٛزِ کوٗششہِ تہٕ صلاحیژ پیٹھ دٕرِتھ۔

ارجن دیو مجبوٗر سٕنٛز یوسہٕ کِتاب 2004ہٕ سنٕس منٛز ''أرکہ نہٕ مال'' ناوس تحت مارکس منٛز آیہٕ اتھ منٛز چھُ ''کر ییے درشُن دِیے'' وژنُک اکھ بیاکھ بَنٛد دٕری یافت سپدِمُت یُس یِتھٕ پأٹھی چھُ۔

| | |
|---|---|
| بہٕ چھٕس پژاران منٛز پلہالن | لالہِ پھیران تلہٕ مُلہِ نالن |
| پوشہِ ڈألی یا تَس کُس نیے | کر ییے درشُن دِیے |

صاف چھُ لبنہٕ یِوان زِ یہِ گژھِ أرکہ نہٕ مالہِ ہُنٛد آسُن نہٕ کہِ محموٗد گأمی یِن۔ محموٗد

گاٗمی سُنْد کلام یُس ازتام چھاپ سپُد تتھ منٛز چھِ غلام نبی خیال سٕنٛز کِتاب محمود گاٗمی تہٕ ناجی منورن سٕنٛز کِتاب ''کُلیات محموٗد گاٗمی'' قابلِ ذِکر۔ ناجی سٕنٛزِ کِتابہِ منٛز چھُ ''کر پیے درشُن دِیے'' وژُن 44 نمبرس تحت 105 تہٕ 106 صفس پیٹھ دَرِج۔ اُخری بنْد چھُ یُس ۔ یتھ منٛز محموٗد گاٗمی سُنْد لیکھُت ناپان چھُ یُس مےٚ برٛونٛٹھے پیش کوٚر۔

اتھ وژُنس منٛز چھِ داہ بنْد نظرِ گژھان۔ مگر یہِ بنْد چھُنہٕ اتھ منٛز موجوٗد یُس ارجن دیو مجبوٗرن ڈُری یافت کوٚرمُت چھُ۔ اَمہِ بنْد کِمن شارَن منٛز چھِ تِم ساٗری عناٗصر موجوٗد یِم میانہِ رَنٛگہٕ ژارِیہٕ کِنٛز اُرکہٕ مالہِ ہِتٕ زیادٕ ہشر تھاوان چھِ محمود گاٗمی یَس ہِتٕ کم۔ یِمن منٛز چھےٚ سوٚے اور زوٚے، سوٚے ترٛشناتہٕ سوٚے ژٕپ موٗجوٗد یوسہٕ اُرکہٕ مالہِ ہٕنٛدِ کلاچ زُوتہٕ جان تہٕ ہنٛگ تہٕ رنٛگ چھِ۔

یہِ بنْد چھُ ہِتٕ سوال کھڑا کران تہٕ میٚون خیال چھُ ییٚہ ہَن پوچھر لبان زِ یہِ سوٗرے وژُن چھُ دراصل اکھ تظمین تیٚچ اصل خاٗلق اُرکہٕ مال چھےٚ۔ یَتھ ہِتٕ محمود گاٗمی یَن پٕنٛز کینٛہہ بنْد جوٗڑِتھ مزید بُرژر کوٚرمُت چھُ۔

میانہِ خیالہِ چھُنہٕ امہِ وژنہٕ کِس ہُرِس اُرکہٕ مالہِ ہٕنٛدِس اصل ناوَس ہِتٕ کانٛہہ توٗلُق۔ تِکیاز زِ گولاب، یوسمن، یمبرزل، ہی، شمشاد، بوٗنی بیٚترِ پوشن تہٕ گُلمن ہٕنٛدی پاٗٹھی چھُنہٕ اُرنی ذہن بطور ناو ورتاوس منٛز روٗدمُت۔ تِکیاز زِ ''اُرنی'' چھُنہٕ خوبصوٗرتی ہٕنٛز علامت ذہین زانہٕ آمُت۔ اُرکہٕ رَنٛگ چھُ زردی یا لبدر بر پھیرنُس تہٕ زُو کِنٛز ژھبتہٕ گژھنہٕ کِس معنے مطلبس منٛز استعمال سپدان روٗدمُت۔ اُرکہٕ مالہِ تہٕ چھُ یہِ لفظ اُتھی معنے یَس منٛز ورتوومُت۔ سو چھےٚ

ونان زِ سو تہٕ پأٹھۍ ہی پوشکۍ پأٹھۍ بڑونہہ پھولان تہٕ زُوان أس تہٕ خوبصوٗرت لگان أس تتھ پھٹے أرک نہٕ رنٛگ زردی پھیرِتھ۔ سو پھٹے یہٕ ڈپُٕ زِ تہٕ لوٗسمُت۔ موردنی چھُ تس نال وڈلمُت۔ سو پھٹے عشقہٕ مُتۍ سُند بُتھ وُچھنہٕ خأطرٕ ترٛسان۔ باسان چھُس زِ یوٗ دوٗے سہٕ ییہ درشن دِیہ سو مالبہٕ راحتِ جان۔

سأئلم کأشرِ شأیرۍ منٛز یم کینٛہہ شار أرک نہٕ رنٛگ کس پسِ منظرس منٛز ونہٕ آمتۍ چھِ تمم چھِ أتھۍ لحاظس منٛز ورتاونہٕ آمتۍ۔ مثلن یم مِصرٕ نی توکھ:

''أرک نہٕ رنٛگ گوم چانہٕ امارو'' یا ''وبسر ہیٚیہ تنہٕ أرک نہٕ ہُنٛد رنٛگ گوم بیتِرٕ۔

ووٗنی چھُ سوال پأدٕ سپدان زِ شأیرٕ سُند اصل ناو کیاہ اوس؟ یہٕ کرِ عرض زِ أرک نہٕ مالبہٕ ہُنٛد اصل ناو اوس ''أرنہٕ'' مال یا ''أرنی مال''۔ یُس بٹہٕ زنانٛن منٛز پتھ کالس منٛز سبٹھاہ مُروج اوسمُت چھُ۔ ''أرٕنی'' (یا أرنی) لفظُک تولُق چھُ سیٚدِ سیوٚد ''أرٕن'' ہلفظس سٟتۍ۔ ''أرٕن'' چھُ مُذکر تہٕ ''أرٕنی'' بطور مونث ورتاونہٕ یِوان۔ أرٕن لفظُک اصل مانے مطلب چھُ کھسہٕ وِنہٕ بسری یک یا اختابک سہٕ ووٚز جاریُس یہٕ ووٚپدان ووٚپدان نموٗدار سپدان چھُ۔ یہٕ چھُ ووٚشلُن ہیوٗ باسان تہٕ بے حد خوش یِوٗن لگان۔ أتھۍ چھُ ''أرٕن'' ونان۔ تہٕ ''أرنہٕ'' ناو چھُ یمِوٗے وصفو کِنۍ زنانٛن ہٕنٛدِ خأطرٕ سبٹھاہ ٹوٹھ تہٕ مقبوٗل روٗدمُت۔ أسہٕ سٟتۍ أسۍ 1990ٕ سنس تام نرپرستان سرینٛگرس منٛز بلکُل لرِ لوٚر ''سفربن'' (سپرٕو) ہٕنٛدی ژور پانٛژ گرٕ روزان ییٚنٛزِ أکِس زنانہٕ اوس ''أرٕنی'' ناو[1] مگر ہمسایہٕ أکِس أرٕنی تہٕ

---

[1] خانٛدارس اوسُس پریم ناتھ سپرٕو ناو۔ یمن أسۍ زٕ لڑکہٕ موتی لعل تہٕ رتن لعل۔

ونان۔ اَرِنؠ تہٕ اٗرِنؠ لفظ چھِ کاشرِس منٛز دراصل خلط ملط گٔمتؠ۔ یہِ سوٗرے چھُ
غاٗر شعوری طور سپدان اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شعوری کوٗشش شاٗمِل آسان۔
اٗرِنہِ مالہِ ہنٛز ذاٗتی زِندگی چھُ یہِ کرنٛس منٛز وارِیاہ مدد کوٗرمُت۔ ییٚلہِ حقیقی طور
اِرنؠ اٗرِنؠ بنیو۔

اٗرِنہِ مالِ ہُنٛد ناو چھُ کینٛژو لِکھارو پننین لیکھہِ پارن یا کِتابن منٛز
مِسز بھواٗنی داس تہٕ رانی تہٕ لیٚوکھمُت۔ مےٚ چھُنہٕ تران فِکری اتھ منٛز کیاہ حرج
چھُ؟ بھواٗنی داس نہٕ زنانہِ یِی نہٕ مِسز بھواٗنی داس ونٕنہٕ اِدِ کیاہ ونوس۔ رانی چھُ
عام بٔڈیٚن گرن منٛز نوشن ونٕنہٕ یِوان۔ بیگم شیخ محمد عبداللہ اٗس بیگم عبداللہ ناوے
عامن تہٕ خاصن منٛز مشہوٗر۔ اکبر جہاں ناوٕ اٗسی تَس کٔمے لُکھ زانان۔ حالانکہِ
کشیرِ منٛز یمہِ زنانہِ لیڈر ووتلیہِ تمن منٛز اوس تَس تھوٚد پایہ حاصِل۔ آزادن
چھُ یتہٕ لیٚوکھمُت زِ اٗرِنہِ مالہِ اوس مالِنیُک ناو ہی مال تہٕ واٗرِوُیُک اوسُس
"اٗرِنہِ مال" (اٗرنی مال)۔ محمد یوسف ٹینگن یمہِ ساتہٕ "کشمیری زبان اور
شاعری" کِتابہِ ہُنٛد جلدِ 2 کلچرل اکادمی باپتھ چھاپنہٕ خاطرٕ ترتیب دیُت تمؠ دِژ
مِسز بھواٗنی داس ناوٕ بدلہِ "اٗرنہِ" ناوس ترجیح تہٕ امیُک ذِکر کوٚرُن فُٹ نوٹس
منٛز یتھٕ پاٹھؠ:

"آزاد نے اِس باب کا عنوان مِسز بھوانی داس رکھا ہے مگر ارنی
مال اپنے نام سے مشہور ہے۔" (صفحہ 25۔ کُلیات حبہ خاتون)

مگر کاٗمِل صاٗب چھِ اتھ پیٹھ تبصرٕ کران ونان: "یہِ گو آزادس زورٕ
"اٗرنی مال" ناو پُشراوُن۔ پٔتھ شیرِ ژٲر چھےٚ بعضے اہم تحقیقی مالن کھر تہٕ

ہبکان اَنتھ۔"

مےٚ چھُ باسان ٹینگ صأبن یوسہٕ پہل اتھ سِلسِلس منٛز بحیثیت ترتیب کار کٔرمٕژ چھےٚ سو چھےٚ حق بجانِب۔ مِسز بھوأنی داس، رانی بیٚترِ ناو اوٚک طرف تژ اُوِتھ دبت تمیٚ أری نہٕ مالہِ مُتلق خاص بابس "أرنی مال" ناوس ترجیح تہٕ اَمِچ ذِکر کرن فُٹ نوٹس منٛز۔ یتھ نہٕ پرن وأٹس نِش کانٛہہ کتھ کھٔٹتھ روزِ۔ یوٚ دوٚے سہٕ امیُک ذِکر کرے نہٕ تیلہِ اوس سہٕ گونا گار۔ صفأیی ستی دودھ تہٕ پوٚنی الگ کرن وأٹس ہکو نہٕ یتھ کانٛہہ ناو دِتھ۔

یوٚ تام أری نہٕ مالہِ ہُنٛد تولُق چھُ أمی سٕنٛز زان پہچان حاصِل کٔرتھ چھُ نَنان:

(ا) أری نہٕ مال چھے اختصارٕچ قأیِل۔ تہنٛدی وژن چھنہٕ زیادٕ زٕٹھی۔ یم چھِ موخصر۔ یم چھِ سبٹھاہ نوٗزُک۔ یم چھِ تم احساسات یم تہنٛزِ ذأتی زِندگی ستی سیٚدِ سیوٚد واٹھ تھاوان چھِ۔

(ب) أرِنی چھُ اکھ ہٕنٛز۔ یوسہٕ نہٕ کانٛہہ عألم چھےٚ نہٕ فاضِل۔ یوسہٕ بالہٕ پانہٕ پیٚٹھے بھوأنی داسس باگنٛز آیہِ۔ تٔمی ستی بڈیہِ تہٕ سپدیہِ بالغ۔ تم روٗدی اکھ أکِس سبٹھاہ لأری مگر یوٚت بھوأنی داس ہٕنٛز خاب پوٗرٕ سپدان وُچھان گو۔ أری نہٕ سَپُد احساس یوسہٕ مایے تَس گوڈٕ گوڈٕ أس تتھ منٛز چھےٚ فرِق آمُت۔ ہی پوشس ہیوٗتن أری نہٕ ہنٛدِ لیدر بر پھیرُن۔ ذردی گیٚس ہنہٕ ہنہٕ نال ولان۔ تہٕ ییلہِ پزرے باٗژن دون ژھین لوٗگ۔ سو روز دِلی عشقہٕ ستی سُنٛد بُتھ وُچھنہٕ خأطرٕ

ترسان۔ تہٕ ونان: کرپیے درشُن دِیے

(ج) میٲنٛز ـکنٛز چھے ''کرپیے درشُن دِیے'' وژنَس پٔتھ أرک نہٕ مالہِ ہنٛز محر یا دسخط سبٹھاہ دؤرِ ناپان۔ یتھہِ پأٹھی: ''رَہ بخشتم پرور دِگارو۔ ژیٚے کیٚہو واتہٕ یومیانہٕ مرنے'' وژنَس پٔتھ حبہٕ خاتونہٕ ہنٛز محر لگِتھ چھےٚ۔

یہٕ چھُس نہٕ یِیمہِ کتھہِ ہُنٛد قٲیِل زِ بٹہٕ کأشُر تہٕ مُسلمان کأشُر چھُ بیٛون بیٛون۔ کأشُر چھُ کُنےٚ۔ ووٛنۍ گو یتھہِ پأٹھی کأشرِ زبٲنۍ منٛز علاقہٕ واد، تعأیفہٕ واد پھیرِ موجوٗد چھُ تیٚتھے پأٹھی چھُ کینٛہہ مخصوص رِیٛوٚد تہٕ رواجو یا سنسکرت فارسی، تہٕ عربی اثراتو ـکنٛز مُسلمان تہٕ بٹہٕ بول بوشَس منٛز کُنہٕ کُنہٕ ییٚتھ پھیرِ نظرِ یِوان۔ یہٕ وُچھتھ پزِ نہٕ اَسہِ تھاَفترُن۔ مُسلمان چھِ عام پأٹھی دیدار لفظ استعمال کران۔ تہٕ بٹہٕ چھِ درشُن ونان۔ جذباتن ہنٛز گتھہِ ستۍ تِتھبن لفظن ہُنٛد امی آیہٕ ہکہٕ نیرُن چھُ بلکُل نیچرل۔ یہٕ چھُ اکھ فِطری رُجحان۔ تیٚتھے پأٹھی نی تون سہٕ وژُن یِیمِنٛگ ہُر ''اُہی نی توسے چھُ''۔ یہٕ چھُ دؤرِ ونان یہٕ چھُ أرک نہٕ مالہِ ہُنٛد۔ کأشرِ موسیقی ستۍ وابستہٕ لِکھاریو دِژ یقینَن ہِنٛزۍ پأٹھی اکھ بُڈ کأم انجام اَدِ یَس یوٚت تام نظر وأژ مگر یوٚ تام کأشرِبن شأیِرن ہِنٛدِبن ناوَن ستۍ یِم وژُن وابستہٕ کُرنک سوال چھُ تتھ منٛز چھےٚ خأمی۔ تِہنٛز راے ہمکون نہٕ ہرگز حتمی مأنِتھ۔ أرک نہٕ مالہِ ہُنٛد رَنگ یِمَن وژُن منٛز نوٚن تہٕ پڑوکھٹ چھُ سہٕ چھُ قأبلِ توجہ مثلَن:

(۱)

آشاوأنَن ہِنٛدِ آشودے گٹہٕ منٛز ہاوتم گاشووے

لاہسن[1] گومو رأشووے[2] پڑاران چھسیو آشووے
میترن ہُنْدے بیولا ووکِ زے شٕترن تہٕ گرِ زِ نہٕ ناشووے

(ب)

سونہٕ چھُم گیلان[3] کُنہٕ چھُم نہٕ میلن پر زن ستی چھُم کھیٚانے
عشقہٕ دأدکٕ سوٗر کوٗر پزبتہٕ شِلن عشقہٕ ژوٗر پھیوٗر بلہٕ وپرنے
عشقہٕ دود ہنہٕ ہنہٕ تنہٕ چھُم تیلن پر زن ستی چھُم کھیلانے

(ج)

نیٚہہ گٹہٕ ژوٗلے سیٚنڈِ واو ترٛأوِتھ تی کس نِش ہکہٕ بأوِتھ بو
گرِ بال دزٛایٚس سامانہٕ پزٛأوِتھ کامنہٕ پزٛاران لوٗستم دوہ
یامن لأجٕنس گوم تبنہٕ لأوِتھ تی کس نِش ہکہٕ بأوِتھ بو
کمہٕ سونہٕ بُرٕ نَس گن بزمہٕ رأوِتھ لشہٕ نار زأجٕنس تی باوِ گس
پشہٕ پشہٕ تھووُنم بأوِتھ تہٕ بأوِتھ تی کس نِش ہکہٕ بأوِتھ بو

(د)

مےٚ کرِ تَس رِکہٕ پوشن مالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسے میٚأنی دزٕے
ہاوسہٕ برٕمَس مَدکی پیالہٕ تہٕ پیہٕ نا لولہِ منز کرہے جاے
دزٕشنہٕ تہنْدے حال سنْبھالہٕ تہٕ چھاوِ نا ہی چھسے میٚأنی دزٕے

[1] لاہسا چھُ تبت کُک مشہوٗر علاقہٕ ۔ روایتھ چھے یہٕ زِ بھوأنی داس کاچرٕ واوس اور گومُت [2] سفر [3] گیلن تہٕ چھُ ونہٕ یوان۔

(ڈ)

ہا ودلو مونہٕ پھلی وندیو پادَن آدن باجہِ میانہٕ یارو وے

آدنہٕ أ سس ریٛنزلا نادَن یاوٕنس قدر نو زأنی مے
دِتمو درشُن چھُم چانٔی لادَن آدن باجہٕ میٛانہٕ یارو وے
کُکلو پرِی کوٕ ترٛاأوِتھ کولہٕ رادَن دُکلے ووغہٕ میٛون گو
مے کلے چانے گیٛم براأتی نادَن آدن باجہٕ میٛانہٕ یارو وے
ژیٛتو لیٛدری پوٗش کولہٕ رادَن أز چھُم آدَن واتہٕ ہیٚمے
دِتمے درشُن سروندے پادَن آدن باجہٕ میٛانہٕ یارو وے

(ز)

میٛہ شوقہٕ یارٕ سنٛدِ بُرٕمَس پیٛالہٕ تہٕ آلو دِی توسے
تر وَنہٕ مرگے وسہٕ وِنہٕ بالہٕ تہٕ أہی نی توسے
کیٛاہ گرِ نی نَم ہرٕنہٕ ژھالہٕ تہٕ آلو دی توسے
قنٛد تہٕ نابد بُرٕمَس تھالہٕ تہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ نی توسے
جود گو عاشقن دود کبتھِ ژالہِ تہٕ آلو دی توسے

(ژ)

دوٗرِ روٗدُم أندر وَن تے وتنے ویٛسری پیٛہ ناسَن
دوٗرِ دوٗپنَم گرٕژھ وو وَن تے ژوٗرِ روٗدُم مَنز لاسن
مُرٕ نار چھُم کولہٕ وَن تے وتنے ویٛسری پیٛہ ناسَن

(ز)

وتنہٕ ویٛسی گس گس پژے گس وُنیب گرِتھ گوم
ہرٕژ لوٗمنم نیٛندرِ مژے مُژھِ مُژھِ بنٛد سٔنِتھ گوم

سون ژیوٗنم رٕژِ رژے کُس وٕنیب کٔرِتھ گوم

(س)

کیٛاہ کرِ روٗدُم سُہ وَنہٕ نِے پھیران سوران چھُم نو آدنک سٕرٔیہہ
کُکلا اَسس تھر اول ییران سوٗتھنہٕ وٕزملہِ گنٛڈنم ریٛہہ
زُلفہٕ گرٛایہِ تتہٕ گیوٗر چھُم گیٛران سوران چھُم نو آدنک سٕرٔیہہ

(ش)

یام ہُوٗرِ ٹوٗرِ ژنڈُن موٗلے تام ژوٗلےٚ یار وینٛسی یے
دپھوم آغس بہٕ روشہِ زاگس لاگس بہٕ شیرِ ہی
ووٗنہٕ کِس باغس پوشا پھوٗلے تام ژوٗلےٚ یار وینٛسی یے

(ص)

چمکان اوٗبرٕ تلہٕ وٕزمل زَن آو آیہٕ گرٛایہِ ژھلیہِ کتیٛ کران زن آو
ڈوٗنٹھ پھوٗل کتہٕ روٗد نہٕ نار بران گگرایہِ کران ژوٗل زَن واو
نیٛہہ ژھٹہٕ اَنہٕ گٹہٕ مُشنَس شامن میٛہ بالہِ تھووٗنم سُے آمہٕ تاو



یم کُری مےٚ کینٛہہ وژن نموٗنہٕ باپتھ پیش۔ یمن وژنَن منٛز۔ چھُ اَرِ نہٕ مالہِ ہُنٛد اِنفرادی رَنٛگ نوٗن تہٕ ٹاکارٕ۔ یُس نہٕ صرف حبہٕ خوتونہٕ تہٕ محموٗد گامی ہنٛدِ رَنٛگہٕ نِشہٕ الگ تہٕ بدوٗن چھُ بلکہِ سارِنے کاشرِ بن شایرن نِشہٕ۔

ضروٗری چھُ اَرِ نہٕ مالہِ ہُنٛد کلام پیہِ سائنٹفک بُنیادَن پٹھ ژھارنہٕ تہٕ ترتیب دِنہٕ۔ یہِ کام گوٗژھِ تتھین شخصن پُترٛاونہٕ ییٚنٛ یمن امہِ قسمک زبر گیان

آسہٕ تہٕ سو صلاحیتھ آسہٕ یوسہٕ آسنہٕ گژھہِ۔ نتہٕ چھُ یا یم کرن پرتھ کانٛہہ یژھان۔ امہٕ یا یمہٕ ستۍ تہٕ ووت کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبس کأفی دداہ۔

تہٕ چھے سبٹھاہ شاد مأنی ہنٛز کتھ سأنۍ کینٛہہ ووتھہِ وٕنی أدیب چھہِ یتھٕہن مسلن وونۍ سبٹھاہ ہوش مُنٛدی سان سنان تہٕ پننہِ رایے تژاے ظأہر کران۔ یتھٕہن لِکھارٕین منٛز چھُ ڈاکٹر شاد رمضان تہٕ شأمِل۔ شاد رمضان چھہِ پننہِ کِتابہٕ ''اتھ ظلماتس لعل کیاہ چھہِ تے'' (2005) ''کر ییے درشن دِینے'' وٕژُن پننہِ بحثُک موضوٗع بنووُمت۔ امیُک کرِ یہٕ اکھ اقتباس پیش:

''اتھ پوٚت منظرس منٛز یُس أرنی نہٕ مال ہنٛدِس آسنَس یا نہٕ آسنَس مُتلِق محققن درمیان ازتام بحث سپُدمُت چھُ۔ تتھ چھہِ زٕ ڈٕری۔ گوڈنیُک دور گو پرٛوفیسر جیا لعل کول (تہٕ تِہنٛدی ہمنوا محقق) تہٕ دوٚیُم دور گو امین کأمِل (تہٕ تس ستۍ اِتفاق کرن وألۍ محقق)۔ دوشوٕے ڈٕری چھہِ پننٛ پننٛ دعوا تہٕ ڈلیلہٕ پیش کران۔ گوڈنِکس ڈٕری سُنٛد دعوا چھُ زِ أرنی نہٕ مال چھےٚ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز اکھ مشہور شأیِر یوسہٕ پٹن گامچ روزن واجینٛز أس۔ اُمِس کوٚرُکھ لوکچہِ وأنسہِ منٛزٕے شہرٕکس منشی بھوأنی داس ناوٕکس أکِس أمیر زادس ستۍ نیتھر یُس افغان سرکارٕکس (1819-1755) شأہی دربارس ستۍ اکھ بارسوٗخ تہٕ بااختیار شخصو اوس۔ دوٚیُم دوٗر چھُ أرنی نہٕ مالہِ ہنٛدِ آسنَس موٗلے اِنکار کران تہٕ ونان زِ 1936ہٕ یَس تام اوس نہٕ أرنی نہٕ مال ناو کأنٛسہِ کأشرِس کنَن گومُت ٹکرٕ کہِ چھُ یہٕ ناو محض کینٛژن محقق ہنٛز اکہِ غلط

سوٗچن تٕراِیہ ہُند پأداوار یُس اکھ شوشہٕ بنأوِتھ پھہلاوانہٕ آو۔ مُمکِن چھُ زِ مذکور بحث ہیکہٕ کینٛژن نوبن انکشافن تہٕ ڈٲری یا فتن زٕنم دِتھ۔ اماپوٚز وُنستام چھُ دوٚیمس ڈٲرِ ہِندی دعوا تہٕ ڈلیلہٕ گوڈٕنکس ڈٲرِ ہِندِ بن دعواہن پیٹھ بہرحال حاوی سپدان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز تہٕ زِ کأمِل صاٮ۪بنن ڈلیلن ہِندِس پوٚت منظرس منٛز قایم سپزٕ مژ رائے کیاہ چھےٚ کانہہ حتمی فأصلہٕ تِکیازِ کانہہ محقق چھُنہٕ حتمی آسان مگر جیالال کول تہٕ اوتار کرشن رہبر ہِندی دعوا چھِ محض جذباتن تحت وونہٕ آمتی فتوا باسان۔ پیٹھ اتھ پوٚت منظرس منٛز ارجن دیو مجبوٗر ہِندی غأر ضروٗری سوال، نالِگہار دعوا تہٕ بے معنہٕ ڈلیلہٕ چھِ اتھ بحثس یہٕ ڈٕلِ زِ تہٕ غأر سنٛجیدٕ بناوان۔ نہٕ چھُ خیالن کانہہ ربط تہٕ جُملن کانہہ ترتیب۔ اماپوٚز حال حالے آیہٕ کأشرِ زبأنۍ ہِندِس سنٛجیدٕ تہٕ حساس محقق محمد یوسف ٹینگ ہِنٛز ''شُش رَنٛگ'' ناوٕ کِتاب بازرس منٛز ٹینگ صأب ہِنٛس ''حبہ خوتوٗن...... وأری وبن ستیٚ وارٕ چھَس نوٗ'' عنوانہٕ کِس مُقالس منٛز أری نہٕ مالہٕ ہِندِس بحثس نِوِ سرٕ پھیٚر دِتھ اکھ ہتھ تہٕ وُہ وٲری پزٕ وٕن اکھ توأریخی دستاویز پیش کران چھُ یمہٕ ستیٚ مذکورٕ بحث اکھ نوٚو موڑ تہٕ نوٚو منٛزِل پزٕ أوِتھ ہیکہٕ۔ توأریخی شہادت چھےٚ مشہوٗر یورپی محقق ہنٹن نولز (Hinton Knoweles) ہِنٛز مرتب کرمٕژ (A Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings) منٛز موجوٗد۔"

ڈاکٹر شاد رمضان نہٕ یمہٕ سُطرٕ چھہٕ اَنٛد وَنٛد سام ہیٚنہٕ پَتہٕ صاف تہٕ شودبن لفظن مَنٛز یہٕ ہاؤتھ دِوان زِ گوڑٕ گوڑٕ چھُ سُہ دؤیمہٕ دٔریٚک حاٚمی نظرِ یِوان۔ پَتہٕ چھُ امہٕ خیالہٕ نِشہٕ لوٚب ہیتھ یہٕ ونان زِ کاٚمل صاٲنٛز راے چھَنہٕ کانٛہہ حتمی فاصلہٕ تہٕ اُخرس پیٹھ۔ چھُ ٹینگ صاٲبس ستی یقرار کٔرِتھ دؤیمہٕ دٔرکہٕ ساٲری دعوا رد کران۔ وارٕ پٔرو شاد صاٲبن یہٕ اقتباس۔ ٹینگ صاٲب چھُ تی وَنان یہٕ اُرئ نہٕ مالہٕ مُتلِق عام خیال چھُ۔ یہٕ نہٕ کاٚمل صاٲب تہٕ تِمٕ ہِنٛدی ہمنوا ہرگز ونان چھہٕ۔

''کُلیات حبہٕ خاتون'' پَتہٕ یمہٕ کِتابہٕ وُنیٚکھ تام لیکھنہٕ آیہٕ تِمن مَنٛز چھَ ارجن دیو مجبوٗر ہِنٛز اُرئ نہٕ مال تہٕ اکھ۔ یم سوال تِمٕ اتھ مَنٛز پرٛژھیمتی چھہٕ تِمو مَنٛز چھہٕ بیشتر تحقیقی تہٕ تنقیدی طور اتھ موضوٗعس پیٹھ کاٚم کرن والین ہُنٛد ظون پاٚنسِ کُن پھِران۔ یمہٕ کِنہٕ ٹینگ صاٲب چھِنہٕ نٔہ یا ہٹہٕ مَتہٕ مجبوٗرس داد دِوان نٔہ کِہٕ اُکس جان نقاد سُنٛد فرٕض پوٗرٕ کران۔

جان ہنٹن نولزس (Jhon Hinton Knowles) اکھ اہم ثبوٗت بناوِتھ چھُ محمد یوٗسف ٹینگ ''شُش رَنٛگ'' (سَنہٕ چھاپ 2004) کِتابہٕ مَنٛز حبہٕ خوتونہٕ مُتلِق مضموٗنس اندر ضمیمہٕ نمبر 3 ہَس مَنٛز یم خیال بڑونہہ کُن انان:

> ''جان ہنٹن نولز اوس انگریز پادری۔ نصاریٰ کارِکُن بنِتھ آو کٔشیرِ یوٗہے 1880 مَنٛز ہیوٗ۔ کاشُرِ زباٚنی پیٹھ کوٚرُن عبوٗر حاصِل۔ کاٗشرِ بن لکہٕ کتھن ہِنٛز گوڈنیچ سوٗمبرن کٔرن انگریزی پاٚٹھی ترجمہٕ کٔرِتھ شایع۔ پَتہٕ لچھمن لل دیدٕ پیٹھ اکھ نفیس کِتاب۔ تِمٕ کٔر

کأشرِ بن محاورن، کہاوژن بیٚترِ ہٕنز گوڈنِچ ڈِکشنری انگریزی ترجمہٕ
سان 1985ءٕ منٛز شایع۔ یعنے از بڑوٛنہہ لگ بگ 120 وٕری۔ اتھ
ڈِکشنری منٛز چھِ میانہٕ خیالہٕ أری نہٕ مالہٕ ہٕنٛدِ وجوٗدُک تہٕ لَس ئتی
وأٹِتھ کتھن ہُنٛد گوڈنیُک ذِکر موٗجوٗد۔ یہٕ تہٕ چھُ وننہٕ آمُت زِ تمِس
اوس شعر گوئی ہُنٛد خوے تہٕ سو أس مُنشی بھوأنی داس (کاچرو) سٕنٛز
آشینٛز۔ تمُی چھنہٕ أری نہٕ مالہٕ ہُنٛد ناو ہیوٚتمُت مگر پننہٕ آیہٕ کتھ
دأیراوِتھ چھَن تمہٕ ئتی چھُ أری نہٕ مالہٕ ہُنٛد وجوٗد اعتبارس نکھہٕ
یِوان۔ أری نہٕ ہُنٛد مرن وٕری چھُ اٹھ سٹی پأٹھی 1800ءٕ مُقرر کرنہٕ
آمُت۔ امیُک مطلب گو زِ نولز صأبن آسہٕ ہے یہٕ تمہٕ وِزِ یوٗزمُت
یِیلہٕ یہٕ وُنہٕ زلہٕ وُنے آسہٕ ہے۔ مُنشی بھوأنی داس اوس
افغان وقتُک (1819-1755) اکھ بارسوٗخ تہٕ اختیار وول شخص۔
تسٕنٛد ناو ہینہٕ ئتی چھُ لگہٕ رِواجِ أری نہٕ مال پانہٕ موکھہٕ پربزلاوان۔
میانہٕ خیالہٕ چھُنہٕ یمہٕ حوالہٕ کس گاشہٕ۔ منٛدِنس منٛز یہٕ ونِچ گُنجأیِش
روزان...... "أری نہٕ مال ناوِچ چھُنہٕ ژکہٕ کانٛہہ کأشرِ گونماتھے
أسو۔" (کُلیات حبہ خوتون" کلچرل اکادمی)

صاف پأٹھی چھُ نَنان زِ یمِ ناطِق فتوی دِنہٕ وأل سُنٛد تحقیق کیُتھ چھُ۔ بہرحال
اصل عبارتُک ترجمہٕ چھُ یہٕ:

"ہٕنٛدر چھُس کتان ژٕنٛدر ڈیٖشِتھ بتہٕ ٹوک
ہٕنٛدر چھُم نہٕ یِوان ہِنٛدر گیِم پانٕس"

یہِ بأتھ چھُ (کشیرِ منز) کرہٹھ وقتہٕ پھِرنہٕ یِوان۔
''منشی بھوأنی داسن ژھُنی پننٕز آشِنز خبر کتھ اترس پیٹھ ژأوِتھ تہٕ گرِ
منز کڈِتھ۔ سو اُس لرِلوٗر مکانس منز پرِتھ دوہ یِندرِ کتان کتان یہِ
گِنگہِ راوان۔ اکہِ دوہہ یۆز تہندی خانہٕ دارَن یہِ بأتھ پننو کنو تہٕ
تِتے سۆزن تمِس ناد تہٕ بسأون پننہٕ گرِ بیٚیہ اکہِ لٹہِ۔''
(''شش رَنگ'' صفہٕ 296-297)

الغرض ہٕنٛزن نولز سُند بیان دِپدن تل تھأوِتھ چھُ یہِ اخذ کرنہٕ یِوان زِ
أرِی نہٕ مالہِ گٔذأری پننٕز اُخری زِندگی وأرِیِن منزٕ ے۔ مگر عام خیال چھُ یہِ زِ سو
اکہِ لٹہِ وأرِو ژأوِتھ مالِئین دۆبارٕ وأژ تمہِ گٔذأر پننٕز سأرِے زِندگی مرنس تام
علاحدگی منزٕ ے۔

أرِی نہٕ مالہِ ہِنٛدِ وژنہٕ تلہٕ یُس ترٕ ہٕنٛزن نولزن کوٚڈمت چھُ۔ سُہ چھنہٕ
ہرگز صحیح۔ دون بأژن درمیان علاحدگی ہِنٛدِس مالس ستؠ چھِہ کتی پہلوٗ وابستہٕ۔
یہِ چھنہٕ ہرگز ژمان زِ مرد سوزِ پننہٕ آشِنہٕ کأنسِہ اتھ شیٚچھ وَتھ گرِ پیٚیہ، سُہ وتھِ تہٕ
پیٚیہ گرِ واپس۔ سو کیاہ فقیر اُنی اُسا۔ سو اُس پننہٕ جایہِ راٚنی۔ یُس پنٛن بجر تہٕ
وِقار اوس۔

أرِی نہٕ مال اُس بے حد حساس۔ اکھ سبٹھاہ تیٚشل زنانہٕ۔ یُس پنٛن
اکھ اِگو (ego) اوس۔ پیٚنِس خانٛدارس ستؠ بے حد موحبتھ آسنہٕ باوجوٗد اوس نہٕ
یہِ ممکن سو کرے تہٕ یہِ نولز وَنان چھُ۔ نولز چھنہٕ بٔنٛن ہنٛز مخصوٗص تہذیبی زِندگی
ستؠ وأقف۔ تمُ سُند بیان چھنہٕ ہرگز ہٕتہِ وسُن لایق۔ بھوأنی داسس تہٕ اُس

أرکۍ نہٕ مالہِ ہنٛز بے حد ماے۔ مگر تٔس آسہِ بدلہٕ مجبوٗری یمو سٕہ پننہٕ مۄلہِ جہِ آشینہٕ نِشہِ دوٗر تھوٚو۔ سٕہ اوس تِتھٮ۪ن حکمرانَن ہنٛدِس دربارس تہٕ کامہِ کارَس سٍتۍ وابستہٕ یِم موموٗلی کتھن پیٹھ سرقلم کٔرِتھ نِوان أسۍ ڈلس پھلٕٹہٕ وان أسۍ یا وأرِث خانہٕ ہنٛدِس چاہسے منٛز دأرِتھ دِوان أسۍ۔ سٕہ رُوٗد اوٚ ہنٛگ نہٕ صرف بے حد مصروٗف تہٕ مشغوٗل بلکہِ سٮ۪ٹھاہ تن دِہی سان کأم کران۔ سوٗرے توجہ اوُسُس پٔتراوِہو کامہِ کارَس کُن۔ ییٚمہِ ہنٛگ سٕہ پنٛن ذأتی زِندگی مٕنٛز اُوِتھ پننہٕ خوش بوٗنہٕ آشینہٕ نِشہِ دوٗران گو۔ یَس سٍتۍ سٕہ نتہٕ بلکل لأرِتھ اوس۔ ہنٛزٕ نولز صأبَس چھنہٕ ہرگز تمن کتھن ہُنٛد احساس ییمہِ افغان دورس منٛز دزٕنٛتھی یوان آسہٕ۔ ماحوٗل اوس تیٚتھ خراب زِ زنانہٕ آسہٕ گرِچہِ چار دیوأری منٛز بنٛد روزان۔ تمن اوس گرِ نیبر نیرنک پھیرنک اِجازت سٮ۪ٹھاہ کم حأصِل۔ بٕتٮ۪ن منٛز اوس نہٕ دوٗیم خانٛدر کرِنک رواجے۔ یٔنٛدر اوس علاحدگی منٛز پنٛن پان مصروٗف تہٕ مشغوٗل تھاونک بوٚڈ ذٕریہِ۔ سٮ۪ٹھاہ بڑبن گرن ہنٛز زنانہٕ تہٕ آسہٕ یٔنٛدرس لأرِتھ۔ پنٛن پان مشغوٗل تھاوان۔ تمہِ آسہٕ نہٕ کینہٕ باپتھ شال دُسہٕ تیار کران۔ بلکہِ بڑٕ فخرٕ سان پننِس خانٛدارس یا گرِکٮ۪ن ٹاٹھٮ۪ن پیش کران۔ بے شک غریب زنانہٕ آسہٕ یٔنٛدرٕ سٍتۍ پوٗنسہٕ ژور تہٕ زیٹھ ہبکان۔ مگر اَسہِ بٕزِ نہٕ کُلی یتِن یٔنٛدر لاچأری، مُفلسی تہٕ تاوٕنٛز دوہ گذارنک علامتھ زانٕن۔ زنانہِ ہُنٛد پننِس سٍتۍ بأجس نِش الگ گوٚتھہِ نٕے چھُہ تپنٛدی خأطرٕ اکھ بوٚڈ تاوَن۔ خاص کر تمن دوہَن یٮ۪لہِ بٕٹہٕ زنانہٕ سٮ۪ٹھاہ عجیب حالاتَن منٛز پنٕنٛز زِندگی گذاران آسہٕ۔ دوٗیم خانٛدر آسنہٕ کران۔

موٗمِن صأبَس چھےٚ نِشاط باغ کِس نکھہٕ ڈکھہٕ علاقس ستیٖ اکھ سٔنٛز وابستگی روٗ زمٕژ۔ کیاہ پتاہ سُہ ما اوس اَپأری کُنہِ علاقُک روزَن وول؟ حالانکہِ عام پأٹھی چھہِ أسی یِی بوزان آمِتیٖ زِ سُہ اوس بہہٕ گامُک بسکین۔ مگر یہِ کتھ چھےٚ سبکہٕ زِ سُہ اوس محموٗد گأمی سُند ہمکال۔ تہٕ سأرِی أسِس بڈٕ یِزت تہٕ احترام کران۔ گوڈٕ روٗد فارسی زبأنۍ مَنٛزٕ شار ونان۔ مگر پَتہٕ پھیوٚر کأشرِس کُن۔ تہٕ جَرِن ماجہِ زبأنۍ تہِ اَدبَس تَم لال یِم ووٚنڈٕ دژایَس۔ محموٗد گأمی یَن کوٚر فارسی طرزس پیٹھ ڈٔلیلہٕ یا قِصہِ بوزٕناونک لٔیہہٕ وُن فن شوٗروٗ یَتھ مثنوی ونان چھہِ۔ تٔمۍ لیچھہِ کٔژ مثنوی یِمن مَنٛز یوٗسف زُلیخا، شرین خسروٗ بیتٕر مثنوی شأمِل چھہِ تہٕ تژأوِکھ اَکھ اکھ أرتہٕ ذٔرٕ بُنیاد۔ تٔمۍ سُند امہِ قِسمُک تجرُبہٕ روٗد سبٹھاہ کامیاب۔ موٗمِن صأبَن کوٚر تِتھین تجرُبن مَنٛز ''اکہٕ نَنٛدُن'' لیکھِتھ اکھ بوٚڈ زتنہِ زوٗل یُس سبٹھاہ مقبوٗل سپُد۔ تٔمۍ أنۍ اکھ نٔو نِہج بارسَس یَتھ تَس پَتہٕ یِنہٕ والیو کأتیو شأیِرو تہٕ لِکھاریو اتھہِ دور تہِ پٔنٕنہِ أنہٕ مانٕہٕ تہٕ مقدوٗر موٗجوٗب سبٹھاہ مولُل برٔژر کوٚر۔ یِمن گونماتن مَنٛز چھہِ پٔرکاش بٹ، بہوٗدُر گنے، رمضان بٹ، صمد میر، تارا چند بِسمِل، احد زرگر تہٕ صمد جان شأمِل۔ یِمو اکہٕ نَنٛدُن پٔنُن موضوٗع بنوو۔

کأشرِس عوامَس مَنٛز اکہٕ نَنٛدٕنِچ بے حد مقبوٗلیت تہٕ دِلچسپی وُچھِتھ لیکھی کینٛژو ڈرٛاما نِگارو اتھ کہأنی پیٹھ پٔنٕنۍ ڈرٛاما تہِ دِتِکھ عُشقہٕ پیچان چھہِ رزٕ مزید زیٛچھر تہٕ پوٚچھر۔ یِیمیُک ڈٔسلابہٕ موٗمِن صأبن کوٚر مُت اوس۔ ڈرٛاما لیکھن والین یِمن لِکھارین مَنٛز چھہِ دینا ناتھ موٚدریر، شفیع شفایِی، غلام رسول سنتوش، موتی لعل کیموٗ تہٕ محمد سُبحان بھگت شأمِل۔ شفایِی سُند ڈرٛاما چھُ ریڈیو پیٹھ نشر

سَپُدمُت۔ باقی کینہہ چھہِ باظاُبطہٕ سٹیج سَپدٕ مِتۍ۔ سنتوش نہٕ ڈرامکۍ ہدایت کار اُسۍ مکھن لعل صراف تہٕ یہ آو کشمیر تھیٹر طرفہٕ سبٹھاہ چاوٕ سان پیش کرنہٕ۔ مہمان خصوٗصی اُسۍ شیخ محمد عبداللہ۔ سنتوشن چھُ یہ ڈراما احد زرگر سٕنڈِس اکہٕ نَنٛدٕ‌ِس بُنیاد بناوِتھ لیٛو کھمُت۔

بھوٗدُر گنے سُنٛد اکہٕ نَنٛدُن چھُ موٗمن صاٗبنہٕ اکہٕ نَنٛدٕ نہٕ پتہٕ وارِیاہ کاٗلۍ لیکھنہٕ آمُت۔ بھوٗدر گنے چھُ ڈوٗگرٕ مہاراج پرٛتاپ سِنگھ نہٕ دورُک پاٗداوار یُس 1885ہٕ پیٹھہٕ 1925ہٕ سنَس تام روزان چھُ۔ اُمۍ چھُ ہری سنگھن دور تہٕ کم زیادٕ وُچھمُت۔ بھوٗدر گنےٚ اوس پنٛچ کار کران یہ زَن ناوٕ تلے ظاہر چھُ۔ سُہ اوس ملارٹہٕ خانیار دُکان ییہان۔ عام پاٗٹھۍ اوس سُہ تمن دوہَن دٗوہۍ دوہَس مسا اکھ کٹھا کِنان۔ مگر دپان اکہٕ دوہہ ییلہٕ سُہ دُپچہٕ اَکہ بجہٕ سوٗرے کٹھ کِنِتھ موکہٕ لوٕ۔ تہٕ لُکن ہنٛز تھپہٕ تھف تہٕ ترٛپہٕ ترٛپھ اُس جاٗری۔ حالانکہِ نہٕ اُس عید تہٕ نہٕ کانٛہہ بوٚڈ دوہ۔ سُہ گابریو۔ خیال آس یم لُکھ کھمن تس تہٕ۔ رِوایتھ چھےٚ یہِ زِ تمۍ ترٛوو اَمۍ دوہہ پنٛچ کار کرُن تہٕ سَپُد روٗحانیتَس منٛز پوٚرٕ پاٗٹھۍ جذب۔ یمن سارِنے کتھن ہنٛز باوَتھ اوس پننہٕ خاص انداز نیٹیٛک رحمان داریل گران۔ یُس پانہٕ تہٕ پنٛچ اوس تہٕ شار تہٕ ونان اوس۔ اُمۍ سُنٛد کم زیادٕ کلامہٕ چھُ "یَنٛدرازُن دربار" ناوٕ چھاپ سَپدیومُت۔ سُہ اوس نمتہٕ ہیوٚر واٗتسہٕ تمہٕ ساتہٕ ییلہٕ یہ اُمس سمکھیوٚس۔ مےٚ سۍتۍ اوس محموٗد احمد اند راٗبۍ (سابقہٕ ایڈٹر اُردو شیرازٕ) تہٕ غلام رسوٗل داریل (یُس ریڈیوہَس منٛز تم دوہَن پرٛوڈکشن اسسٹنٹ اوس)۔ دپان وینچہٕ بڑاٗرِس منٛز چھےٚ اکھ جاے سو یتھ "بھوٗدر گنے سُنٛد کڈٕل" ونان چھہِ۔ مےٚ

چھُنہٕ یہِ پانہٕ وُچھمُت۔ مگر موہَن لعل آتشؔ کوٚر اَتھ کتھِ تصدیق زِ اَمہِ ناوِچ چھےٚ اکھ جاے تہِ ضرورٕ۔ اتھ پس منظرس منٛز چھِ بہوٗدٕر گنے یَس مُتلق مزید تحقیقچ خبر زانہٕ نچ بے حد گنجائش موجوٗد۔

بہوٗدٕر گنے سُنٛد اکھ نَنٛدُن چھُ گوڈٕ غلام محمد نور محمد کتاب فروشن چھپوومُت۔ مےٚ نِش اُس اَمِچ اکھ کاپی۔ مگر یہِ سپٕز نذرِ آتش ییٚلہِ مکانٕس نار لوٚگ۔ پرٛوفیسر محی الدین حاجنی یَن یُس بہوٗدٕر گنے سُنٛد اکھ نَنٛدُن کستام داستان گوہَس نِش بوٗزِتھ ترتیب دیُتمُت چھُ۔ تتھ تہِ غلام محمد نوٗر محمد ہِنٛدِ ڈیسی چھاپ سپدِمتِس نُسخس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ خاص فرق۔

بہوٗدٕر گنے سُنٛد یہِ سوٗرُے ذِکر پیوم اِو موکھ کرُن تِکیازِ کینٛہہ شخصو اُسی اَتھی سارِوے کھوتہِ پرٛوٗن اکھ نَنٛدُن زانان۔ یُس اَسہِ نِش رٕژھرِتھ چھُ۔ مگر یہِ چھُنہٕ حقیقتھ۔

موٗمِن صاٲبن سوٗرُے کلام چھُنہٕ اَسہِ تام ووٗتمُت۔ اَماپوٚز یہِ کم قلیل کلامہٕ اَسہِ نِش موٗجوٗد چھُ تمہِ تلہٕ چھُ یہِ نوٚن پرٛان زِ سُہ اوس صوٗفی عملہِ منٛز وارِیاہ بڈٕ وٕنہہ دزامُت۔

نبرے اَنٛدر اَڑھ کاڈٕڑاہ بڈی پَرٛھ
وُچھ، ہَن شہنشاہ لوٚبتھ ژٔے لوٚبتھ کیٛاہ؟



سُے گوٚیو چھتہِ یَس راوِ نو کتہِ گرھبس سوٚختہٕ وَنے کیٛاہ



پیٚتی گو اکہِ نَنٛدُن تی آو یہِ حال ڈیشِتھ موٗمن حاٗرتن ژاو



موٗمنو پتھ رٹھ زو قطرس ڈرِیا وگو الفقرو مِنالہ، لوٚبتھے ژےٚ لوٚنہر کیاہ؟



مُفت چھا ٹھہرن عشقنہٕ ژنجے رژہِ رژہِ ماز ہیٚونٕے لو



اوٚگنٕے سَپُن تو دوگنیار ژاو پانہٕ منٛز پان پزٕ بزناو ولو
ووٚڈھ ژٕ عشقن ژھٹھ دِتھ وژاو میٚوٕ جامہٕ گنٛڈِتھ آو ولو
بیرنگ پانٕے ہر رَنگ آوو پانہٕ منٛز پان پزٕ بزناو ولو

وَژُن چھُ بے شک موٗمن صاٗبنۍ اکھ ٹاٹھ صِنف روٗزمٕژ۔ تٔمۍ چھَ پنٕنہٕ خوبصوٗرت معنے خیز ذیٚہنی لہرٕ سبٹھاہ موثر طریقس منٛز أتھۍ منٛز آباد کٔرمٕژ۔ یِمن منٛز اکھ مولہٕ وِنۍ نزاکتھ تہٕ دِل نشیٖنی دوٗرِ ناپان چھے۔

اکہٕ نَنٛدُن چھُ کٔشیرِ ہنٛز اکھ پزٲنۍ لُکہٕ کتھ۔ یوسہٕ سبٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھہٕ لُکن ہنٛدِ بن دِلن منٛز جاے بُسِتھ روٗز۔ یوسہٕ بڈٕ دِلدوٗز تہٕ دِلچسپ چھَ۔ اَمیُک مرکزی خیال چھُ مُلہٕ تلہٕ دُنیاہَس منٛز ستۍ تہٕ أتری منٛزی (Attached) أستھ تہٕ اَلگ تہٕ علاحدٕ (Detached) روزنُک درٕس دِوان۔ یہٕ کٔرُن چھُ بے شک سبٹھاہ مُشکل۔ اَماپوٚز مختلف چیزن ہنٛز بے حد مالۍ تہٕ اژھبنہٕ وابستگی چھَ اِنسانَس ماران تہٕ تہٕ ماٗدیت پَسنٛدی ہنٛز بُنیاد بُنِتھ بے حد لاچ شکل پزاوان۔ حضرت ابراہیمَس ستۍ وابستہٕ اسلامی روایژن منٛز چھُ اتھ فلسفس ستۍ اکھ سوٗن

ہِشر لبنہٕ پِوان۔ حضرت ابراہیم ہنٛز لاجواب قوربانی چھےٚ پننہٕ قسمچ اکھ منفرد تہٕ تھزٕ مِثال یُس پننس ٹاٹھس فرزند حضرت اسماعلیس پننو اتھو خودایہٕ ہنٛزِ رضا پوٗرٕ کرنہٕ موکھہٕ زبح کران چھےٚ۔ دراصل چھہِ یہے تِم انہار یمو کاشرِ بن شاعرن تہٕ ڈرامانِگارن پننہٕ پننہٕ انداز پننہٕ تخلیقات لیکھنچہٕ عملِ وِزِش دِیُت۔

مومن صابَن چھنہٕ پننس اکہٕ نٔنٛدَس منٛز کتھہٕ زیادٕ واہراو دِتُمُت۔ پوٗرٕ مثنوی چھےٚ کُل بِل پٔنٛداہَن شراہَن صفَن پیٹھ مشتمل۔ ڈلیلہٕ ہنٛدِ بن بیٚون بیٚون مقامن تہٕ مرحلن ہنٛز تیٚنہٕ وَن چھےٚ فارسی نثرس منٛز دِنہٕ آمٕژ۔ شاعرن چھےٚ پٔنُن سورُے زور پنٛڈت، بٹنہٕ تہٕ جوگس پیٹھ دِتُمُت۔ تہٕ یہے چھہِ تِم ترٛے کردار یِم مومن صاب نہٕ امہٕ کہانی ہنٛز یٔنٛز تہٕ راد پوٗرٕ کران چھہِ۔

مومن صاب چھےٚ ڈلیلہٕ ہنٛد گوڈٕ یٚیمہٕ حمدٕ سٟتؠ ہوان۔

ڈیوٗ حمد اہ اول تس پاکِ ذاتَس چھےٚ رُت سُے جلوٕ پانے کاینٲتس
یہٕ قوودرت چھے سُہ وأتھ دانہٕ دانَس صِفتھ چھی بیشمار تَس بے نِشانَس
گلن تٔمی ہنٛز چھےٚ وأتھ کاینٲتَس پلن تٔمی ہنٛز چھےٚ وأتھ ذرٕ ذرأتس
گٕرن بیٚون بیٚون شکل بیٚون بیٚون دُکانَن سِتارٕ شوٗب تھاوِن آسمانَن

پَس از حمدِ الٰہی تھاوتو گوش
ڈلیلاہ چھُم وٕنٛز تہٕ تھاوِتو ہوش

امہٕ حمدٕ سٟتؠ چھےٚ شاعر اصل ڈلیل شوٗروٗ کران۔ مومن صاب چھےٚ مختلف کردارن ہنٛز وَن وکھنے کران پنٛڈتَس مُتلق یہٕ کتھ باوان زِ سُہ اوس ہیٚنٛدِ بن منٛز سبٹھاہ قوی دست۔ تس مقابلہٕ اُسی باقی ساری سبٹھاہ پست۔ سُہ یُتھے

عائلم اوس تتھُے اوس سخی تہِ۔ تَس یہِ اولادِ رٔنگی شُر کوٚٹ اوس تمہِ آسہِ کورِ ستھ۔ دوشوٕنی بأژن مطلب پنڈتَس تہِ بٹنہِ اوس سخ طماہ زِ تِمن گوژھ نچوٗ اتہِ آسُن۔ یٖیمہِ موٗجوٗب دوشوٕنی ہنٛز سخاوت گٔیہِ ہُربر لبان۔ تِم رٕوٗدی جوٗگین پتہِ پتہِ پھیران۔ أتھی منٛز چھُ اکھ باکمال جوٗگیا نموٗدار سَپدان۔ یُس تِمن تسلی دِوان چھُ زِ تِہنٛز خاہش سَپدِ جلد پوٗر۔ مگر شرط چھُ اکھ سُہ شُر پیٚیہِ تِمن بہہِ وٕہری واپس گرُن۔ پنڈت تہِ بٹنٛی چھُ زیادِ سوچنے گرِنے آنکار گران۔ جلدِے چھُ یِہنٛدِ گرِ اکھ نچوٗ تھنہِ پیوان۔ تہِ تِم چھِ بے حد شاد سَپدان۔ مأج چھنہِ أمِس لختِ جگرِ سُنٛد بُتھ تہِ اَسُن وُچھِتھ ٹھُٹھی یِوان۔

موٗمن صأب چھُ ڈٕلیلہِ ہُنٛد یہِ مرحلہِ سبٹھاہ خوبصوٗرتی سان وکھناوان۔ مِصرن تہِ شارن ہنٛز تٕلہِ تژاو چھَ خوش یِوٗنی۔

| | |
|---|---|
| وَدَن وِزِ لوٗگُٹ اوس موختہِ ہارن | وَدَن ڈٕیشتھ بٹنٛی أس پان مارَن |
| گرِکھ شأدی سبٹھاہ وأیکھ مَنأوی | دِپان زاو نوٗر دیِدِ آو أدی |
| زِ چشمہِ آسہِ زَن تازِ یٖمبرزل | گُمتی بمار آہو رٕوٗد جنٛگل |
| صِفاتَس روے اوسُے روے پُرنوٗر | تن أسس نأوِتھے اَز بوے کوفوٗر |
| اتھِ کھور أسی تِمی ہٕنٛدی پوشہِ مالہِ | وُچھِتھ دردِ دِل رٔٹتھ چھے داغ لالہِ |
| وُچھِتھ چیٚشمہِ سَپدِمُت سحر میہوٗت | کھٔٹتھ در چالا رٕوٗد ہأرِتھ و ماروت[1] |

فِکر کر موٗمنو وُچھ دردِ اولاد

ژٔٹتھ تژاوان زِ ایمان مثِل فولاد

[1] أکس فرشتہِ سُنٛد ناو یُس ہاروتن دوست اوس۔

لختِ جگر سُند شوٗبہِ دار تہٕ مُناسِب ناو تجویز کرنہٕ خاطرٕ چھُ بڈٕ بڈٕ
جوتشن تہٕ گوٗروٗجی بُلاونہٕ یِوان۔ موہن صابن یتھ پاٹھی یہٕ سین (منظر)
لفظن منٛز ژھانٛپِتھ نوومُت چھُ۔ سُہ چھُ بوزنس لایق:

اُنی تمیٚ گور سوٚمبرِتھ ژاٗرِ ژاٗری | نجم[1] جوٚتش سوٚمبرِتھ تہٕ ساٗری
دِتِک تمیٚ دیار سارِنے تھالہٕ تھالہٕ | دِژن کیٚنٛژن بیٚیہٕ موختہٕ مالہٕ
ہنودِے جوتشنے کُن پکان آو | مےٚ زامُت چھُم گوٚبُر تمیٚ ہے کرِو ناو
یہٕ تحمل وۄن دِہو بیٚون بیٚون کِتابن | حِساب بوٗزِتھ حِساب بوٗزِو حِسابن
حِساب بوٗزِتھ حِسابس منٛز کوٚرُکھ طے | اکہٕ نٔنٛدُن تموٚ تَس ناو کوٚرِ ہے
سِتارِ آو تمیٚ ہے بُرج[2] میزان | حِساب بوٗزِو چھے کاٗنٛسہٕ علم زان
سپُن حُسنس اندر مشہوٗر تاجین | وُچھنی آیہٕ تَس کم کم سلاطین

دٔلیل چھےٚ تتھ مُقامس پیٹھ واتِتھ سبٹھاہ حاٗبتھ ناک تہٕ غضب ناک بنان ییٚتِھن بہہٕ ؤہرِ جوٚگی اکہٕ نٔنٛدرنس ماٗلِس ماجہِ سُہ واہ ژیٛتِس پاوان چھُ یُس تموتَس سِتی کوٚرمُت چھُ۔ جوٚگی چھُ تمن پنُن ٹوٹھ اولادتس حوالہٕ کرنہٕ خاٗطرٕ ونان۔ سُہ تہٕ نہٕ زِنٛدٕ پانے ملکہٕ یتھٕ پاٹھی سُہ وننکھ تتھے پاٹھی۔ جوٚگی یہٕ کیٚنٛژھا تمن کرُن ونان چھُ سُہ چھُ سبٹھاہ غاٗر واجِب (Morbid) تہٕ عجیب۔ اکھ باہ ؤہُر پوشہٕ تھُر ہیٚوٗ شُرگنہٕ گنہٕ کرُن۔ تمیٚ سُند ماز رنٛن تہٕ پاکہٕ ناوُن۔ تہٕ پتہٕ تھاٗلس منٛز کھینہٕ باپتھ شیرُن۔ یہٕ چھُ یقیٖنَن زیادتی تہٕ بدمزاجی ہُنٛد اِنتہا۔ موہن صاٗبس تہٕ چھنہٕ پاٗنس یہٕ ژمان مگر کرِ کیاہ۔ سُہ چھُ اتھ وَن وکھنے دٔلیل

[1] نجومی، سِتارٕ شناس۔ [2] سو راش یتھ ہِندی زبانہِ منٛز تُلا (توٗل) تہٕ انگریزی یَس منٛز لیبرا (Libra) ونان چھِ۔

ہُنٛد دَم تہٕ خم برقرار تھاونہٕ موکھہٕ ییٚن چھ شبھاہ پرٛکھ لفظن منٛز کران:

دَپان القصہٕ اُنۍ تم جۄگیَن زیر　　اکہٕ نَنٛدُن رٔنٛتھ اُنۍ توم میٚنۍ گو ژیر

ہٚنٛز اوٚش اُس حژاوان ژالہٕ ژالہٕ　　اکہٕ نَنٛدُن رٔنٛتھ کوٗرُس حوالہٕ

مُشک تَس جۄگیس آو گو خوشالہٕ　　رٔنٛتھ اوٚن ہَس ژھنِتھ ساٗری مسالہٕ

بٹنہٕ دوٗپنَس رٔنٛتھ اوٚنمے ژٕ وَتھ نیر　　ژٕ کھمن گنہٕ جلیہٕ گوھ وَتھ مہٕ اَن زیر

دوٗپنَس تمۍ جۄگیَن گن نے گرٛھُن چھم　　اَنٛدر ییتھ آنگنس چاَنُس نوٗن چھم

دوٗپنَس تمۍ جۄگیَن ناٹہٕ نبر کڈ　　مےٚ چھم کیٚنٛژھون مِسکیٖنَن برٛنٛۍ یڈ

یہٕ بۄزِتھ تَس بٹنہٕ گو منٛدِعمن شام　　کران آس لبلہٕ پڑان اُس رام رام

ستن کوربن ستن بانَن گوڈٕنۍ لد　　ہبلکھ یۄتاہ تیٚوتاہ کر وَدِ وَد

بیٚنہٕ لد پانسے بیٚنہٕ خانٛدارس　　گوھے خوش سُے مےٚ نابہٕ کارس

بیٚنہٕ اکہٕ نَنٛدُنس تہٕ پادشاس　　برابر باہ حِصہٕ کرس تیٚوتُے بَس

تِتھے پاٹھۍ یِہےَ باہ حِصہٕ تھاوِو　　اکہٕ نَنٛدُنس گوھو تُہۍ ناد لاٚیو

بٹنہٕ وۄنہٕ نَس مژر کۄتاہ ونان چھکھ　　مزاہ پتھہٕ اما ژٕ آکھ تور ونان چھکھ

بنو تَس ژاٹہٕ ہالہٕ لوے بیٚنہٕ ناد　　وُچھکھ نوٗ بویا پٔن، تل ہُوے کرکہٕ ناد

لبےَ گن دِتھ نظر جۄگی نبرَ دڑاو　　لبےَ اَنٛدرٕ رے اکہٕ نَنٛدُن پھٹِتھ دڑاو

نہٕ گنہٕ ییمہٕ ناٹہٕ تہٕ نہٕ رۄد گوساٗنۍ　　خوداین کوسنک غم لبلہٕ تہٕ واٗنۍ

وُچھوتَس بے نیازس ہنٛز بے نیاٗزی　　وُچھو تَس کار سازٕ ہنٛز کار ساٗزی

ییٚتۍ گو اکہٕ نَنٛدُن تتی آو　　یہٕ حال ڈیٚشتھ مومن حاٗرٕتن ژاو

مومن صاٗبُن اکہٕ نَنٛدُن چھُ دراصل اتی خم سَپدان۔ امہٕ پَتہٕ چھُ ژٕ

غزلہٕ دژ ہیٚتھ یِوان۔ اکھ کاشرِس مَنٛز تہٕ بیاکھ فارسی یَس مَنٛز یِمن مَنٛز ورگہٕ پأٹھۍ تِمنے سپرن تہٕ اسرارَن کُن اِشارٕ گرنہٕ آمُت چھُ یِہُنٛد ڈیکہٕ ٹِکہٕ تہٕ زُو تہٕ جان کأشر پأٹھۍ اکہٕ نَنٛدُن ناوٕچ دٔلیل چھےٚ:

یِم سوخن شرہن یُزِتھ بَنٛد ساز تے سنطوٗر گو

پوشہٕ نُولن مُٹھۍ نالہٕ در گلزارٕ ے



خود بخود اَنٛی انالالہٕ لگۍ پرنے وُچھ یِمو

دژاو مومِن نالہٕ دِوان برسرِ بازار ہے

مومِن صأبَس پتہٕ یِم اکہٕ نَنٛدُن شارَن مَنٛز لیکھنہٕ آیہٕ تِمن مَنٛز چھُ صمد جان سُنٛد اکہٕ نَنٛدُن سارِوے پٔتِم۔ یہٕ چھُ سبٹھاہ موخصر۔ یہٕ چھُ چھاپ سَپدیومُت تہٕ مےٚ نِش اُس امِچ اکھ کأپی۔ مگر اتھ گو فۆ فۆ یِیلہٕ سانہٕ غأر حأضِری مَنٛز 1992ہٕ سَنَس مَنٛز نرپرستانس انڈرکیٚشِون گرن یِکہٕ وٹہٕ لُٹش لُجی۔ مےٚ چھُ پۆرٕ یقین جان صأب نہٕ اکہٕ نَنٛدٕچ کأپی سپد کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ جایہٕ صنوروٗر دستیاب۔ یۆ دوَے ژھأر کرنہٕ یِیہٕ۔ جان خانداَنس ستۍ وابستہٕ چھِ کیٚہہ گرٕ پۆرٕ وادی مَنٛز۔ یِمن نِش ہیکن نہٕ صِرف صمد جانس مُتلق بہتر تفصلات میلِتھ۔ اماپۆز امِچ کأپی تہٕ۔ صمد جانَن چھِ پنٕنِس لختِ جگر ہنٛدِس موتس پیٹھ اکھ بأتھ تہٕ دِل پھُٹِتھ وۆنمُت:

عید آیِم تہٕ تأریف کرِیو لوسہٕ نأوِتھس مَس پیالہٕ برِیو

روبنہٕ مُژرِلِس گۆرٕ گۆرٕ کرِیو لوسہٕ نأوِتھس مَس پیالہٕ برِیو

صمد جانَس چھُ مُلہِ تلہِ پتُن سبتھاہ ٹوٹھ جگر کھونٹ عیذ ہندِس بڈِس دوہَس پیٹھ یاد پیوان۔ سأری ہے پانَس چھُس عجیب وَگ وُبدر ٹلان:

سَجدِ رووُم کوٗر تھس حأران　　کأژ زونا آیم دوران

اَمہِ زوٗنہِ وُچھ سأ لاہ کرِیو　　لوسہِ نأوِتھس مَس پیالہِ برِیو

تمی چھُ اتھ بأتس منز پنُن اندرِم مژر تہٕ تژر بوومُت۔

احد زرگرس تہِ چھُ دراصل تتھے وأری داتن پنُن ''اکہِ نندُرن'' لیکھنہٕ کِس جذبَس زیر دِژہو۔ اَمہِ کتھِ ہنز باوَتھ کُر زرگر صأبن پانہٕ مےٚ نِش۔ تمی سُند زیٹھ ہیُو لڑکہِ چھُ لوکچار پانئے تس نِش ژھینہٕ گومُت، یُس تَس پوٚرِ وُمرِ اَندری پانَس زِلان روٗد۔ تمی وۄن بڈِ دوکھ سان: ''مےٚ اوس تو تتھ تامتھ باسان زِ یہِ ہیکہِ کینٛہہ تہِ کرِتھ۔ فلک اَسم نہٕ فکری کھسان۔ مگر ییلہِ یہِ وأری دات سپد۔ دِل تہٕ جگر ژھنم۔ مےٚ توٚر فکری زِ یہِ کتنِن چھُس۔''

بہرحال یوٚ تام مومن صأبنہٕ اکہِ نندُرنک توٗلُق چھُ اتھ منز چھُ صوٗفی یا روٗحأنی عملِ ہندی روٗح رُکانہٕ جایہِ جایہِ پانَس کُن ظون پھِران۔ تہِ واریاہ کینٛہہ سوچنَس پیٹھ مجبوٗر کران۔ مثلن یہِ شار نی تون:

مومن شاہ صاحبِ حال　　رُتھ نالہِ یہِ دُری یاو

فقط کینٛژن لفظن منز چھُ مومن صأبن پننہِ شأیرانہٕ زورِ کمالہِ ستی روٗحأنی خیالن ہُند اکھ بوٚڈ سمندر بند کرِتھ بڑونہہ کُن اوٗنمُت۔ اتھ پیٹھ ہیٚن دفترن ہندی دفتر لیکھنہٕ۔ شأیر سُند اعتماد چھُ بذاتِ خود یمہِ کتھِ ہنز باوَتھ کران زِ سُہ کتھ تھزرس پیٹھ اوس روٗحانیتس منز رووُمت۔ ''نالہِ رتُن دُری یاوٗ'' یم لفظ چھِ بے

حد داد دِنس لایق ۔ یہنز بُنیاد چھےٚ اَکِس ذاتی تجربَس پٹھ دٕرِتھ صاف لبنہٕ یِوان۔ یہ چھُنہٕ کُنہٕ کِنہٕ اکھ ووزُم ووزُو جذبہ یا احساس باسان۔ صوٗفی عملہٕ منٛز چھُ مقام حٲرت اکھ سُہ مُقام یمہٕ پتہٕ ذاتِ حقیقی ہنٛز اصل تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ زان حاصل کرٕنس منٛز سبتھاہ نزدیکی سپدان چھےٚ۔ مومن صاب چھُ امی پرٕزُک پےٚ یتھ شارس منٛز دِوان:

پیٚتی گو اکہٕ نندُن تتی آو    یہ حال ڈیشتھ مومن حٲرتن ژاو

احمد بٹوٲری چھُ امی مقامچ کتھ کران ونان:

احاطہٕ کوٚر حٲرِتن تے    شِنٛزیَس ژاویس لنٛدار[1]

شِنٛیاہہٕ پکھ بزوٗنٛھ پہَن تے    وَحدتہٕ لبکھ اَدِ تار

وہاب کھارُن اکھ پوٗرٕ نظم چھُ "مقام، حٲرتس" پیٹھ یُس پرٕنَس لایق چھُ:

مَس یَنہٕ چوونَس اَمی ساقین تے    چھَس حٲرتن تے وُچھِتھ حٲرتھ
تتہٕ نسا درکار زیو یا گن تے    تتہٕ نو منگنے ساس یا ہتھ
تتہٕ کوٚر یکسان اخلاص تے    چھَس حٲرتن تے وُچھِتھ حٲرتھ
جوٗرِکس تہٕ شِنٛزیَس چھےٚ مِلہٕ وَن تے    وٲرانہٕ نیرِتھ وُچھ وَحدت
کثرت تور چھُنہٕ سُہ چھُ تمہٕ بیوٗن تے    چھَس حٲرتن وُچھِتھ حٲرتھ

یمن سارِنے شاعرن متلق یوٗت لیکھنک ضروٗرتھ چھُ تیوٗت آو نہٕ اوکُن توجہ دِنہٕ۔ یمن سارِنے چھےٚ پنٛنز اکھ زبان پنٛنز اکھ ادا۔ تہٕ پنُن فنی زو زبتہٕ۔ یُس مأرِک موفد تہٕ چھُ تہٕ لوٗبہٕ وُن تہٕ۔

[1] لنٛدر

مثنوی لیکھن واٲلۍ ساری شاعِر چھِ بیانیہٕ شاعری ہِندِس زومرس منٛز یِوان۔ یِہنٛدۍ وَتہٕ پٔدۍ چھےٚ سوکتھ، دٔلیل یا کہانی مُتشخص کران یوسہٕ تَم وننہٕ خاطرٕ ژاران چھِ۔ ظاہِر چھُ سبٹھاہ کم چھُ ہبکان گُل ریز، ہش مثنوی لیکھتھ۔ ووٚنۍ گو باقی مثنوی لیکھن والین شاعرن ہُنٛد دبُت ہبکہٕ نہٕ کُنہٕ کٔنۍ مُشراونہٕ یِتھ۔ یِمو اتھ فنس پٔنٛنۍ پاٹھۍ زِتنہٕ زٔول کوٚرتھ اتھ سِلسِلس منٛز چھُ اکہٕ نٔندٕن ناوِچن کاشرِ بن مثنوی یَن پٔنٛن اہم پاے حاصِل۔ یِمو پننہٕ اُکس پرانہٕ مُقامی یا لُکہٕ کتھی زٔول کوٚر۔ تہٕ اکھ نوٚو مشالۍ گاشراو۔ مومن صاب چھِ امہٕ لحاظہٕ کاشرِ شاعری ہُنٛد اکھ بوٚڈ علم بردار۔



**مُصنِف سٕنٛز کتاب یِمہٕ چھپیمٕ چھےٚ**

(۱) تبرُک (توبرُک): افسانن ہٕنٛز گوڈنیچ سومبرن

(۲) کاشرِ ادبٕچ تاریخ: جلد اکھ: گوڈٕ کالہٕ پیٹھٕ الہٕ پلہٕ ۱۸۰۰ عیسوی تام

(۳) کاشُر نثر: چھاپ ریاستی کلچرل اکادمی

لِکھاری: اوتار کرشن رہبر تہٕ

غلام نبی خیالؔ

(۴) ییلہٕ پڑدٕ ووتھ: افسانن ہٕنٛز دوٚیِم سومبرن

(۵) موختہٕ لَر: بچن ہٕنٛدِ خاطرٕ میچھ کتھ

لِکھاری: اوتار کرشن رہبر تہٕ

ناجی منوّر

# کأشرِ زبأنۍ منٛز تحقیق

تحقیق چھُ پننہِ وۄجوٗدُک باس، پنٛن پان، پنٛن اوند پۄکھ تہٕ پنٕنۍ ذاتھ بُتراتھ پرٛزٕناوُنک ناو۔ تحقیق چھُ پنٛن پتھ کال زأنتھ تہٕ پکھأنتھ پننۍ تہذیبی تہٕ ثقافتی زِندگی شیرُنک تہٕ پأرنک تہٕ رَچھنُک تہٕ رٹٕھرُنک ناو۔ یۄ دوَے تہذیب گُنہِ قومہِ کُس مخصوٗص لَسنہٕ بَسنہٕ کُس طریقس ناو دِمو کلچر چھُ سُہ پوشِ یُس یمَن طور طریقن ہنٛز خوٗبصورتی تہٕ خوش بوے ظأہر کران چھُ۔ تہٕ زبان چھےٚ اَمہِ پوشُک روح تہٕ عُطر تہٕ أندریُم ہَر تہٕ تر۔ مگر کأشرِ قومُک بۄڈ المیہ چھُ یہِ زِ سبٹھاہ پَتھ کالہٕ پٮ۪ٹھٕ ازتام آو یہِ رۄح دوہے گال کھاتَس تراونہٕ۔

تحقیق چھُ اکھ مُشکل کار۔ یہِ چھُ شار گویی، ناول نویسی تہٕ ڈرٛاما نِگأری تہٕ دۄیمو فنو نِشہِ وارِیاہ مختلف۔ اَمہِ خاطرٕ ییٚتہٕ اِنسانَس وٚسی مُطالہٕ، سون مُشاہدٕ، توأریخ، تمدن تہٕ مختلف موضوٗعَن تہٕ فنَن ہنٛز زَبر پأری زان گژھِ آسٕنۍ تتہٕ چھُ اِنسانَس کوٗتھن ہُند ہوش تہٕ أچھن ہُند گاش راوُرن پیوان۔ یۄتے تہٕ

ئلِۍ کہِ تحقیق چھُ اکھ سُہ شۆبہٕ یَیمہِ خاطرٕ اِنسانٔس سبٹھاہ وَق تہٕ سرمایہِ گژھہِ آسُن۔ یَیمہِ خاطرٕ مختلف ادارٕ گژھن آسنۍ یِیتہِ ماہرن ہنٛز مختلف جمأژ اَکھ اَکِ سِنٛدِ اَتھ واسہِ سٟتۍ رٕلِتھ میلِتھ وَکھرٕ موضوٗعن پیٹھ کأم کران آسن۔ تحقیق چھےٚ سو کأم یَتھ منٛز محقِقن گامہٕ گامہٕ تہٕ شہرٕ پھیرُن پیوان چھُ۔ اکہِ مُلکہٕ پیٹھہٕ دۆیمس مُلکس گژھُن پیوان چھُ۔ کُتب خانَن تہٕ رکاڈکھن ذخیرن منٛز ربتہٕ واد تہٕ وٕری واد صرف کرٕنۍ پیوان چھہِ۔ مختلف ماہرن تہٕ ووستادن ہُند اَتھہٕ بَنٛدُت حأصِل کرُن پیوان چھُ۔ اَوے مۆجوٗب چھُ جدید زمانٔس منٛز کانٛہہ تہِ تحقیقی منصوٗبہٕ جان، موتبر تہٕ سایٹفک طریقس منٛز بامل اَنُن مُتلق تۆتامتھ سوچُن مُشکل یۆتام نہٕ اَتھ پتہٕ کانٛہہ جان اِدارہ تنٛہٕ منٛہٕ ڈکھس آسہِ۔ تہٕ اَوے چھُ جدید زمانٔس منٛز تحقیق اِنفرأدی کۆشِشو بدلہٕ اجتماعی کۆشِشن لور۔ تہٕ تِتھےٚ پأٹھۍ بامل یِوان۔ اَمِیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہِ زِ تحقیقُک شۆبہٕ کیاہ چھُ کأشرِ زبأنۍ تہٕ اَدبَس منٛز بِلکُل مُشراونہٕ آمُت۔ پننو اِنفرأدی کۆشِشو سٟتۍ رۆدۍ محقق تہٕ لِکھأرۍ مختلف دورَن منٛز برابر زِکھ زِکھ دِوان تہٕ یہِ عمل چھےٚ جأری۔ مگر یہِ وَنُن چھُ ضرۆری باسان زِ یوسہٕ تحقیق اَزتام سپٕز سو چھےٚ کُھہم پأٹھۍ اَڈلیچ، نأقص تہٕ کمزور، یہِ چھےٚ سبٹھاہ غأر سایٹفک تہٕ مُحققانہٕ شۆدِ بۆدِ نِشہِ خأرلی۔ اکثر محقق چھہِ تم یِم Methodology (یانے تحقیقی طریقہٕ کار) نِشہِ نأوأقف چھہِ یوسہٕ پانہٕ ناوِنۍ گُنہِ تہِ تحقیقی کامہِ باپتھ ضرۆری چھےٚ۔

کأشرِ زبأنۍ منٛز یوسہٕ تحقیقی کأم وُنیُک تام سپدیمٕژ چھےٚ سو ہکون دون حِصَن منٛز بأگرأوِتھ۔ اکھ گیہِ سو تحقیقی کأم یوسہٕ سِیدِ سیٚود کأشرِ زبأنۍ منٛز سپدیہٕ

یا سپدان چھےٚ تہٕ بیٚا کھ گیہِ سو یوسہٕ دۆیمین زبانٛن منٛز سیٚد سیوٚد یا وَرگہٕ پاٗٹھی سپد پمژ چھےٚ یا بامَل یِوان چھےٚ۔ یوٚ دوٚے کُنہِ تہِ زبانٛی تہٕ اَدبہٕ باپتھ گوڈنِکی اَنٛگچ اہمیت تٔژ تہٕ ٹاکارِ چھےٚ توتہٕ ہکو نہٕ سو کاٗم کُنہِ کِنہٕ نظر انداز کٔرِتھ یوسہٕ دۆیمین زبانٛن منٛز سپد پمژ آسہٕ۔ کاٗشرِ زبانٛی تہٕ اَدبہٕ باپتھ چھےٚ تحقیقٕچ خام سپر مُلہٕ تلہٕ دۆیمی صوٗرژ منٛز پیوان تہٕ اَمہِ لحاظہٕ چھےٚ سارِنٕے بڑوٚنہہ تمہٕ فارسی کِتابہٕ قاٗبِل توجہ بنان، یمہٕ تواٗرٟخن تہٕ تذکرن ہنٛزِ شکلہِ منٛز کاٗشرِبن تہٕ کٔشیرِ مُتلِق لیکھنہٕ آیہٕ۔ تواٗریٟخ دان تہٕ تذکِرٕ نوٚیس چھِ مختلف کتھن تہٕ حالاتن ستی ستی مختلف شخصیٔژن وَکھِ ناوان تہٕ وبژھناوان تہٕ یتھٕ پاٗٹھی چھِ تمہٕ کم کینٛژھا شیچھ خبر کینٛژن کاٗشرِبن شاٗیِرن تہٕ تہندِبن کارنامَن مُتلِق تہِ وَنان۔ کاٗشرِ زبانٛی مُتلِق تنقیدٕچ بُنٛیاد تہِ چھےٚ درحقیقت یمہٕ وِے تذکرو تہٕ تواٗرٟخی مُسودو ستی پیوان۔ مورِخن تہٕ تذکرِ نوٚیسن ہنٛدی یتھی ہی جُملہٕ چھِ اتھ سِلسِلس منٛز نوٹ کرنس لایق۔

''شعر گفتن بزبانِ کشمیری خود موزون داشتند
ونکتہا باریک وسخن ہا خوش گُفتہ......''

(بابا نصیب الدین غازی شیخ العالمس مُتلِق وَنان)

''اشعار درد ناک میگفت''

(حسن کھُے ہاٗمی لل دیدِ مُتلِق لیکھان)

''سخن ہاے خوش داشت آں نغمہِ سنج''
یا ''کلامش بہ سوزر گداز آشنا''

(عبدالوہاب شایق یوسف شاہ حبہ خوتونہِ ہنٛز ذِکر کران لیکھان)

یِتھی ہی جُملہٕ لیکھتھ ییٚتہٕ ساٲنی مورخ تہٕ تذکرٕ نِگار پننہِ تنقیدی شود بود ہنٛز باوتھ کران چھِ تتہٕ چھےٚ یِہنٛز کِتابہٕ پننہٕ زمانہٕ موجوٗب تحقیق کینٛژھا کل بودھ تہٕ ہاوان۔

کٔشیرِ منٛز پٔیہٕ اسلأمی راجِ مستقِل بُنیاد شمس الدین شاہمیری ہٕندی ؤسی ۱۳۳۹ یَس منٛز تہٕ شاہمیری خاندانچہِ (۱۳۳۹ء - ۱۵۵۵ء) حکوٗمژ منٛزٕ لوٚب ہَنہٕ ہَنہٕ فارسی زبأنی تہٕ اَدبن کٔشیرِ منٛز چاو۔ سُلطان زین العابدین بڈشاہ (۱۴۲۰ء --۱۴۷۰ء) ہٕنٛزِ رازٕ سی منٛز یُس بوٗش عٔلمی تہٕ ادبی کامہٕن کھوٚت تمہِ ستی لوٚب توأریخ دانَن تہٕ تذکرٕ نوٚیسن ہنٛز و تخلیقی صلأحیژ و تہٕ ہَرتَر تہٕ مختلف کامہِ آیہِ باپل۔ یِمن منٛز مُلا احمد سٕنٛز واقائع کشمیر، مُلا نادری سٕنٛز تاریخ نادری، قاضی ابراہیم سٕنٛز تاریخ کشمیر تہٕ مُلا احمد سٕنٛزٕ ے ''مراۃ الاولیاء'' قابلِ ذِکر چھےٚ۔ ''مراۃ الاولیاء'' کِتابہِ مُتلق چھُ ونہٕ یِوان زِ یہِ اوس شیخ العالم شیخ نورالدین نوٗرأنی سُند کلامہٕ ترتیب دِنہٕ آمُت۔ ستی اُس اتھ وبرٕھنےٚ فارسی زبأنی منٛز تہٕ کرنہٕ آمٕژ تہٕ اَمہِ علاوٕ اُسی اَتھ منٛز شیخ العالمہٕ سٕنٛزٕ زِندگی ہٕندی حالات تہٕ دَرج۔ یہِ چھُ توأریخی اَنہارو کِنی گوڈنیُک ''نوٗر نامہٕ'' یُس ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ۔ یہِ تذکرٕ تہٕ اَمہِ زمانچہِ سارےٚ فارسی زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمٕژ تأریخ چھنہٕ اَز موٗجوٗد۔ یوٚدوَے یِمو کِتابو ہٕنٛزِ پأٹھی وٗجوٗد لوٚبمُت آسہٕ تیٚلہِ چھِ یِمن کِتابن ہٕندی لِکھأری تمہٕ سِلسِلکی موٗلادار (بأنی) یِمکی فارسی مورِخ تہٕ تذکرٕ نوٚیس سانہِ باپتھ وَتہٕ ہٕدی شیران چھِ۔ کأشرٕ زبأنی تہٕ اَدبہٕ باپتھ تحقیق تہٕ تنقیدُک

چھُ کم کینژھا اَتی پیٹھ سَپدان۔ بڈشاہی عہد پتہٕ یمہٕ ہسٹری یا تذکرِ فارسیس منٛز لیکھنہٕ آے تمن منٛز چھےٚ سیدعلی سنٛز تأریخ اَوٕ باپتھ سارِوٕے کھوتہٕ اہم تِکیازِ یہِ چھےٚ تمن سارِنے تصنیفن منٛز پرٛأنی۔ یمہٕ ظأِلم زمانن پتہٕ پرٛاثرٕ منٛز ترٛاوِمٕژ چھےٚ۔ یہِ کِتاب چھےٚ مرزا حیدر دوغلت سنٛدِ کشیرِ یِنہٕ پتہٕ یانے ۹۵۷ ہجری پتہٕ کینٛہہ وٕری لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَمہِ ہسٹری ہنٛدی یم وَرق اَسہِ تام واتی تِمہ چھِ تمو ستی چھِ کینژن سِیأسی حالاتن ستی ستی کینژن عالِمن، ریشن تہٕ موتبر شخصیژن ہنٛدی کم کینژھا حالات تہِ ینان۔

کأشرِ زبأنی تہٕ اَدبس مُتلق تحقیچ کأم چھِ ورگہِ یا بلہ واسطہٕ پأٹھی سبٹھاہ موٚحدوٗد طریقس منٛز مُصنِف بہارستان شأہی، خاجہ اعظم دیدہ مری، حاجی محمد اسلم معنمی، بیربل کاچرو، حسن کھوٗیہامی، حاجی محمد مسکین، تہٕ عبدالوہاب شایق بیٚترِ ہی تأریخ دان جأری تھاوان۔

یِمن توأریخن علاوٕ چھُ کشیرِ منٛز تذکرِ نوٚیسی ہُنٛد اکھ دِلچسپ سِلسِلہٕ نوٗرنامن تہٕ ریشی نامن ہنٛزِ شکلہِ منٛز یِمنے وَقتن منٛز زنم لبان۔ اَز یُس سارِوٕے کھوتہٕ پرون نوٗرنامہٕ اَسہِ نش رٕژھِتھ رِتھ چھُ سُہ چھُ حضرت بابا نصیب الدین غازی سُنٛد۔ یِہُنٛد سَنہٕ وفات ۱۰۴۷ ہجری مانہٕ یِوان چھُ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ اَمی سٕنٛدی شُشِہ یا مُرید بابا داوٗد مشکاتی ۱۰۶۳ ہجری یَس منٛز ''اسرار الابرار'' ناوٕچ کِتاب لیکھان تہٕ اَمِس پتہٕ چھِ بابا خلیل، بابا کمال، بہاوٗ الدین متوتہٕ حکیم پیر علی شاہ بیٚترِ تذکرِ نوٚیسی ہنٛدِس اَتھ سِلسِلس پوچھر دِوان۔ حکیم پیرعلی محمد شاہ چھُ گوڈنیک تذکرِ نوٚیس یمی پنٛنی کِتاب کأشرِس منٛز لیچھمٕژ چھےٚ۔ تہٕ یوٚ دوَے یہِ

تذکرِ ۱۹۴۷ برٛونٛہہ لیکھنہٕ آمُت چھُ مگر یہِ سَپُد ۱۹۴۷ پتہٕ چھاپ۔ بُحثیتہٕ مجموعی ییٚلہِ یَمَن تذکرن سام ہیوان چھِ تحقیقی تہٕ تنقیدی وِہٕارو رُکھ چھِ یم سبٹھاہ کمزور، ناقص تہٕ غأر سائنٹفک لبنہٕ یِوان۔ تذکرٕ نِگار چھِنہٕ پننہٕ تحقیقی شوٗعوٗرُک کانٛہہ پےٚ دِوان۔ مثلن یم چھِنہٕ اکثر تمہِ شیٚچھ ہُنٛد آگر وِنان یوسہٕ تم باوان چھِ۔ واقات چھِ داستانٕن ہِنٛدِس رَنٛگس منٛز لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ موجزن تہٕ کرامژن پیٹھ چھُ زیادٕ زور دِنہٕ آمُت۔ تذکرِ چھُ الفاظ آرأیی تہٕ قِصہٕ گوٚیی پیٹھ پھانٛپھلان۔ یتھٕ پأٹھۍ چھِ اصل حالاتن پیٹھ وُرن پیوان تہٕ ٹھوس حقأیق چھِ ژوٚرِ روزان۔ کیٛنٛہہ واقات چھِ سعٛن تہٕ تأریخن سام ہینہٕ پتہٕ غلط باسان۔ شأیرن ہُنٛد کلامہٕ چھُ سبٹھاہ لاپروأیی سان لیکھنہٕ آمُت۔ یِمہٕ رُکھٕ کلامٕچ اصل صوٗرت ژھارٕنۍ مُشکِل چھےٚ بنان۔ موادٕچ ترتیب تہٕ شیرزار چھےٚ سبٹھاہ ان سائنٹفِک طریقس منٛز سپدیمٕژ۔ وارِیاہ تذکرِ چھِ شارَن منٛز یِمہٕ رُکھٕ تہٕ تحقیقی اِظہارَس تھوس آمٕژ چھےٚ۔ تاہم چھِ یِمو دوٗشو باوجوٗد یم تذکرِ سأنۍ بُڈ دولت تہٕ اصل تہٕ ٹھوس سائنٹفِک تحقیقہٕ باپتھ خام مال فراہم کران۔

تحقیقی سرگرمیَن ہُنٛد بیاکھ دور چھُ انگریزی اثرس تل شوٗروٗ سَپدان۔ ییٚلہِ یورپی محققن تہٕ عالِمن ہُنٛد یُن گژھُن چھُ جأری روزان۔ کأشُر زبان چھےٚ چھاپ خانٕک بُتھ وُچھان۔ تہٕ تتھے پأٹھۍ چھےٚ نوٚ وَتھ نٕنۍ نیران۔ ۱۸۲۱ یَس منٛز آو سری رام پور مشنری طرفہٕ شاردا ٹایپس منٛز بائبل ہُنٛد اکھ حِصہٕ نیو ٹیسٹیمنٹ New Testament مارکس منٛز ترٛاونہٕ۔ ۱۸۴۴ یَس منٛز آو برٹش اینڈ فارین بائیبل سوسائیٹی ہِنٛدِ طرفہٕ ایرأنۍ رسمِ خطس منٛز بائیبل ہُنٛد یوٚہے حِصہٕ گوڈنچہ لٹہٕ

چھاپ کَرنہٕ۔ یورپی عالمن ہنٛدِ ذٔسی لٔج انگریزی زبان تہٕ سو رول ادا کرنہٕ یوسہٕ اوٚ تامتھ محقط فارسی زبان کَران اُس۔ یِمَن مُحقِقن تہٕ عاٰلمن منٛز چھِ سرجارج ابراہیم گریرسن، نولز، سٹاین، لارنس، سررچرڈ ٹمپل، بہلر سیٚد سیٚوٗد یا وَرگہٕ پاٹھی اتھ کامہِ منٛز اکھ نوٚو ژوٗو زبہٕ بَران۔ بنگالچ ایشیاٹک سوسائیٹی چھےٚ یِمن عاٰلمن ہنٛزِ کامہِ عام کَرنس منٛز اہم حِصہٕ ادا کَران۔ نولز چھُ سُہ عیساٰے پادری یُس جایہِ جایہِ ووت تہٕ کربن کہاوَژ، محاورٕ تہٕ کاشُرِ دلیلہٕ جمع ۱۸۸۵ء یَس اَنٛدر چھپیہٕ یِہنٛز کِتاب کاشرِبن محاورَن تہٕ کہاوَژن مُتلق تہٕ امہِ پَتہٕ آیہٕ یِہنٛز کِتاب کَشیٖرِ ہنٛزِ لُکہٕ دلیلہٕ بازرس منٛز۔ سٹاین سُنٛد دیُت چھُ کاشرِس تمُدنس واریاہ۔ یِہنٛز کِتاب ''حاتمہٕ سٕنہٕ دٔلیلہٕ'' (Hatim's Tales) پیٚیہٕ گریرسن سٕنٛدِ اتھہٕ واسہٕ ستی ۱۹۲۳ء یَس منٛز مارکس انٛدر۔ یِمَن سارِنٕے یورپی عاٰلمن تہٕ مُحقِقن منٛز چھُ کاشُر زبانٕ تہٕ اَدبہٕ باپَت گریرسن سُنٛد ناو سبتھاہ پھرُن لایق۔ یوٚ دوَے اُہنٛز تحقیقی کامہِ تہٕ جایہِ جایہِ کیٚنٛہہ وتِچھٕ خاٰمیہٕ تہٕ لغزِشہ ہاوان چھےٚ، توتہٕ چھےٚ یہٕ کتھ نٔز تہٕ ٹاکارٕ زِ گریرسن چھُ کاشرِس تحقیقس تہٕ تنقیدس گوڈنچہٕ لٹہٕ اکھ رُت وار وبستار دِوان۔ سرجارج ابراہیم گریرسن سٕنٛدی پٔدی پیٚیہٕ ۱۸۲۳ء یَس منٛز ہُندستانچہٕ سرزمینہٕ پیٹھ۔ تٔمی گنٛدرو پننہٕ زِنٛدگی ہُنٛد اکھ باگہٕ یوٚ رُت وَق ہندوستانس منٛز۔ ۱۸۹۶ء منٛز سَپدیہٕ ہُندستانٕی زبانَن ہنٛز سروے شوٗرٕ تہٕ یہٕ آو اَمہِ منصوٗبک زیٚٹھ بناونہٕ۔ کاشرِ زبانٕی ہنٛز سام چھےٚ ''لِنگ وسٹک سروے آف انڈیا'' ناوچہٕ کِتابہٕ ہنٛدبن دون حِصن منٛز موٗجوٗد۔ گریرسن یُس ژُک تہٕ شوق کاشرِ زبانٕی تہٕ ادبہٕ کِس مُطاٰلس تہٕ اَمہِ کِس تحقیقس گٔن ہوو سُہ چھُ قابِلِ قدر۔ کاشرِ

ڈِکشنری، لَل دیدِ ہُنٛد کلام ''لَل واکیانی''، کرشنہٕ جو رازدانٕنۍ ''شیو پرنے''، پرٛکاش رامُن رامایَن ''مہانے پرٛکاشٕچ سام بیٚترِ چھےٚ یِہنٛدِ تحقیقی شوٗد بوٗد ہُنٛد ثوٗبوٗت دِوان۔ سر رِچرڈ ٹمپل سٕنٛز ''دی ورڈ آف لا'' چھےٚ للہٕ ہٕنٛدِ مطا بابَت از تہٕ اکھ اہم کِتاب۔

یورپی لِکھارٕ بن تہٕ مُحقِقن ہٕنٛزِ کامہٕ تہٕ چھاپ خانٕکۍ وسیلن، وِژ کأشرٕ بن لِکھارٕ بن تہٕ کِتاب فروشن تہٕ ہل بل کرنٕچ سامرتھ۔ تہٕ سوٚت سوٚت لٔج ٔو ریٚہہ بزٕ زنہٕ۔ پرتاپ سٹیم پرٛیس چھُ شاید سرینگرُک گوڈنیُک چھاپ خانہٕ یِتہٕ کأشرٕ بن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ مُقأمی طور چھپنہٕ لوٚگ۔ کأشرٕ بن پبلشرن مَنٛز چھُ نور محمد غلام محمد، عبدالجبار علی محمد سٕنٛدی ناوٕ سرٕس ییمو کأشرٕ بن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ چھاپ کرنٕس مَنٛز سبٹھاہ ژُک تہٕ جوش ہوو۔ اَتھ اَنٛدر چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تحقیقی میزانو کِنۍ چھےٚ یہٕ کأم سبٹھاہ ڈیٚچ تہٕ بے وُطیرٕ مگر زبردس بٕٹھ تہٕ بے ضأبطگی آسنہٕ باوٕجوٗد چھےٚ یِہنٛزِ کامہٕ ہٕنٛز اہمیت وارِیاہ۔ یوٚدوَے ییمو اَمہٕ قسمٕک ہل بل آسہٕ ہے نہٕ ہووٗمُت، اَز آسہٕ ہے اَسہٕ تِمہٕ ادبی سرمایہٕ نِشہٕ تہٕ اَتھہٕ چھوٚلمُت یُس یِہنٛدِ ذٔرِی اَدٕ یِتھ تیٚتھ جمع روٗد۔

ڈوٗگرِ مہاراج رنبیر سنگھ نِس زمانٕس مَنٛز بنیہٕ اُردوٗ زبان سأنۍ سرکأری زبان۔ لہذا دزٕ لیہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ وَق گُذرنٕس سٕتۍ یہٕ زبان تہٕ تِمہٕ کامہٕ بابَت لاگنٕچ وَتھ یوسہٕ اوٚت تامتھ فارسی زبان کران اُس تہٕ دوٚنۍ انگریزی زبان تہٕ کران اُس۔ اُردوٗ زبأنۍ مَنٛز چھُ اَمہٕ قسمٕک ذٔسلابہٕ سبٹھاہ ورگہٕ یا بل واسطہٕ پأٹھۍ منشی محمد الدین فوق سٕنٛدِ ذٔرِی سپدان یِیمۍ کأشرِس تمدنٕس تہٕ توأریخس مُتلق وارِیاہ

کِتابہِ لیچھِ۔ یمن مَنز کیٚژن کأشرِ بن شأیرن ہُنٛد حال تہٕ موجوٗد چھُ تہٕ فوقَس پَتہٕ چھُ سُہ اہم ناو یِوان ییٚمِس عبدالاحد آزاد وَنان چھِ۔ آزادٕنی کِتاب ''کشمیری زبان اور شاعری'' یوٚ دوٚے ۱۹۴۷ ء پَتہٕ چھاپ سپدٕیہٕ مگر یہِ چھےٚ مُلہِ تلہِ اَمہِ برٛونٛٹھ مہِ زمانٕچ کأم۔ عبدالاحد آزاد چھُ سُہ لِکھأرۍ یُس گوڈنچہِ لٹہِ سأری ہے کأشرِس اَدبَس للہِ کھوٚل گرِتھ اکھ سام پیش کران چھُ۔ آزادٕنی یہِ کِتاب چھےٚ ترٛبن جِلدن مَنز رِیاستہٕ کلچرل اکادمی چھاپ کٔرمٕژ۔ اَتھ کِتابہِ مَنز چھِ الہِ پلہِ ہتھ سأری انہار درٛینٛٹھۍ یِوان، یِم تذکرن مَنز موجوٗد چھِ۔ آزاد چھُنہٕ بیشتر جایَن یہِ وَنان زِ سُہ ہے کأنٛہہ کتھ وَنان چھُ، اَمیُک آگُر کیاہ چھُ؟ تٔمۍ سٕندِ مواد‌ُک ماخذ کیاہ چھُ؟ تحقیقَس مَنز چھےٚ یہِ کتھ بارٕ اہمیت تھَوان۔ آزادَن چھُ پٔتۍ وارِیاہ موادحسن کھُے ہأمی۔ حأجی محی الدین مسکین تہٕ خاجہ دبدہ مری سٕنٛزٕ و تصنیفو مَنزٕ حأصِل کوٚرمُت۔ کیٚژن جایَن چھُ یہِ بلکُل یِمَن کِتاب ہٕنٛدِ بن بیانَن ہُنٛد سیٚدِ سیوٚد ترجمہِ باسان مگر سُہ چھُنہٕ یہِ وَنان زِ تٔمۍ کتہٕ چھےٚ یہِ شیٚچھ خبر حأصِل کٔرمٕژ۔ آزادٕنی کأم چھےٚ تحقیقی میزانو کِنۍ وارِیاہ ڈیٚج تہٕ غار سایٔنٹفِک۔ یہِ چھےٚ تمہِ تحقیقی روٗحہِ تہٕ نظرِ نِشہِ ژھٔر ییٚمیُک باس کُنہِ حدس تام گرٕ یرٕسن دِوان چھُ۔ مگر پننو سارِوے خأمیو باوۆجوٗد چھُ آزادُن تذکرِ کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدِس تحقیقس تہٕ تنقیدی اَدبَس مَنز گرٕ یرٕسنَس پَتہٕ اکھ میلہِ کَنۍ۔ ییٚتیٚن چھِ یہِ کتھ وَنٛنۍ تہٕ سبٛتھاہ لأزِم باسان زِ گرٕ یرٕسن سٕنٛزن کامِن پَتہٕ اوس مختلف اِدارن ہُنٛد ڈوٗکھ تہٕ سرمایہِ۔ تَس سٕتۍ اوس عملہِ تہٕ مختلف عالِمن ہُنٛد عِلم، گاٹہٕ جار تہٕ اتھ بنٛدُت۔ یہِ اُس اکھ مُشترک کوٚشِش۔ آزاد اوس کُن تہٕ کیوٗل، نادار تہٕ مُفلِس، اکھ موموٗلی ماسٹر، ییٚمۍ نہٕ زیادٕ

تاٲلیم تہٕ پڑاٲوِمژ اُس۔ تمہِ ہندی وسیلہٕ اُسی موٗحدوٗ دمگر تمہِ پتہٕ پاٹھی کاشرِ زبانہِ تہٕ اَدبہٕ کِس عشقس منٛز پننہِ زِندگی راوٕرتہٕ چھپہٕ وِژ تمہِ چہ مِثالہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم میلان۔ آزادس پتہٕ سپز بڈ ٹریجڈی پتہٕ زِ سہ اوس وُنہٕ مواہ ے جمع کران تہٕ گو ییمہٕ عالمہٕ۔ یہِ کتھ بوٗزِتھ سپدن ییٚتھن وارِیاہ حاٗران زِ علی محمد کِتاب فروشہ سُند فرزند چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٹھہٕ یہِ وَنان زِ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہِ کِتابہٕ ہُند یُس مُسوِدس نِش موجوٗد چھُ سہ چھُ تمہِ نِشہٕ وارِیاہ مختلف یُس اکادمی ہِندِ ذٔسی چھاپ سپد یومُت چھُ۔ یوٗ دوٚے یہِ کتھ پُز آسہٕ یہِ اللہ اِز لگاوُن چھُنہٕ مُشکِل زِ اَمہٕ سِتی کاٗتیاہ نٔوی سوال چھِ کاشرِ زبانہِ تہٕ اَدبہٕ کِس تحقیقس مُتلِق پاٚدٕ سپدان تہٕ سانہٕ تحقیقی اَدبک صحی تصویر کیاہ چھُ؟

یوٗرپی لِکھاریو تہٕ محققو پتھ زبانہِ منٛز کاشرِس مُتلِق تحقیقس تہٕ تنقیدس دس تُل سو تھاٗو بیٚیہٕ کینٛژو مُقاٗمی تہٕ غاٗر مُقاٗمی لِکھاریو جاٗری ییٚمن منٛز آنند کول بامزئی، ڈاکٹر جی۔ایم۔ ڈی صوفی، پی۔این۔کے بامزئی، جےلعل کول بیٚترِ کینٛہہ ناو چھِ۔

۱۹۴۷ برٛونٛہہ چھےٚ تحقیقی تہٕ تنقیدی کامہِ ہنٛز موموٗلی زِتنی ''بہارِ کشمیر'' تہٕ پرتاپ میگزین ناوکین رِسالن منٛز تہٕ دڑینٛٹھی یِوان۔ مختلف زبانن منٛز روٗدی اُدیب کاشرِ زبانہِ تہٕ اَدبس مُتلِق کم کینٛژھا لیکھان۔ اُتھی کامہِ وِژ ۱۹۴۷ پتہٕ سارِوے برٛونٛہہ گُل ریز، کونگ پوش ہوبہو رِسالو مزید زیر۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، امین کاٗمل، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی، جیالعل کول ناظر، مرزا غلام حسن بیگ عارف، حیرت کاملی، تنہا انصاری، پروفیسر پی۔این۔ پُشپ بیٚترِ چھِ

یِموٚے رِسالو ذٔری یہِ مختلف موضوٗعَن مُتلِق سوچنٕچ کٕل بوٗد ہاوان۔ ریڈیو کشمیر، ساہتیہ اکادمی تہٕ ریاستی کلچرل اکادمی قایِم سپدنہٕ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ستۍ یِمن اِدارن سۭدِ سیوٚد وابستگی سَپدنہٕ ستۍ گو اکھ نوٚو ماحول تیار۔ تیمۍ مختلف موضوٗعَن مُتلِق سبٹھاہ سنجیدگی سان سوچنٕچ تہٕ پےٚ پناہ لگاونٕچ عمل تیز کٔر تہٕ کأشرِ زبأنۍ منٛز ہیٚتۍ تحقیقی تہٕ تنقیدی اَدبن پٔنٛز موٗل ڈٕکھراوٕنۍ۔

کأشرِ زبأنۍ منٛز یِمہٕ کِتابہٕ از کٕل پرٛتھ وٕری چھپان چھےٚ تِمن منٛز چھےٚ وونۍ بے شک ترٛٲٹھ کِتابہٕ تہٕ شأمِل آسان یِہُنٛد توٗلُق سۭدِ سیوٚد یا وَرگہٕ پأٹھۍ تحقیقس ستۍ آسان چھُ۔ یہِ رٕوِتھ گیہِ مُلہٕ تلہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ شوٚروٗ۔ بے شک پرٛتھ کانٛہہ نقاد یا محقق چھُ پٔنٛز پأٹھۍ یہِ کوٗشش کران زِ سُہ گوٚژھ کانٛہہ نوٚو معرکہٕ سَر کرُن تہٕ کانٛہہ نوٚو مأدان ژھنڈُن۔ از چھِ واریاہ محقق مأدانس منٛز تہٕ کیٛنٛہہ ناو چھےٚ پٔزۍ پأٹھۍ مولہٕ ؤنہٕ۔ مگر یِمہٕ کامہٕ تہٕ یِم محقق ہن اَکس اونگجہٕ ٹٕنٛڈِس پیٹھ گنٛزراونہٕ۔ تہٕ یِم ناو چھِ اَسہِ سارِنے وۄدی۔ پَزر چھُ یہِ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھُ سایٖنٹِفِک تحقیق ؤنہٕ عنقا۔ تحقیقک دأیرِ چھُ سبٹھاہ تنٛگ تہٕ موٚحدوٗد۔ یہِ چھُ اکھ بوٚڈ تہٕ اہم وجہہ یٚمہِ کِنۍ سون تنقید اکھ پوٚختہٕ بُنیاد لبنہٕ بجایہٕ اکہٕ ہوأیی محلک تصوٗر بڑوٚنٛتھ کُن انان چھُ۔ ازتام ییتہِ پأٹھۍ اکثر کأشرِبن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ سوٚمبراونہٕ تہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت چھُ، تتھ منٛز چھےٚ تِمہٕ تحقیق چہ بُنیأدی گژھہٕ مُشراونہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ کُنہٕ تہٕ یِژھہِ کامہٕ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ کلامہٕ چھُ سبٹھا ان سایٖنٹِفِک طریقس منٛز چھاپنہٕ آمُت یٚمہِ سَببہٕ کھرِس وارٕے بڑیٚنۍ آمٕژ چھےٚ تہٕ مَسلہٕ زیادٕ کرٕنٛتھ تہٕ پیچیدٕ بنٛوومُت چھُ۔ ظأہر چھُ یہِ سأرِے کأم چھےٚ تو تتھ

تامَتھ بے مانے یوٚ تام نہٕ اُسی شاعِرن ہُنٛد اصل کلامہٕ سایٔنٹفِک بٔنِیاَزن تہٕ بھاشا وِگیان کِنِین اؤصوٗلن پیٹھ بَد کڑو۔ Textual criticism یا کلاسُک صحی مَتن یا Text کھرٕ کرُن چھُ کاشُرِ تحقیقُک اکھ اہم تہٕ اولین کام۔ امہٕ رؤس ہیکِہ نہٕ کانٛہہ تہٕ ٹھوس تہ بوٚرُت تنقیدی اَدب بٔنِتھ یا دلیٖتھ۔ یہٕ چھُنہٕ شیخ العالمہٕ، حبہٕ خوتوٗن، اَرنہٕ مال، سوچھِ کرال، نعمہٕ صاب، شمس فقیر، شاہ غفوٗر تہٕ کٲنٛہن شاعِرن ہنٛزے کتھ بٔلکہِ یہٕ چھُ اکھ بوٚڈ ہجوم تہٕ اکھ زیٛوٚٹھ سِلسِلہ۔ مہجوٗر تہٕ آزاد نِس آو آوَس تام یِم شاعِر کاشُرِ زبٲنۍ مَنٛز پرٛتھییہٕ تہٕ پھاپھلییہٕ اکثر چھُ تِہنٛدِ کلاسُک یوٚہے حال۔ اکی شارِکی یِم مختلف روٗپ یا وُرشن (version) نظرِ گژھان چھِ یا اَکی سے شارس منٛز یوسہٕ لفظی فرق مختلف آسِو چھےٚ تتھ مُتلِق یُس بحث سپدن گوژھ تہٕ چھُنہٕ سپدیوٚمُت۔ کٲنٛسہِ شاعِر سُنٛد صحی کلامہٕ اصل پأٹھی ترتیب دیُن چھےٚ بے شک اکھ کرٛیٹھ کام یوسہٕ نہٕ پرٛتھ کانٛہہ اَدیب تہٕ شاعِر بالل ہیکِہ اَنتھ تیکی حرف ژور پرٛیمتی آسَن۔ یہٕ یَتھ پیٚٹھ ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈتہٕ سنٛدِ ن کینٛژن لفظن منٛز باوَتھ کرٕنۍ۔ لیکھان چھِ:

"اگر پرکاش رامنہٕ راماینٛکو اتھٕ لیکھی متی بیٚیہ کینٛہہ جلد سپدن مراز، کمراز تہٕ یمراز (شہر) منٛز دیساب تہٕ تیلہِ ہیکہِ موجوٗد ایڈیشن امہٕ راماینٛک مِلہِ نووٕمُت یا کرِٹکل ایڈیشن تیار کرنس منٛز سیٹھاہ مُفید بنِتھ۔ مگر سو کام چھےٚ اکھ بٔڈ کام...... خار...... اگر اپٕرس منظوٗر آسہِ تہٕ کانٛہہ کانٛہہ نوجوان ریسرچ کرن وول کرِ یہٕ کام ضروٗر پوٗرٕ۔"

یوٚ دوَے یِم لفظ اکہِ طرفہٕ ڈاکٹر صابنہِ محققانہٕ انکساریچ تہٕ ایماندارۍ

ہٕنز نِشاندٕہی چھِ کَران۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ تِم یہِ کتھ تہٕ وَنان زِ تِم چھِنہٕ کأم تیتھٕ پأٹھی بامَل اَنتھ ہیکٕمتی۔ یتھٕ پأٹھی اَکِس مُحقِقس پَزِ ہے۔ حالانکہِ تِمن نِش آسی پرٛکاش رام ہٕندِ راماینکی پانٛژ وٕرشن بدس۔ یِیہِ اَکِس وأنسٹھ شخص پرٛساد کاک سُند ژھتہٕ ووٗتُر تہٕ۔ یِمن حالاتن مَنٛز تہٕ چھِنہٕ ڈاکٹر صأب صحی Text یا اصل کرٛٹِکل ایڈیشن ترتیب دِنس مَنٛز کامیاب سپد یومُت۔ تِمن شأیِرن ہُنٛد کلامہٕ ترتیب دِیُن کوٗتاہ کرٛوٗٹھ چھُ یُس سپنہٕ بہ سیٚٹھا ہَتہٕ بدبن وٕرییَن اَکہِ پتہٕ پتھ دوٚیمہِ پتہٕ تام ووتمُت آسہِ تمیُک اندازٕ لگاوُن چھُنہٕ مُشکل۔

یہِ پرٛتھ یِتھِین "لل دید" ناوچہِ کِتابہِ ہٕنٛز تہٕ ذِکر کرٛنی یوسہِ اکادمی ہٕنٛزن مقبوٗل ترٛین کِتابن مَنٛز اکھ چھےٚ۔ تہٕ یِمکی کیٚنٛہہ ایڈیشن وُنیک تام چھاپ سپدیمٕتی چھِ۔ اتھ مَنٛز چھےٚ تِمہٕ سارےٚ خأمیہِ موجوٗد یِمن کُن مےٚ اِشارٕ کوٚر۔ شارٕ ژٲرکَرن وألی چھِ وَنان:

"آج تک لل دید کے کلام کے جو نسخے شایع ہو چکے ہیں۔ ان میں واکھوں کی ترتیب کسی اصول کے تحت نہیں پائی جاتی۔ موجودہ مجموعہ میں یوگ کی مشق عمل کے بتدریج مدارج کو مدِنظر رکھ کر یہ ترتیب بدل دی گئی ہے۔"

مگر سوال چھُ پاٛدٕ سپدان۔ گوڈٕ چھا یِم سأری واکھ للہٕ ہٕندی؟ اگر چھِنہٕ تیلہِ کتھ حدس تام چھِ یوگی عملہِ ہٕندِ اِرتقاء موجوٗب یِم ترتیب دِنٕ روا۔ مُحقِقانہٕ تصور چھُ یہِ زِ یُس کلامہٕ للہِ ستی منسوٗب سپد یومُت چھُ، تِمن ستی چھِ نہٕ صِرف دوٚیمین دورَن مَنٛز لیکھنہٕ آمٕتی واکھ اَن زأنی پأٹھی یا زأنتھ مأنتھ رَل

گرنہٕ آمِتۍ ئلۍ کہِ لل دید تہٕ شیخ نُورالدین ہِندِس زمانَس منٛز یہِ کینٛژھا رُت تہٕ مولہِ وُن کلامہٕ دوٗیمَن شاعِرَن ہِندِ ذٔرۍ تخلیق سپُدمُت چھُ، تمیُک اکھ حصہٕ تہٕ چھُ اتھ منٛز شامِل سپدیوٗمُت۔ اکہِ پٔژِ دوٗرُک موختہٕ چھُ یمن ؠتۍ وابستہٕ سپدیوٗمُت۔ تہٕ اَتھ پوٚت منظرس منٛز چھِ بے شُمار سوال پاٚدٕ سپدان۔ یم گنہِ تہِ سائنٹِفِک تحقیقہٕ خاطرٕ ضروٗری چھُ۔ شارٕ ژاٚر گرن واٚلۍ چھِ ترٕٛژھ کتھ تہِ لیکھان۔ یمہٕ یا تہٕ امہِ بڑوٚنٛہہ ییٚیہٕ کانٛسہِ وَنہِ مۄژ چھےٚ۔ مگر حوالہِ دِنہٕ روٗستُے چھِ پننہِ ناوٕ جمع تژاوان۔ یہِ چھےٚ تحقیقی اَنہارو کنٛز اکھ بڈ خامی مانہٕ یِوان۔ یوتے نہٕ ئلۍ کہِ کینٛہہ کتھ چھےٚ کیٛنٛژون مُصنفن ہنٛزِ غلط پاٚٹھۍ دٔرج گرنہٕ آمٕژ۔

تحقیق چھُنہٕ ہرِ کٲنٛسۍ ہتّمن افسانَن پٮ۪ٹھ پھاپھلان۔ ئلۍ کہِ تتھ موادس تہٕ مَلبس پٮ۪ٹھ یُس دستیاب آسہِ۔ مُحقق چھُ آگرن ہُند حوالہِ دِتھ مختلف زمانن تہٕ اہم واقاتن ہنٛز روشنی منٛز مختلف زاٚوۍ جار اَبساوان تہٕ اصل حقیقت بڑوٚنٛٹھ گَن اَنان۔ ییٚتِمن چھُنہٕ سون مُدا یہِ کِتاب یا بیٚیہٕ کانٛہہ خاص کِتاب موضوع بحث بناوٕنۍ۔ نَہ چھےٚ تیٚچ ییٚتِمن گُنجاٚیِش تہِ وَنُن چھُ یہِ زِ تحقیق کَس ناوَس پٮ۪ٹھ چھِ وُنیُک تام زیادٕ ترگلۍ آلہِ وَنہٕ آمِتۍ۔ ترٕٛژھ کِتابہٕ آیہِ از تام سبٹھاہ کم لیکھنہٕ یمہٕ اصل تحقیقی شوٚعوٗرُک باس دِوان چھےٚ۔ تہٕ یمو مُتلق یہِ ہکو وٕنِتھ زِ یِمو ژاٚو کاشُرِس اَدبَس منٛز سائنٹِفِک تحقیقٕچ بُنیاد۔

ییٚتھ پاٚٹھۍ مےٚ گوڈٕ عرض کوٚر۔ تحقیقی منصوٗبہٕ چھِ موجوٗدٕ وَقتن منٛز اِنفرادی کوٚشِشو بجایہِ مُشترکہِ یا اِجتمأیی کوٚشِشو ؠتۍ باعمَل یِوان۔ یژھن کامن ہِندِ خاطرٕ چھُ وقتُک تہِ ضروٗرت تہٕ پوٗنٛسہٕ تہِ حاجتھ۔ تہٕ یم دوشوے

چیز ہکن نہٕ اِنفرأدی طور سارِنے شُھس مہیا أسِتھ۔ یۄہے وَجہ چھُ یِم مُحقق اِنفرأدی طور اَمہِ قِسمچ کل یودھ یا سامرتھ ہاوان چھِ تم چھِنہٕ مأُلی دُشواریو ِکنۍ زیادٕ کالس مستقل پأٹھۍ ڈاڈ کٔرِتھ ہیکان۔ یۄ دوَے رِیاستی اکادمی پٮ۪تھ مو وُری یہ پیٹھ پنٮ۪نو مۄ حدوٗد وُری یو ہتھ واریاہن کامین مَنز ووٕتھ ترٛأو یمہ اَدبی تہٕ ثقافتی طور اہم چھےٚ مگر دُنہِ ہیچ نہٕ ییٚتہٕ اکہِ تِتھۍ تحقیقی اَدارِچ شکل پرٛأوِتھ ییٚتہٕ مختلف مأہر مختلف منصوبن پیٹھ رٔلِتھ مِلِتھ کأم کرن۔ ڈِکشنری أس بیشک اَمِیُک اَکھ رُت دُسلابہٕ۔ مگر اتھ تِیُتھ وُسجار بخشُن یِتھ رَنگہٕ رَنگہٕ کامہِ باپَتھ بن چھُ سبٹھاہی ضروٗری۔ سرِدس گوٚھن اکادمی ہتھ کم از کم وٕ پٔنٛژھ مأہر یِم مختلف زبانن تہٕ شوبن مَنز مأہر آسن وابستہٕ سَپدٕنۍ۔ یِم گوٚھن مختلف تحقیقی کامہِ باپَتھ اَننہٕ باپتھے لاگنہٕ یِنۍ۔ یِمن گوٚھن تام وسیلہٕ تہٕ سہولیژ مویسر سَپدنہٕ یِمہ موجوٗد دورَس مَنز سائنٹِفک تحقیقہٕ باپتھ ضروٗری چھےٚ۔ یہ آسہِ اکھ رُت قدم۔

یۄز چھُ از چھےٚ اکادمی لِکھاربن تہٕ شأیِرن کِتاب چھاپنہٕ خأطرٕ سبسِڈی دِوان۔ تہٕ کینٛہہ کِتابہٕ چھاپان۔ مگر یُہٕتے چھِنہٕ کأفی۔ مُحقِقن گوٚھن انفرأدی طور تِمہِ سارِےٚ سہوٗلیژ مویسر سَپدٕنہِ یِمو ہتھ تِم مُلکس مَنز تہٕ مُلکہٕ نیبر پیٚنِس تحقیق کِس سِلسِلس مَنز گوٚھِتھ ہیکن۔ مےٚ چھُ پےٚ کینٛہہ شُھس چھِ افغانستان، ایران، تبت، چین تہٕ پاکستان مختلف کامہِ باپَتھ اَننہٕ باپتھ گوٚھن یِوھان مگر موقوٗل خرچہٕ تہٕ سہولیژ نہٕ آسنہٕ سبب چھےٚ یِمہٕ کامہِ تِتھے پأٹھۍ پیٚمٕژ۔

(شیرازٕ، جوٗن ۱۹۷۹ء)



# مورِخ پی۔این۔کے بامزئی : اکھ سام

[ ۲۱/اکتوبر ۱۹۸۸، اوس اَمہِ دوہہ آیہِ براڈوے ہوٹل سرٹینگرس منٛز اکھ خاص تقریب منعقد کرنہٕ، یَتھ منٛز مشہوٗر توٲریخ دان تہٕ دٲنِشور شری پی۔این۔کے بامزئی صاُبس کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ خلعت پوٗشی کرنہٕ آیہِ۔ تقریبہٕ ہنٛز صدارت کٔر پروفیسر پی۔این پُشپ صاُبن تہٕ مے پوٚر بامزئی صاُبس پٮ۪ٹھ مقالہٕ۔ مہمانن ہُنٛد استقبال کوٚر سیکریٹری اکیڈیمی محمد یوسف ٹینگ صاُبن۔ اَمہِ تقریبہٕ ہنٛزِ سارِے کاروٲیی آیہِ عکس بنٛد کرنہٕ۔ اتھ موقس پٮ۪ٹھ آیہِ بامزئی صاُبس کاشرِس توٲریخس، کلچرس تہٕ تمدُنس پٮ۪ٹھ وارِیاہ سوال پرٛژھنہٕ، یِمن ہنٛدی تِمو تسلی بخش طریقس پٮ۪ٹھ جواب دِتؠ۔ ]

سانٮ۪ن ازکال کِٮ۪ن مورِخن منٛز چھِ پنٛڈت پرٛتھوی ناتھ کول بامزئی یِم پی۔این۔کے بامزئی ناوٕ زِیادٕ ناماوار چھِ اکھ اہم جاے تہٕ پاے تھاوان۔

یِم چھِ تژٕبن اہم کِتابن ہِنٛدی لِکھاری۔ یِمہٕ چھےٚ "ہسٹری آف کشمیر" [1]، "سنٹرل ایشیا اینڈ کشمیر" [2] تہٕ "سوشو اِکونومِک ہسٹری آف کشمیر ۱۸۴۸ء تا ۱۹۲۵ء" [3] تہٕ تژیشوٗنی ہُنٛد توٗلُق چھُ کأشرِ ہسٹری سٕتۍ۔ أخری زٕ کِتابہٕ چھےٚ ناوٕ تلے اکھ نوٚو مأدان ژھنٛڈنٕچ کل تہٕ نٕہج ہاوان۔ یِمہٕ چھےٚ کٔشیرِ ہنٛزِ ہسٹری ہِنٛدی تم کوٗنٛج تہٕ اَنہار بَدِ کڈان، یور کُن وُنہٕ سبٹھاہ کم ظوٗن چھُ گومُت۔ بامزئی صأب سَپدۍ کأشرٕبن مورِخن ہِنٛدِس سِلسِلس مَنٛز تِمۍ ساتہٕ ئٔژ تہٕ ویٚڈی یِتھےٚ یِمو "ہسٹری آف کشمیر" مارکس مَنٛز ترٛأو۔

1. A History of Kashmir.

2. Central Asia & Kashmir.

3. A Socio-Economic History of Kashmir. 1848 to 1925

تژٕے پیرِ یعنی پنٛڈت ست رام کول بامزئی، پنٛڈت طوطہٕ رام کول بامزئی تہٕ پنٛڈت آننٛد کول بامزئی یَس پَتہٕ چھِ پنٛڈت پرٛتھوی ناتھ کول بامزئی زینہ کدلس نکھہٕ گُر گڈی محلس مَنٛز ۱۹۱۰ عیسوی سنٕس مَنٛز تھَنہٕ پیوان، ییٚلہٕ ڈوٗگرٕ مہاراج پرٛتاپ سنٛگھ کٔشیرِ ہِنٛدی حُکمران اوس۔ یِہنٛدی وألِد پنٛڈت آننٛد کول بامزئی چھِ پنٕنہِ زمانٕکۍ با وَصف مَنٛش أسۍ متۍ۔ تِم أسۍ سبٹھاہ رِتۍ تہٕ گاٹٕلۍ۔ تھَد، پایکۍ عألِم تہٕ فأضِل تہٕ تمدُنٕکۍ زبردست دِلدادہ۔ ئِکۍ شوق تہٕ گون أسۍ أکِ ہیےٚ جایہٕ یکجا سپدۍمتۍ۔ کٔشیرِ مَنٛز أسۍ ڈوگرٕ شأہی بارٕسَس آمِتۍس فقط وٕہ وٕری گٔمتۍ۔ جموں و کشمیر سٹیٹ أس وجوٗدس مَنٛز آمٕژ تہٕ مختلف کلچرل اِکأیِن أس أکِس ئِوٕس اِنتظأمی ڈانٛچس مَنٛز لأنٛ مِلہٕ وَن گٔمژ۔ پنٛڈت آننٛد کول بامزئی یَن

لۆب شاہ۔ یہِ اوس سہٕ زمانہٕ، ییلہِ فارسی زبأنی ہنٛز جاے اُس ووٕنی اُردوٗ تہٕ انگریزی زبأنی سیٚدِ سیۆد تہٕ وَرگہِ پأٹھی رٹان۔ یہِ چھُ صحٕی زِ مہاراج رنبیر سنگھ تہٕ مہاراج پرتاپ سنگھ نِس عہدس منٛز تہِ آیہِ کیٚنٛہہ مولہِ وِنہِ کامہِ فارسی زبأنی منٛز باڈل۔ یِمَن منٛز حسن شاہ کھویہامی (۱۸۳۲ء - ۱۸۹۸ء) ہنٛز باگہِ بُرٕژ توأریخ ''تاریخِ حسن'' زِ ہنٛز مُشراوِتھ ہکون نہٕ۔ اماپۆز پَزر چھُ یہِ تہٕ زِ فارسی زبأنی ہُنٛد رِواج اوس ووٕنی ہَنہِ ہَنہِ ژھوکان ژوکان تہٕ دَم ہاران۔ پنڈت آنند کول بامزَئی اَسی تِمَن گوڈٕنکین کأشرَن منٛز بڑوٕنہہ بڑوٕنہہ یِمو مِشن سکوٗلس منٛز پۆر تہٕ انگریزی تألیمہِ ستی پَنُن پان گاشروو۔ یہِ چھُ اکھ سُہ دور یتھ منٛز باکمال تہٕ بے جوڑ یوٗرپی لِکھاربن محقق تہٕ عألمن ہنٛز اکھ چھوکھ ییٚتہِ سرگرم سَپٕز تہٕ ییٚتہِ چہِ زبأنی اَدبس تمدٕنس تہٕ توأریخس منٛز سبٹھاہ دِلچسپی ہأوتہٕ یِمَن للہِ کھول کُرِتھ وارِیاہ جان کأم کٔر۔ یِمَن باصِفت اِنسانَن منٛز چھِ والٹر لارنس، آرل سٹاین، ریو ہنٹن نولز، بہلر، سرجارج ابراہیم گریرسن، فیڈرِک ڈریو، ٹی آر، واڑے بیٚترِ قأبلِ ذِکر۔ اکھ نۆو شوق۔ نۆو بصیرت تہٕ ہوا نوا آیہِ درٛینٛٹھی، یِمو کأشُری عألم تہٕ لِکھأری تہٕ دوٕلسنس اَتی تہٕ یِژھ کامہِ کرنہِ خأطرٕ بیقرأر کٔری۔ پنڈت آنند کول بامزَئی سُنٛد ناو چھُ تِتھِین دأنِشوٕرَن منٛز سرس یِمَن یِژھ گل گنے یہِ۔ تِم سپٕدی بنگال چہِ ایشیاٹک سوسائٹی (Asiatic Society of Bengal) ستیٚ وابستہٕ تہٕ لیٚکھِکھ انگریزی زبأنی منٛز کیٚنٛہہ اہم مضموٗن۔ اَمہِ پتہٕ لیچھِ تِمو کٔشیرِ مُتلق کیٚنٛہہ خاص کِتابہٕ۔ یِمہٕ پرٕتھ ازتہٕ یِہنٛدِ علمی بجرُک تہٕ سَنہِ مطالُک باس لگان چھُ، یِمہٕ چھےٚ:

(۱) جموں و کشمیر جیوگرافی

(۲) آر کیولوجیکل رِمینسز اِن کشمیر

(۳) کشمیری پنڈٹ

(۴) للّی یوگیشوری

(۵) نُند ریشی

اَمہِ علاوٕ رؤدٕ تمہِ ریو ہنٹن نولزس (Rev. Hunton Knowles) سٟتۍ کأشرٕبن محاوَرن تہٕ پرٕبوٚن مُتلِق کِتاب: "Kashmiri Proverbs and Riddles" ترتیب دِنس منٛز یمن سبٕھاہ لرِلوٚر۔

پنڈت آنند کول بامزئی رؤدٕ کیثون اہم عہدن پٹھ کأم کران۔ تمہ رؤدٕ کیثوس کالس کسٹم تہٕ ایکسائیز محکمکۍ سربراہ۔ تم أسۍ سرینگر میونسپل کمیٹی ہنٛدۍ صدر یُس تمن دوہَن سبٕھاہے باعزت تہٕ معتبر عوہدٕ اوس مانٛنہٕ یِوان۔ شہرُک سوزُرے ہنگ رَنگ اوس أمۍ سے مٔتہٕ آسان۔ اَتھ زمانس منٛز یمہٕ کینٛہہ پایہٕ بجہٕ تہٕ لاجواب شخصیژ کٔشیرِ یِوان روزٕ یمن سٟتۍ اوس یہنٛدِ گرِ خاص محفلِن تہٕ مجلِسن ہُنٛد اِنتظام کرنہٕ یِوان۔ مثلن یور آیہٕ سوامی وِویکانند، رابندرناتھ ٹیگور، ڈاکٹر سرمحمد اقبال، تیج بہادُر سپرو، مشہوٗر صنعت کار جمشید جی ٹاٹا ہنٛدۍ فرزند سرِدُراب جی ٹاٹا تہٕ تِہنٛز آشنٛز۔ یہنٛدِس اعزازس منٛز آو یہنٛدِ گرِ سال تہٕ خاص مجلِسن ہُنٛد سَنٛز کرنہٕ۔ کٔشیرِ ہنٛدٕبن عألمن تہٕ لِکھاربن ہُنٛد اور یُن أسنہٕ کانٛہہ نٔو کتھا۔ مختلف مالِن اوس دَل دِنہٕ یِوان۔ یہُنٛد توٗلُق زیادٕ تر ہسٹری، عِلمس، ادبس، تمدُنس تہٕ زبأنۍ سٟتۍ اوس آسان۔

پنڈت پرتھوی ناتھ کول بامزئی چھ بختاوار زِ تمو لوب تِتھِس ماحولس منز پھاہ۔ تِمن میؤل لوکچارِ پیٹھے اکھ سہ ماحول یمی تہنز بودھ تہ ذہن اَکِس خاص قابلیس منز تراوِی تہ یِمن منز اکھ سو زِیٖرٕ شولہ نے یہ یوسہ سائنس تمدُنس تہ تواریخس زؤل گرنک سبب بنے یہ۔

پی۔این۔کے بامزئی ہنز علمی سرگرمی گیہِ مُلہِ تلہِ ایس۔پی کالجس منز شورُو، یتہِ تمو بی۔اے آنرس کور۔ تمو کور تواریخ نوپسی ہُند دِسلابہ کالج میگزینس منز کیٚشون شخصیٚون مثلن زین العابدین بڈشاہ، للتا دتیہ، منکتا پیڈ تہ شری بھٹس مُتلِق لوکٹو مضمؤنو ہتے۔ یِمن دوہَن اوس ایس۔پی کالجس منز اکھ خاص میڈل آسان۔ یتھ سوج نراین گولڈ میڈل وَنان اُسی۔ یہ اوس تَس لڑکس دِنہ یوان یُس اقتصادیاتکس کُنہِ خاص موضوعس پیٹھ کانہہ جان تہ زُودار مقالہِ لیکھِ ہا۔ بامزئی صابن لیٚوکھ "کشمیر انڈر مُغلز۔ این اِکونومک سروے" (مطلب کشیرِ مغل دورس منز۔ اکھ اقتصادی جایزٕ) اکھ مقالہِ۔ یہ آو سبٕھے پسند کرنہِ۔ یہ چھپیو پتہِ انڈین جرنل آف اکونومکس (Indian journal of economics) ناوِ کِس مشہور میگزینس منز۔ اَمی دُراوی یہندی کوٹھی تہ یمو لیٚوکھ اَتھی طرزس پیٹھ بیاکھ مُقالہ "کشیرِ : سِکھ دورس منز۔ اکھ اقتصادی جایزٕ"

بامزئی صاب اُسی یَوہان زِ تم گوھن نبر تہ کرن اقتصادیاتس یا ہسٹری منز ایم۔اے۔ مگر ماکی ہنزِ بجرٕ کِنہ ہیکی نہ تہ گرتھ۔ تمو ہیوٚت ییٚتی پنُن کارِ بار کرُن۔ ۱۹۴۱ ءِیس منز سپدی پنڈت آنند کول سورگہ واس تہ ساری ہے لوگ زھبن ہیوٚ۔ بقولِ فیض

اور بھی ہیں زمانے میں محبت کے سِوا
راحتیں اور بھی ہیں وصل کی راحت کے سِوا

بامزئی صأبن سُنہِ روو پنُن کھور تجارتس منز۔ یم لگو رِکلی، شیشہِ تہٕ کلایہِ ہُنٛد کارٕ بار گرنہِ۔ دوٚیم جنگ عظیم اوس شوٚروٗ گوٚمت تہٕ یمن سپز کلایہِ کارس منز تیژ یأری تہٕ برکت زِ یمن پیو "کلایہِ راجہِ" ناو۔

۱۹۴۷ یَس منز آو عوامی راج بارسس۔ برصغیرکہِ تقسیم تہٕ قبأئلی حملہٕ کِنز اوس سوٗرے کاروبار روٗدمُت گوٚمت۔ زِندگی ہنٛدی مختلف شعبہٕ نوٚ سرٕ شیرنک تہٕ پأرنک اوس دوٚنی سنز سپدان۔ پنڈت جانکی ناتھ زُتشی (یم ریاستس منز ڈائریکٹر جنرل انفارمیشن تہٕ براڈ کاسٹنگ أسی) ہنٛدِ دایہِ تہٕ مشورٕ سپدی پی۔این۔کے بامزئی أتھی محکمس ستی بحیثیت سپیشل آفیسر وابستہٕ۔ یم سپدی کٔشیرِ ہُنٛد اکھ ہینڈ بُک تیار کرنچہِ کامہِ ستی إٓرِی۔Keys to Kashmir ناوچ کتاب یوسہٕ کٔشیرِ مُتلِق کینژن زُودار مضموٗنن ہنٛز اکھ سوٚمبرن چھےٚ آیہِ ترتیب دِنہٕ تہٕ چھاپ گرنہِ۔ اَمہِ پتہٕ سپدی یم نوِ دِلہِ منز مرکزی سرکارٕکس پبلی کیشنز ڈوِجنس (Publications Division) ستی وابستہٕ۔ یم بنے یہِ اکہِ مشہوٗر انگریزی رِسالکی ایڈیٹر۔ اتھ اوس ناو "کشمیر" یہِ اوس پنٕنہِ قسمُک گوڈنیُک اکھ رِسالہِ یٔیمِک دخل کٔشیرِ ستی اوس۔ یہِ أسی اَتہِ یمن بروٚنٹھہ اے۔ایس رمن (A.S. Raman) کڈان۔ یم پتہٕ السٹریٹڈ ویکلی آف انڈیا میگزینکی ایڈیٹر بنے یہِ۔

بامزئی صأب روٗدی کینژس کالس "مارچ آف انڈیا" (March of India) میگزینکی تہٕ ایڈیٹر۔ یُس پنٕنہِ قسمُک اکھ شوٚبہِ دار معتبر میگزین اوس۔ ۱۹۷۱ یَس

تام روٗزِ بامزئی صأب ییتھو پیا (Ethopia) سرکارِکی صلاح کار برائے اِطلاعات ونشریات۔

انگریزی زبانہٗ منٛز کٲشرِ ہنٛز اکھ مُکمل تہٕ زُوودار ہسٹری لیکھنک خاب آو یِمن مُلہٕ تلہٕ تمِنٛے دوہَن ووتلتھ ییلہٕ یِم رِیاستی محکمہٕ اِنفارمیشن محکس ستی وابستہٕ أسی۔ اِچ وبرٛھے أسی ووٚنی محسوٗس کران تِکیازِ کٲشرِ ہُنٛد سوال اوس سلامتی کونسلس تام ووتمُت۔ پۄرِ دُنیاہَس منٛز اوس کٲشرِ ہُنٛد چرچہٕ۔ مُلکس منٛز تہٕ مُلکہٕ نبر أسی واریاہ لُکھ اکھ وزن دار موتبر تہٕ مُکمل ہسٹری ژھاران۔ ییلہٕ یہٕ کتھ شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ ہندِ بن کَنَن تام وأژ، یِم تِمہٕ وِزِ ریاستکی وزیرِاعظم أسی زِ پی۔این۔کول بامزئی چھِ اتھ جان کامہٕ دَس تُلَن یِژھان تہٕ تِمن نِش چھُ برٛونٛہہ پیٹھے پنٛڈت آنند کول ہندی دٔسی واریاہ مواد جمع ۔ تِم سپدی سبٹھاہ خوش۔ سأری دستاویز یِم سرکأری تحویلس منٛز أسی آیہٕ یِمن آیتَن تھاونہٕ۔ جموں آرکایوزِ پیٹھ آیہِ اکھ ساس اہم فایلہٕ اَنہٕ ناونہٕ تہٕ یِمہٕ روزِ بامزئی صأبس نِش پۄرِ دون وٕری یَن مُطالہٕ باپتھ۔ تہٕ ییتھِ پأٹھی سپُد تِمن گوڈنچہ لٹہِ سٕہ مواد بدس۔ یُس نہٕ یِمن برٛونٛہہ کأنٛسہِ وُچھمُت تہٕ استعال کوٚرمُت اوس۔ یِہنٛزِ ہسٹری برٛونٛہہ چھےٚ کٲشرِ مُتلِق انگریزی یَس منٛز ضرۄری کینٛہہ یادگار کِتابہٕ چھپیمٕژ۔ یِمہٕ چھےٚ ڈاکٹر محی الدین صوٗفی ہنٛز ''کٲشر'' معتبر سیاستدان تہٕ جرنلسٹ پنٛڈت پریم ناتھ بزاز ہنٛز ''اِن سایڈ کشمیر'' تہٕ ہسٹری آف سٹرگل فار فریڈم اِن کشمیر'' سابق وزیرِ اعظم آر۔سی۔ کاک ہنٛز (Ancient monuments of Kashmir) ۔ ڈاکٹر آر۔کے پارموٗ ہنٛز ''ہسٹری آف مُسلم رول اِن کشمیر'' تہٕ

پروفیسر مُحب الحسن ہنز ''کشمیر انڈر سلطانز''۔ یمن مَنز چھے پننہِ زمانہِ مؤجوٗب اکھ
نوٗ تیمہِ تہِ اکھ نوٗ بھیرت لبنہِ یوان۔ ووٗنی گو یمُنٛد رَنگ تہِ انہار چھُ بدل۔
یمہِ چھے کیٛنوٗن دورن تہِ موضوٗعن تام محدوٗد۔ ڈاکٹر صوٗفی سُنٛد ظون چھُ تمن
حالاتن تہِ واقاتن کُن یمہِ کشیرِ مَنز ژوداہمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ درٛینٛٹھ آیہِ۔ یمہُنٛد
زور چھُ زیادٕ تر شعر و شاعری کُن تہِ اَمِچ ترتیب چھے ڈیٚکہِ تہِ کمزور۔ کتاب
چھے یہَے ٹاکمِن وَہراونہٕ آمٕژ۔ بزاز صاب عمن کتابن مَنز چھُ سیاسی ہسٹری
ہُنٛد عنصر زیادٕ یہَن ووتلیومُت۔ پارمو صاب تہِ ڈاکٹر مُحب الحسن چھِ روایت
پَسنٛد محقق تہِ مورخ۔ تم چھِ زیادٕ تر اُکِس رپوٹر ہنٛدی پأٹھۍ واقات سوٗبران تہِ
پیش کران۔ اکھ نقاد یتھہٕ پأٹھۍ مختلف کتھن ہنز مولہِ اُنکہِ وَن کران چھُ یا پتہِ
مأہرانہٕ وبوٗھنے یا Interpretation پیش کران چھُ سو چھے خالے درٛینٛٹھ
یوان۔ یمن سارِنے ناوَن ہتی چھُ مُنشی محمد دین فوق سُنٛد ناو تہِ توجہس لایق۔
یمو اُردو زبأنی مَنز ہرگوپال خستہٕ ہنٛدِ ''گلدستہ کشمیر'' پَتہِ کأشرِس توأرِیخس تہِ
تمدُنَس مُتلِق ہکو کتابہِ لیچھ۔ یمن مَنز تاریخ اقوام کشمیر، تاریخ کشمیر، تاریخ
بڈشاہی، مشاہیر کشمیر بیترِ کینٛہہ چھے۔ شخصی راجس تہِ غولأمی ہنٛدِس دورَس یوسہِ
حالتھ عام کأشرِ ہنز اُس سو چھنہِ کأنسہِ نِش ژوٗرِ۔ یم واریاہ کأشرِ ییٚتہِ ژٕلی
تہِ مستقِل پأٹھۍ رِیاستہِ نیبر دوٗیمن جایَن بَسنہِ لگی۔ یا یم وَنٛدِ کالس عارضی پأٹھۍ
موٗزوٗری تہِ کارِبار کرنہِ گوھان اُسی، تہنز حالتھ تہِ اُس نہٕ جان کینٛہہ۔ تمن
اوس ''بانڈ تہِ ہتو'' وَننہِ یوان۔ اُردوٗ ڈِکشنرِی چھے تتھو مانیو ہتی بُرتھ، یم کشمیری
(کأشرِس) دِنہِ آیہِ۔ ژمن تہِ ہٹہِ وَسُن اوٗ کطرف۔ کینٛہہ کتھہٕ پرٛتھ چھُ اُسن

یوان۔ مثلن یہِ وُچھِو تو:

''کشمیری بے پیری جس میں نہ لذت نہ شیرینی'' مہذب اللغات۔

(یوسہٕ کیفرون جِلدن پیٹھ مشتمل چھےٚ) چھےٚ اَسہِ ونان:

''عام طور سے دہلی اور لکھنو میں جن کشمیریوں نے آ کے رہنا اختیار کیا ہے ان کو عام طور سے بھانڈ کہتے ہیں۔''

پنجاب ہیٚترِ جایَن اوس عام کاشُر ''ہتو'' ناوِے پژ بزناونہٕ یوان تہٕ سبٹھاہ کم تر تہٕ وُسی پایہِ زاننہٕ یوان۔ یہِ وُچھِتھ یُس شدید ردِعمل وارِیاہَن بیدار کاشرِ بن گنو، اَمی تہٕ وِہناوو تحریکِ حُریت تھمبر پھٕژ پاٗٹھی۔ منشی محمد دین فوق تہٕ کشپ بندھو ہوی شخص پھیرِ ناوی ژکہِ یِمہٕ وِے دِل خراش واقاتو صحافتس کُن۔ یِمن حالاتن منٛز اوس پتہٕ ضرورٕی زِ کاشرِ بن ہنٛزِ اصل ہسٹری، تمدُن تہٕ مولہٕ میراثچ وبتھنےٚ گژھہِ سپدٕنی عام فہم زبانیٚ منٛز۔ منشی محمد دین فوق سٕنزن کِتابن منٛز آسن تحقیقی طور وارِیاہ بٔتھ مگر یِہُند مرتبہٕ پٔز اَسہِ اَتھی پوٚت منظرس منٛز کھرِ کرُن۔ کشیرِ مُتلِق یِمہٕ کِتابہٕ یِمہِ صدی ہٕندِ بن گوڈنکین پاٹھن دٔہلین اَندر لیکھنہٕ آیہِ، تِمو تہٕ کر اتھ رنٛگس منٛز وارِیاہ کام۔ بامزئی صابنیٚ ہسٹری یوٚد وَے آزادی پژاونہٕ پتہٕ پنداہِ وُہری چھاپ سپدییہِ۔ یہِ سپٕز مُلکس منٛز تہٕ مُلکہٕ نبر کشیرِ صحی رنٛگس منٛز سمجنہٕ خاطرِ اکھ معتبر آگر تہٕ ذٔری یہِ ثابت۔

بامزئی صاب چھِنہٕ کُنہٕ اِزمَس یا دَرمَس لارِ تہٕ تمیٚک شیشہٕ لگاوِتھ حالاتھ تہٕ واقاتھ پرکھاوان یا یِمن مُلہٕ مایہِ گران۔ تِم چھِ غیر جانبداری سان جذباتی بننہٕ ورأے اَرکس سنجید تہٕ دَم دار مورخہٕ سٕندی پاٗٹھی جان تہٕ شوٗبدار

سٹالیس مَنز مختلف کتھ بڑونٹھ کُن اَنان۔ یِہنز نظر چھنہٕ کٲشیر ہِندِ ین اندرونی حالاتن تامے روزان۔ یُگر کہِ تم چھ تتھ تہِ سَنان یہِ کٲشیر أندی پکھی سپدان روزان چھُ۔ بامزئی صأبَس چھُ یِیمہِ کتھِ ہُنْد شدید احساس زِ ہسٹری چھنہٕ ہرگز River of Kings یعنی رازن تہٕ پادشاہَن ہُنْد دٔریاو۔ یہِ زَن ساٹھن واریاہَن مورِخن ہُنْد نظریہِ روٗدمُت چھُ۔ تِمن نِش چھےٚ ہسٹری سأنٛز کتھ، لُکن ہِنْدِ سمنْدرِچ کتھ، لُکن ہِنْدِ لِچ بسنچ، تِہنْدِ ین رِشتن تہٕ وۄہارن، رسمن تہٕ رِواجن، وۄتلیمژن نُجِن تہٕ اثراتن، ادبی فنی تہٕ ذہنی کمالن، خابن تہٕ ارمانن، وولٕہٕرِشن تہٕ وَکانَن، طوٗفانن، سہٕلابن تہٕ آوٕلنَن ہنٛز کہأنی۔ تہٕ یی چھُ پَزر تہِ۔ تہٕ یِموٕے اَنہار وٕکنٛز چھےٚ یہِ اکھ مستند تہٕ معتبر ہسٹری مانہٕ یِوان۔ روملا تھاپر سُنْد وَنُن چھُ:

"Mr. Bamzai's history of Kashmir is perhaps the first book of it's kind. It is a running story of the political, social & cultural development of the Land. The book is a must for one who wants to know something about Kashmir and its problems."

سردار کے۔ایم پانیکر چھِ ونان:

"This is the first serious attempt to present the story of Kashmir as a whole."

ڈاکٹر آر۔ایس موزم دار چھِ لیکھان:

"I believe this is the first book giving a conspectus of the history of Kashmir. This is a great thing and the book will be very valuable for ready reference."

اَتھ کتھِ کَرِ نہٕ کانٛہہ اِنکار زِ تحقیق یا ریسرچ چھُنہٕ زانٛہہ سوران۔ وَق گُذرنس سٟتۍ سٟتۍ چھےٚ نوِ کتھہٕ نَنہٕ نیران۔ نۆوۍ کۄنٛج اَتھ یِوان تہٕ نۆوۍ سبتھرۍ وَنہٕ نیران۔ یٟمہٕ کِنۍ نوٚ ہسٹری لیکھنٕچ عمل برابر جأری روزان چھےٚ۔ پٔتۍمین ترٛبن دٔہلین منٛز یوسہٕ تحقیقی کأم سپٕز خاصکر آرکیولاجی تہٕ آب و ہواہَس مُتلِق سپٕر بدِ کٔڈ ِنکھو مأہرو دٟسۍ۔ تٟمہٕ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ وُنہٕ چھُ کٔشیرِ ہِنٛدِس پَتھ کالس مُتلِق واریاہ کینٛہہ پرٛکھُن، زانُن تہٕ لیکھُن باقی۔ کٔشیرِ منٛز چھِ اِنسانہٕ ہٟندۍ پٔدۍ زِ ڈاے لچھ ؤری برٛونٛہہ پیٚمتۍ۔ سوال چھُ ووتھان، یِم اِنسان کمو کمو طرفو تہٕ جایو پیٚٹھ آیہٕ یور؟ تِم کمن نسلن تہٕ ذأژن ہِنٛدۍ أسۍ؟ تِہنٛز زبان کوسہٕ اُس؟ تِہنٛد لَسُن بَسُن کیُتھ اوس؟ پرٛانہِ کنہِ کالہٕ پیٚٹھ نۆوِس گنہِ کالس تام کیاہ تبدیلیہٕ آیہٕ یِہنٛزِ ووتھِ بیٚٹھ تہٕ لسنس بسنس منٛز؟ گوپھ کرٛال، بُرزٕہامہٕ، سِمتھن، دردہ کوٹ بیٚترِ جایَن یِم پرٛأنۍ نِشانہٕ کھُدایہٕ پَتہٕ درٛاٟمتۍ چھِ یِم چھِ وُنہٕ واریاہ بحث مَنٛگان۔ بُرزٕہامکۍ نِشانہٕ چھِ وادی سندھ کِس تہذیبس لرِ لوٚر وکھرٕ تہذیبک نیب دِوان۔ تہٕ اَمہِ پَتہٕ کیاہ سَپُد تہٕ کتھِ پأٹھۍ آیہٕ مختلف دور بارٕس، یہٕ چھُ سوچنس لایق۔ کلہن نہٕ پیٚٹھ ازتام یِمہٕ توأریخہٕ لیکھنہٕ آیہٕ، تِمن چھےٚ الکہِ پلہٕ مہابھارتہٕ پیٚٹھ کہٕ زمانٕچ ورستھاہ دَرٕج۔ مہابھارت کہٕ زمانہٕ پیٚٹھ عیسوی سَنہٕ شۆرُوٗ سَپدنٕس تام یا اَمہِ پَتہٕ تہٕ کیٚنژَن صُدیَن ہنٛز ہسٹری یوسہٕ اَسہِ بدس چھےٚ سو چھےٚ سبٹھہٕ سرسری، سطحی تہٕ موخصر۔ واریاہو بَتھو تہٕ کھُربو برٕتھ۔ وُنہٕ چھُ شبقہٕ تصویر ووتلاونہٕ خأطرٕ واریاہ جَستہٕ خأز کرُن۔ بامزٕ صأنٛز ہسٹری یۄت یۄت یِمو دورَو منٛزٕ نیرِتھ برٛونٛہہ برٛونٛہہ پکان چھےٚ، تیٚوت تیٚوت چھےٚ یہٕ زیادٕ

واشہِ رأوِتھ کتھ وَنان تہٕ زُو دار تہٕ مُعتبر بنان۔ شاید چھُ یوٚہے احساس یمیٚو بامزئی صأب ''کٲشیرِ تہٕ منز ایشیا'' کِس موضوعس پیٚٹھ اکھ وَکھرٕ کِتاب لیکھنَس پیٚٹھ آمادٕ کری۔ یہٕ چھُ کٲشیرِ ہنزِ ہسٹری ہُنٛد سہٕ اہم اَنہار تہٕ موضوع، یتھ پیٚٹھ وُنہِ وارِیاہ تحقیق تہٕ تلاشُک ضرورتھ چھُ۔ کٲشیرِ تہٕ منز ایشیاہکۍ رِشتہٕ چھِ بُدھ مت تہٕ اسلام کہِ پھألاوِ ستۍ زیادٕ سَنبر تہٕ ووگنیار ضرؤرلبان، مگر یم چھِ اَمہِ تہٕ وارِیاہ پرٛأنۍ۔ کٲشیرِ منز یمن اِنسأنی نسلن ہنزِ حرکت ووتلے یہِ تہٕ پھانٛپھلے تہٕ اَتھ منز چھُ اتھ علاقس وارِیاہ دَخل۔ اصل تارِ کانٛجہِ پرٛزِ ناونٛچ چھےٚ وُنہِ کأفی گُنجأیش موجود۔

ہسٹری ہُنٛد تولُق چھُ کُلہم پأٹھۍ اِنسأنی زِندگی ستۍ وَکھرٕ وَکھرٕ گوشن تہٕ موضوعن ستۍ۔ لہٰذا چھُ اَمیُک باڈو وارِیاہ وسیع تہٕ باگہِ بوٚرُت۔ یہٕ چھُنہٕ مُمکِن زِ اَکِس مورخہِ ہنٛز نظر پلہِ سارِنے طرفن گٔن۔ تِس آسہِ پرٛتھ موضوعس ستۍ دِلچسپی تہٕ تتھ پیٚٹھ عبوٗر۔ یوٚہے وَجہ چھُ کِتۍ بھٹھِ تہٕ دوٗش چھِ حبہٕ روٗزِتھ تہٕ نال وَلان۔ اَمۍ وَجہ کِنۍ چھِ موجودٕ زمانَس منز سبٹھےٚ باتفصیل تہٕ معتبر توأریخہِ لیکھنہٕ خأطرٕ پروجکٹ شوٗروٗ کرنہٕ یِوان۔ یمن ستۍ رَنگہٕ رَنگہٕ دِلچسپی یَن ہِندۍ ماہرٕ وابستہٕ سَپدان چھِ۔ باسان چھُ ووٗنۍ چھےٚ کٲشیرِ ہنزِ توأریخ یوسہِ کیٚنٛژون جِلدن پیٚٹھ مُشتمل آسہِ نِو سرٕ لیکھنٕچ سبٹھاہ ضرؤرت۔ بامزئی صأبُس ہی مورخ ہکبن یتھس پروجکٹس منز پننہٕ تجرُبہٕ کِنۍ گاشہِ اَنبر ثأبت سَپدتھ۔

یتۍ مین دوہن ذیلین منز یمہِ اہم کامہِ بامزئی صأبن سنٛزن مطالن ہنزِ شکلہِ بال اَنہِ تِمن منز چھےٚ ۱۸۴۸ہِ پیٚٹھہِ ۱۹۲۵ہِ یَس تام پہنٛز کٲشیرِ ہنزِ توأریخ

اَکھ خاص پاے تھاوان۔ اَمہِ خاطرٕ روٗ دیمن ترٛبن وٕری یَن انڈین کونسل آف ہسٹاریکل ریسرچ طرفہٕ سنیئر فیلو شِپ تہٕ حاصِل۔ یہٕ کِتاب چھےٚ مہاراج گُلاب سنگھ سنٕہ زمانہٕ پیٹھٕ مہاراج ہری سنگھ نِس تخت نِشین سپدنس تام کٔشیرٕ ہنٛدی سماجی تہٕ اقتصادی حالاتھ واشہِ رأژھ تہٕ سٕرٕتھ بڑوٹھ کٔن انان۔ یہٕ چھُ یہنٛد اَکھ موٗلٕل کارنامہٕ۔ یہنٛز بیٚیہ کینٛژھہ کِتابہٕ چھِ:

(۱) کشمیر اینڈ پاور پالٹِکس

Kashmir and Power Politics

(۲) فرام لیک سیکسس ٹو تاشقند

From Lake success to Tashkant

یمہٕ دوشوٕے چھےٚ سیٚد سیوٚد پولٹیکل ہسٹری سٟتی توٗلُق تھاوان۔ یمو کِتابو پرٛاو سو مقبوٗلیت یُس یمہٕ پرٛاونہٕ گوژھہٕ۔ کہیں شک چھُنہٕ زِ یِنہٕ والین وٕری یَن منٛز یِیہِ یمن زیادٕ زیادٕ پھیرٕ دِنہٕ۔ بامزٔی صأبن گرٛینٛس وأڈِل پنڈت آنند کول بامزٔی ہنٛز جموں وکشمیر جغرأفی تہٕ حالے نٔوسرٕ چھاپ تہٕ اتھ کٔرِکھ کینٛژھہ جان اضافہٕ۔

اَزکل چھِ یم کٔشیرٕ منٛز افغان راج سمأجی تہٕ اقتصادی توارٟخ اکہِ سَنہِ مُطالکہٕ رٔنٛگی پیش کرنچہ کامہِ سٟتی آوٕرٕ۔

بامزٔی چھِ وٕنکِس ۷۸ وٕہرٕ۔ دَے دِی نکھ رُمہٕ ریٚتھن آے۔ اَسہِ منٛزٕس ہیتھن منوشن ہُنٛد آسُن چھُ غنیمت آسِتھے۔

☆☆☆



# کاشِر ناوَل

کاشُر اَدب چھُ اَکھ سُہ اَدب یتھ منٛز اَفسانہٕ (شارٹ سٹوری) گوڈٕ بارٔسس آو تہٕ اَمہِ پتہٕ لۆب ناولہِ ہَر تہٕ تَر۔ نتہٕ چھےٚ مختلف اَدبَن منٛز یہٕ صوٗرتھ روٗزمٕژ زِ گوڈٕ لۆب ناولہِ ہِندی فنَن یاوُن تہٕ اَمہِ پتہٕ پژوو اَفسانَن یا شارٹ سٹوری قَد تہٕ مَد۔ یہِ چھُ بے شک کاشرِ اَدبُک اَکھ دِلچسپ انہار۔ سوچُن چھُ یہِ زِ ناولہِ ہُند فن کیٛازِ ووتلیوٚو وارِیاہ ژیٚری کاشرِس اَدبَس منٛز۔ تہٕ یہِ کیٛازِ پھبوٚ نہٕ وُنیکھ تامَتھ؟ اَگر یہِ کیٛازِ روٗد کرٛوٚٹے تہٕ ناپوٚختے؟ یِمَن سَوالَن جَواب ژھارنہٕ سٟتؠ نیرن تَم تَر تہٕ روح روکانہٕ یِم کاشرِ ناولہِ ہِندِس اِرتقاہَس سٟتؠ توٗلُق چھِ تھوان۔

سارِوے کھوتہٕ بۆڈ تہٕ اَہم وَجہ چھُ یہِ زِ کاشرِ نٔثرٕچ حقیقی وٲنس چھےٚ سبٹھاہ موخصر۔ نٔثر آو کاشرِس اَدبَس منٛز مُلہٕ تلہٕ ۱۹۴۷ پتےٚ۔ اَکہِ خاص تسلسُلہٕ تہٕ سنٛجیٖدگی سان لیکھنہٕ۔ واتہٕ ناوٕکی ڈٔری یہِ چھِ ریڈیو کشمیرٕکی بڑاڈ کاسٹ

تہٕ کیٛنٛہہ میگزین روزان یِمَن منٛز گوڑٕ کاکَس اَنٛد رکونٛگ پوش تہٕ گُلریز پھرٕنَس لایق چھِ۔ یِمَن میگزینَن ہنٛدی صَفہٕ اُسی گٔنزرِتھ تہٕ سرکولیشن موٚحدوٗد۔ ہمیشہِ روٗدُک اَژٕ زُو تہٕ نیر زُو ییٚمہِ کنٛز نہٕ ٹوٗی ماٗدان سَر گرٕنٛچ زیادٕ گُنجایش روٗز۔ ظاہر چھُ ناولہِ ہنٛز طوالت ہیکے نہٕ نہٕ ریڈیو ہے بَرداشت کٔرِتھ نہٕ یم میگزینہٕ یم ہمیشہ پٔنٛنہِ کھور ٹھپکہٕ راوٕنچہِ کوٗششہِ منٛز روٗدی۔ اَمہِ پَتہٕ تہِ دژایہِ کیٛنٛہہ میگزین یِمَن منٛز نیٖب کاشُر اَدب، شیٖرازٕ بیٚترِ قابلِ ذِکر چھِ مگر یم تہِ ہیٚکی نہٕ ناولہِ باپَت پٔنٛنہِ ورق آیِنَن تھاوِتھ۔ صَفہٕ کم آسنہٕ سببہٕ سَپدی یم ساری ذٔری یہِ ناولہِ مُقابلہٕ موخصر افسانہٕ (شارٹ سٹوری) باپَتھ زیادٕ موزوٗن ثابت۔ یِمو اُدیبو گوڑٕ کاکَس منٛز نثر لیوٗکھ۔ ہَنہٕ ہَنہٕ بیٛلہِ تِہنٛد حوصلہٕ بڑو تہٕ تِہنٛدِس قلمَس آو آے۔ اَدٕ ییٚتہِ تِمو دوٚیمِن صِنفَن ہنٛدی سَرحَد ژھنٛڈٕنی یِمَن منٛز ناوَل تہِ اَکھ چھےٚ۔ گوڑٕ کاکَس منٛز یم اُدیب کاشُر نثر لیکھنہٕ لٔگی تِمَن منٛز اُسی بیشتر تِم یم اَمہِ برٛونٛہہ یا تہٕ اُردوٗ لیکھان اُسی نتہٕ ہنٛدی۔ ماجہِ زیوِ اِظہارُک ذٔری یہِ بناونہٕ ستیٚ کوٚڈ تِہنٛدی قلمَن واش تہٕ کامیابی ہُنٛد سَپدُک زیادٕ یقین۔ اختر محی الدینُن 'ست سنگر' چھےٚ کاشرِ افسانٕچ گوڈنٛچ سوٚمبرن یُس کاٗنٛسہِ افسانہٕ نِگارَن انفرادی طور چھاپ کٔر۔ چھاپ سَپدنک سَنہٕ چھُ ۱۹۵۵ء اَمہِ برٛونٛہہ یہِ کیٛنٛژھا کاشرِ افسانہٕ رٔنٛگی تہٕ ووجوٗدس منٛز آو تہِ روٗد یا تہٕ ریڈیو کشمیرٕ ذٔسی لُکن تام واتان نتہٕ کونٛگ پوش تہٕ گُلریز رِسالَن ہنٛدِ ذٔری یے۔ ۱۹۵۷ء - ۱۹۵۸ء ہَس منٛز آیہِ گوڈنٛچ کاشُر ناولیٹ ''دود تہٕ دَگ'' بازرَس منٛز۔ تہٕ یہِ تہِ چھےٚ اختر صابنی تخلیق۔ دود دَگ ناولہِ برٛونٛہہ چھِنہٕ بیٛیہٕ کانٛہہ مکمل ناوَل کاشرِ زبانٔی منٛز سرِ بازر آمُت۔ تہٕ یتھ

پأٹھی چھِ اختر محی الدین کأشرِ ناولِ ہِندی مؤلادار یا بأنی کار بَنان۔

یہٕ دوَے کأشرِ زبأنی مَنز آسہِ ہے نثر لیکھنچ کأم أکی ہے مُسلسل عملِ مَنز تہٕ سنجیدگی سان کُنوہُمہِ صَدی پتھے شوٗرۄ سپد مِژ۔ باسان چھُ اَتھ زمانَس ما پیٖ موخصر اَفسانَس (شارٹ سٹوری) مُقابلہٕ ناوِلے بارسَس۔ تکیٲزِ وارِیاہَن ہُندوستأنی زبأنَن مَنز چھےٚ ناول أتھی زمانَس مَنز تھَنہٕ پیوان تہٕ یہِ چھُ سُہ زمانہٕ یَتھ مَنز شارٹ سٹوری مُقابل ناول نوٗیسی ہِندی ہے فَنَس چلِے جاو اوس۔ ہندوستانَس مَنز ووتلِو یہِ فن انگریزی تأثیرہِ تہٕ یوٗرپی اَثرٕ ستی۔

کأشرِ زبأنی ہِنز بڑٕ وبڑھے چھےٚ کأشُر اخبار نہٕ آسُن۔ سبٹھاہ تأجُب چھُ زِ صحافت یا اخبار نوٗیسی چھَنہٕ وُنہِ تہٕ یَتھ زبأنی مَنز ووتلِتھ ہیٚچ مِژ۔ یوسہِ زَن کُنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زبأنی ہُند نَم تہٕ ماز آسان چھےٚ۔ یہٕ دوَے أکی چیزَن کأشرِ زبأنی مَنز کھور ٹھیکہٕ رأوی یتی آسہَن سبٹھاہ مُمکِن چھُ قِسط وار ناولِ ہُند سِلسِلہٕ ما آسہِ ہے شوٗرۄ گومُت تہٕ مقبوٗل سپدٕمُت تہٕ کأشُر ناول ما آسہِ ہے بڑٕ وُتھہ وژامِژ۔ مختلف اَدبَن ہِنزِ ہِسٹری پرٕتھ چھُ نَنان زِ اخبارو تہٕ رِسالو چھُ ناولہِ ہُند فن مقبوٗل بناوَنَس مَنز وارِیاہ مدد کوٗرمُت۔ تہٕ پھیرِتھ چھُ ناولِ تہٕ یِمَن اخبارَن تہٕ رِسالَن ہِنز سرکولیشن تہٕ شوہرتھ بڑاوَنَس مَنز پَنُن حِصہٕ ادا کوٗرمُت۔ یتھین چھُ یہِ وَنُن ضروٗری باسان زِ اَمہِ قسمچہٕ کوٗششہِ سپدیہِ کأشرِس مَنز تہٕ مگر یِمہٕ کھرِژ نہٕ سپکس کینٛہہ تہٕ۔ ۱۹۲۳ء - ۱۹۲۴ء عیسوی سنَس مَنز کریہِ پروفیسر سری کنٹھ توشخأنی لوہورٕکس اُردوٗ رِسالہِ ''بہارِ کشمیرس'' مَنز أکھ قِسط وار کأشُر ناول ''ژکرِ پھیر'' یا ''دلیلا'' لیکھنٕی شوٗرۄ۔ مگر مَسا مَسا آسہَن زٕ ے ژورَے قِسط

چھپیمتی۔ ''بہارِ کشمیر'' گو بَند تہٕ اَتھ ناولِ تہِ لوٗگ ہٕڑ گونڈُم۔ تتھے پأٹھی ییلہِ ۱۹۴۷ء پتہٕ کأشُر نثر پھولنہِ تہٕ پھبنہٕ لوٗگ۔ ''کونگ پوشن'' منٛز لجے یہِ اَکھ ناول ''ذاتِ بُتراتھ'' قسط وار چھپنہٕ۔ مگر دوٚیوٚ قسطو پتے گو یہِ سِلسِلہٕ بَند۔ وَننہٕ چھُ یوان حبیب کامرانٛس (ناول نِگارس) آیہِ مِزاز کنٛز کنٛیاہتام تبدیلی زِتَس گیہِ لیکھنٕچ پیٛش کھٔر تہٕ نکھتھ ژُھ تژوو نہٕ لیکھُن گرِنےٚ ٹھٲکہِ یہِ ناول تہِ کٔرِن ضایہِ یوسہِ تٔمی لیکھِتھ پچھِہٕژ اُس۔ کیٛاہ وَنو تٔمی اُسیا یہِ مُکمل تہِ کٔرِمِژ کنہٕ نہٕ؟ سکہٕ پأٹھی کانٛہہ فأصلہٕ دیُن چھُ مُشکل۔[1] بہرصوٗرت ۱۹۵۷ء - ۱۹۵۸ء ہَس منٛز سپد یہِ ''دود دَگ'' چھاپ۔ کأشرِ ناولہِ ہنٛز اَصل وأنٛس چھے اتی پیٛٹھہ شوٗروٗ سپدان۔ بے شک چھُ یہِ اَکھ موخصر وَق۔ اَماپوٚز یوسہِ ناول نوٚیسی ہنٛز رفتار یمَن وٕرِییَن اَندر وُچھنَس منٛز آیہِ سو تہِ چھنہٕ کُنہٕ کنٛز جان۔ یہِ چھےٚ سبٹھاہ سوٚت تہٕ مویوٗس کُن۔

ناول نوٚیسی ہُند فن چھُ اَکھ مُشکل ترٖین فن۔ ناولہِ ہُند کنواس چھُ سبٹھاہ وٕسی۔ تہٕ اَتھ منٛز چھِ پرٛتھ طرٖیقکۍ جذبات دأخلی تہٕ خأرجی۔ پرٛتھ طرٖیقہٕ چھِہ کیٛفیٛژ شوٚعوٗری تہٕ لاشوٚعوٗری تہٕ زِندگی ہٕنٛدۍ رنٛگہٕ رَنٛگہٕ نقش تہٕ پیچ و خم پنٛنۍ جاے ژھاران۔ زِندگی چھےٚ پنٛن اُنتہٕ رؤس تہٕ وانتہٕ رؤس سنبر تہٕ دوگنیار۔ باڈو تہٕ وُسجار تہٕ اوبر تہٕ گوبر ہیتھ اَمہِ چِہ ییٚنہِ منٛز پنٛن باس دِوان۔ تہٕ یہِ بار وبتراوُن چھنہٕ پرٛتھ اَکس لِکھأرۍ سُند جگرٕ تہٕ توانگرٕ۔ اَکھ لِکھأرۍ گژھِ بیک وَخ اکھ قلمکار یا اِنشاء پرواز، اکھ شأیر تہٕ اکھ مُصور آسُن تَس گژھِ

[1] اَمہِ ناولِ ہُند گوڈنیُک قسط چھُ جٕلے ۱۹۵۵ء کِس کونگ پوشس منٛز چھاپ سپد یومُت۔

زِندگی ہُند وُسی تجربہٕ آسُن۔ ییتہٕ ییتہٕ بے حد تاب تہٕ صبرٕ آسُن۔ ناولہِ ہِنٛز وُسعت جُزیات نِگاری تہٕ جایِزٕ طوالتھ چھےٚ اَتھ باپتھ فَنو نِشہِ واریاہ مُشکِل بناوان۔ ناولہِ ہُند خوش یُون آرٹ وژُنن، اکھ شوٗبہ دار تہٕ زُودار آہنگ تیار کرُن تہٕ پتھ مواد فن چہِ سوٗنزلہِ منٛز زِنٛدٕ جاوید کردار وُذرِ یہٕ پیش کرُن......

یہٕ چھےٚ سیٹھاہ مُشکِل تہٕ صبرٕ آزما کٲم۔ ناول نِگاری ہِنٛزن بٲریکیَن چھُ اکھ لِکھٲرؠ مُسلسل کوٗشِشہِ تہٕ پیہم عملہِ منٛز۔ پتھے وارِ وارِ تہٕ ہَنہِ ہَنہِ موٗحسوٗس کران تہٕ وَرتاوان۔ تہٕ اکھ تلخ حقیقتھ چھےٚ یہٕ تہٕ زِ یِمَو کٲشرِ و اُدیبو اَتھ فنس کٗن وُنیکھ تام لوے کھوے ہوو تم تہٕ روٗدک نہٕ مستقل طور ڈاڈ گرتھ۔

کٲشرِ زبٲنؠ ہُند اکھ اَہم مَسلہِ چھُ یہٕ زِ یتھ زبٲنؠ چھُنہٕ ریڈنگ پبلک اُمی مَسلَن اوٗن ناولہِ ہِنٛدِس فَنَس بڑوٗنہہ پکنس منٛز زیادے کوس۔ یتھ زبٲنؠ نہٕ پَرن وٲلی آسن سوہے پھبہِ نہٕ پھولہِ کتھٕ پٲٹھؠ۔ یوٚہے وجہ چھُ یِمہِ ناولہِ کٲشرِس منٛز ازتام چھاپ سَپدۍ یِمہِ تمہِ آسَن نہٕ فی ساس آبٲدی منٛز دویو زنبو تہٕ پَرِمِو۔ اَفسانہٕ، ڈرٛاما بیٚترِ چھِ ریڈیو سٹیج تہٕ ٹیلی ویژن دُسی تہٕ لُکن تام واتان۔ یِمَن چھُ ناولہِ مُقابلہٕ کتہِ کور مارکیٹ۔ دُنیاہچن مختلف زبانَن مثلَن انگریزی، فرٛانسی، روٗسی بیٚترِ زبانَن منٛز یا مُلکہِ چن مختلف زبانَن منٛز ییلہِ ناول نِگاری ہِنٛدِس فَنَس ووتھ بٔ لوٗگ، پَرن والین ہُند اَکھ جان تہٕ مولہِ وُن طبقہٕ اوس تیار بہ تیار۔ ناول نویسی بنوو پننہِ چھمہِ خمہٕ تہٕ گشہِ ییتہٕ بیٚیہ ہَن وُسی۔ لُکن سَپدِ تفریح، دِل بہلٲیی تہٕ ذہنی اوسوٗدگی باپَت اکھ نوٚو تہٕ بہترین وُسیلہِ دُسیاب۔ اکھ انگریزی لِکھٲرؠ چھُ لیکھان:

"For many, it is the only outlet to a large experience. For others, it is an indirect satisfaction of same need for philosophical or moral guidance, not set out in rules, but worked out, experimentally, in conduct..... It is the form in literature which has explored most fully the life of the ordinary man and found it worthy of portrayal."

اَکھ خیال چھُ پیتہٕ زِ ناول نوٕیسی چھےٚ تیٚلی پھاپھلان ییٚلہِ کانہہ خاص سماجی یا سیاسی تحریک کُنہِ سماجس منٛز کاڈ کڈِتھ آسہِ۔ بیشک چھےٚ اَمہِ قسمچہ تحریکہٕ اَدیب بنٛدِ خاطرِ مولہِ وُن مواد فراہم گران تہٕ وُزنہِ ہُنٛد اَکھ اہم ذٔریعہ بَنان۔ مگر کأشرِ اَدیبَن گرِ یژھہ تحریکہٕ تہٕ اَتھ۔ ۱۹۴۷ برٛونٛہہ یوسہٕ آزأدی ہنٛز تحریک کاڈ کڈِتھ اُس۔ کأشرِ شأیرن لوٚب اَمہِ نشہِ ضرور مواد۔ پتٕمین وُریَن منٛز آیہِ ساننہِ زِندگی منٛز سیأسی، سمأجی تہٕ ثقافتی طور کینٛہہ تیٚتھی دور ییٚمن پٔتہٕ کینٛہہ انہار چھہِ ییٚمن منٛز لِکھارین ہنٛدِ باپت کوٚت مواد پوشیدٕ چھُ مگر کأشر اَدیب روٗد زولہِ تہٕ زِ پےٚ گران۔ موجودٕ دورٕچ شاہکار روٗسی ناول "کینسر وارڈ" چھنہٕ کُنہِ تحریکہٕ ہنٛز پأداوار بلکہ یہٕ چھےٚ اَکِس نِظامَس خلاف بذاتِ خود اکہِ تحریکہٕ ہُنٛد آغاز۔

کُنہِ تہٕ زبأنی پوچھر دِنہٕ باپتھ تہٕ کانہہ فن مقبوٗل بناونہٕ خأطرٕ چھےٚ ترجمَن ہنٛز اہمیت نٔو تہٕ ٹاکارٕ۔ ترجمہٕ چھہِ بذاتِ خود لکھارین ہنٛدِ باپتھ سبٹھاہ فأیدٕ مَنٛد ثأبت سپدان۔ لِکھارین چھُ یژھِ کامہِ اند واتہٕ ناونہٕ ستی فنی زأوِی جار سمجنٛگ تہٕ تمہ سٕنزِ تھ موٚحسوٗس گرنٛک موقعہٕ میلان۔ ییٚمن چھُ وَکھرٕ وَکھرٕ ٹیکنیکَن ہُنٛد باس ہنا زیادٕ ے جان پأٹھی لگان۔ اَوٕ رٕکنہٕ چھےٚ کأشرِس منٛز شاہکار ناولہٕ

پھِرنچ سبٹھاہ زیادٕ گُنجایش تہٕ تہٕ اَمیُک چھُ ضروٗرتھ تہِ۔ وُنیُکھ تام چھےٚ فقط کینٛہہ ناولہِ کاشرِس منٛز پھِرنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھِنہٕ ہرگز کانٛہہ جان رَفتار۔ اَماپوٚز خوٗشی ہنٛز کتھ چھےٚ یہِ زِ یمَن ترجمن منٛز چھِ کینٛژن شاہکار ناوَلن ہنٛدی ترجمہٕ تہٕ شامِل۔ ناولہِ مُتلِق چھُ عام خیال یہِ زِ یوٚدوَے بالزاک دُنیاہُک عظیم ناوِلسٹ چھُ مگر دُنیاہچ عظیم ناول چھےٚ ٹالسٹاے سنٛز ناول ''وار اینڈ پیس'' (جنٛگ تہٕ اَمن)۔ خوش قسمتی چھےٚ یہِ زِ یمَن ترجَمن منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ تہِ شامِل۔ یہِ ترجمہٕ چھُ مظفر عازمن بڑٕ میٛحنژ تہٕ عرق ریزی ستی کوٚرمُت۔ اختر محی الدیٖن وَنن چھُ زِ تمۍ اُس یہِ روٗسی ناول انگریزی یَس منٛز دوٚیہِ ترٚیہِ لَٹہِ پُرمُت۔ اَماپوٚز عازم صابُن کاشُر ترجمہٕ پَرِتھ ہیٚچ تمۍ یہِ عظیم ناول زیادٕ بہتر پاٹھۍ سمجِتھ۔ بیا کھ اکھ لوٗبہٕ وِنۍ تہٕ مولہٕ وِنۍ روٗسی ناول پھِر علی محمد لوٗنَن کاشرِس منٛز۔ یہِ گیہ گورکی سنٛز ناول ''مدر'' (ماج)[1] لون صابُن یہِ ترجمہٕ تہِ چھُ بڑٕ رُت تہٕ زُودار۔

فارسی زبانۍ ہنٛز اکھ مشہوٗر تخلیق ''حاجی بابا'' (حاجۍ بابہٕ) پھِر ڈاکٹر شمس الدیٖن احمدن کاشرِس منٛز۔ ایرانٕ زِندگی پٮ۪ٹھ یہِ دِلکش تخلیق چھےٚ مُلہٕ تلہٕ انگریزی زبانۍ منٛز جے، جے، موریرن ''اڈوینچر آف حاجی بابا'' ناو لیچھمٕژ۔ یوسہٕ ۱۸۲۴ء یَس منٛز چھاپ سپٕز۔ موریر چھُ ایرانی شہنشاہ علی شاہ قاچار سنٛدِس وَقتس منٛز انگریزی سفارت خانَس ستی طہرانَس منٛز وابستہٕ روٗدمُت۔ ایرانی زبانۍ منٛز چھُ اَمیُک ترجمہٕ حاجی شیخ احمد کرمانی یَن کوٚرمُت۔ یہِ ترجمہٕ چھُ تیوٚت مولہٕ دُن زِ یہِ چھُ اصل اورِجنل تخلیق باسان۔ ڈاکٹر شمس الدیٖن احمدن چھےٚ داستان

[1] لون صابَس میوٗل اَتھ کامہِ پٮ۪ٹھ روٗسی سرکارٕ طرفہٕ نہرو ایوارڈ تہٕ۔

نُما ناول فارسی پیٹھے کاشرِس منز پھِر مژ۔ ترجمہٕ چھُ بڑ میٛؤٹھ تہٕ خوش کرُون۔ بیٛاکھ اَکھ ترجمہٕ چھُ پرتھوی ناتھ پُشپ سُند۔ تِمو چھےٚ رابندر ناتھ ٹیگور سنٛز بنگالی ناول ''چوکھیر بالی'' کاشرِس منز پھِر مژ۔ یہِ ترجمہٕ سپُد ساہتیہ اکادمی طرفہٕ ۱۹۶۲ٕ منز ''اَچھ کرٕٹ'' ناوِ چھاپ۔ پُشپ صابَن ترجمہٕ چھُ گوڈنیُک ترجمہٕ یُس کُنہِ ناولہِ کاشرِس منز سپُد مُت چھُ۔

بہرحال ییٛژھَن چھُ پَزر زِ ناولہِ رٕنگی یہِ کینٛژھا اَزتام کاشرِ زبانٕ منز لیکھنہٕ آو یا دوٚیمو زبانو پیٹھہٕ پھِرنہٕ آو اَمہِ ستی سپز زمین وارِیاہ سوٚتُر تہٕ ہموار یتھ پیٹھ ناولہِ ہُند لوٚبہٕ وُن فن ووتلتھ تہٕ ووپدتھ ہیکہِ۔ اَسہِ پَز نہٕ یہِ کتھ زِہنہِ مُشراوُنی زِ کُنہِ تہِ اَدبَس منز ییٚلہِ ناول نِگاری بارسس آیہِ یکدم پیٚیہِ نہٕ شاہکار ناولہِ تھَنہٕ۔ اَتھ لوٚگ کینٛہہ وَق۔ تہٕ یِمو لِکھاربو گوڈٕ گوڈٕ اَتھ کُن کل یوٚو کُر تِمَن روٗز ہر ہمیشہٕ پنٕنی اَکھ اہمیت حاصل۔ اختر محی الدین، امین کامل، علی محمد لوٗن، غلام نبی گوہر تہٕ بنسی نردوش چھِ کاشرِس اَدبَس منز اَمی اہمیژ ہنٛدی حقدار۔ اختر صابنہٕ ''دود دَگ'' پَتہٕ لیچھی کامل صابن ''گٹہِ منز گاش'' تہٕ اَمہِ پَتہٕ لون صابَن ''اَسی تہِ چھِ اِنسان''۔ غلام نبی گوہرنِ تراوِ زِ تخلیقہٕ ''مُجرِم'' تہٕ ''میٛل'' مارکس منز تہٕ نردوش صابن ''اَکھ دور''۔ موضوٗع تلہِ تراوِ۔ انداز بیانہٕ تہٕ قِصہٕ وونہٕ کہِ ایتبارٕ چھےٚ یِمَن پانٛژوٕنی تخلیقن پنٕن اَکھ وَکھرٕ مِزاز تہٕ جُدا گانہٕ رَنگ تہٕ سِٹایل۔ کاشرِس نثرس بُرژر دِنَس تہٕ کینٛہہ نوٚی اُوسلوٗب بَدٕ کڈنس منز چھےٚ بے شک یِمہٕ اکھ اہم قدم۔

ناولہِ تہٕ ناولیٹس منز چھےٚ واریاہ فرق موجوٗد۔ مگر تہٕ اَستھ تہٕ چھےٚ یمہٕ کُنی فارم ماننہٕ یِوان۔ تہٕ دوشوٕنی ہنٛز ذِکر چھےٚ ناولہٕ ہنٛدِس ناوَس تل یِوان کرنہٕ۔ بنُیادی فرق چھےٚ یہِ زِ ناولیٹ چھےٚ موخصر آسان۔ طوالت تہٕ تفصیلات چھِ کم آسان تہٕ جُزیات نِگاری چھِ مۄحدوٗد طریقس منز سپدان۔ ناولہِ منز چھےٚ سبٹھےٚ وُسعت آسان۔ بجہِ تہٕ اَہم سِیاسی، سماجی، داخلی تہٕ خارجی تحریکہٕ چھےٚ کام کران تہٕ زِندگی ہنٛدبن سَنبرن تہٕ ووگہٕ نیارن ہُنٛد باس دِوان۔ مختلف واقاتن ہنٛز باتفصیل وبرٛھنےٚ چھےٚ پرٛتھ جایہِ میلان۔ ناولہِ ہنٛدی پاٹھی ہیکہِ ناولیٹ تہٕ پوٗرٕ سماجُک مُطالِعہ ہُنتھ۔ کِردار نِگاری تہٕ چھےٚ ناولیٹس منز ناولہِ ہنٛدی پاٹھی سپدان مگر اَہم کتھ چھےٚ یہِ زِ کِردارَن ہنٛز ژار چھےٚ ناولیٹس منز ناولہِ کھوتہٕ ہنا زیادٕے بوز شوز مَنگان تِکیازِ ناولیٹس منز گرٛھن کمہٕ کھوتہٕ کم کِردار زِندگی ہنٛزن وُسعتن پانَس منز شرٛوپراوِتھ تہٕ سوٗنراوِتھ ہیکنہٕ۔ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی یوٗت یوٗت ترقی پراوتیوٗت تیوٗت آیہِ ناولیٹ بارَس۔ ناولیٹ چھےٚ مشینی زِندگی ہُنٛدے پاداوار۔ یہِ چھےٚ دراصل ناولہِ ہُنٛدُے جدید روٗپ۔ وجہ چھُ یہِ زِ مشینہٕ ستی آیہِ زِندگی ہنٛدِس پرٛتھ شوٗبس منز تیزی۔ قدرِ ہبرٛن تیزی سان بدلنہٕ۔ اختصارُک تہٕ طوالرٕ ہُنٛد سوال آو زِندگی ہنٛدِس پرٛتھ قدمس پیٹھ تہٕ یہےٚ چھِ تم وُجوٗہات یمہِ کنہِ ناول لیکھنک رواج سپُد کم تہٕ ناولیٹن لوٚب ہَرتر۔



# دود دَگ

دور دَگ چھےٚ گوڈنِچ کاشُر ناوِل۔ یہِ چھےٚ بیٚین کیٚژون ناولیٚن مقابلہ ٹیکنیکہِ مۆجوٗب زیادٕ زَبَر تہٕ شوٗبہ دار۔ اَندازِ بیانَس مَنٛز چھےٚ تھپھ تہٕ کُشِش۔ کہانی ہُنٛد وَق چھُ سہ زمانہٕ یُس جرمنی جنگس لَرِ لوٚر چھُ۔ کیٚژ ہا پَتھ تہٕ کیٚژ ھا بڑونٛہہ۔ یہِ چھےٚ زِندگی ہنٛز کیٚنٛہہ تلخ حقیقژ اُچھن بڑونٛھ کُن انان۔ یمہِ وُچھتھ تَمہِ وَقتہٕ کیو اُدیبو تہٕ نقادو گوٚل موٗر، ییٚمہِ وَقتہٕ یہِ لیکھنہٕ آیہِ۔ اختر صابٕنس ناولس پیٹھ آیہِ لذت پَسنٛدی مریضانہٕ ذہن تہٕ پرونو گرافی ہنٛز موہَر چسپان کَرنہٕ۔ پَزر چھُ یہِ زِ جِنس چھُ اَدبَس تہٕ سارِنٕے فنَن تہٕ پَرفارمِنگ آرٹن ہُنٛد اکھ خاص تہٕ تہٕ اہم موضوٗ روٗدمُت۔ جنسی کیفیون ہنٛز سارِے وبڑھنےٚ ہکون نہٕ ناکارٕ زانٛتھ رَد کَرِتھ۔ اختر صابٕ اَسی اَمہِ لحاظہٕ ذہنی طور پتھن ہم کال اُدیبن بڑونٛہہ دڑانٛتی تہٕ یہِ اَس موٚحدوٗد قسمچ ترقی پَسنٛدی نَبر نیرنِچ اکھ سنٛجیدٕ مگر غار شعوٗری کوٗشِش۔ اختر صابٕ نِس شاہ کار افسانہٕ ''ڈٔری یایہِ ہنٛدِس ییزارس'' مَنٛز تہٕ چھےٚ اَمِچ اکھ حسین صوٗرتھ دڑ پیٹھی یِوان۔

دود دَگ ناولہِ ہنٛدی ژور بُنیادی کِردار چھِ راجہ۔ فاطمہٕ شمہٕ صابٕ تہٕ عبدالغنی۔ کانٛسہِ اَکِس کِردارس ہکو نہٕ سماجک نُمایندٕ کِردار وَنِتھ۔ فاطمہٕ تہٕ راجہ چھےٚ زِ یتیم بینٛنہِ۔ مامہٕ ہنٛدِس رحمہٕ کرمس پیٹھ ڈٔرِتھ۔ مامنہِ ہنٛز ہنہٕ درنہٕ چھکھ پیٚتےٚ۔ فاطمس چھےٚ شمہٕ صابٕنس ستی لانٛی مِلہٕ وَن سپدان۔ سہ چھُ اکھ رُت منوش، نمدٕ کارٕ بار گران۔ عبدالغنی چھُ تمُ سُنٛد منٛش۔ سہ چھُ بے حد لذت

پَسنٛد تہٕ ہَوس پَرَست۔ مُصنِف چھُ اَمی سٕنٛز ذان کران لیکھان:

''رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ ذٲژن مَنٛز اوس عبدالغنی بدلے ذاتھا۔ ماے تہٕ محبت زانٕہے نہٕ سُہ کیٛاہ گو۔ بُڈ ماٲلِس اوس مِنت تھاٲوِتھ بَتہٕ میٛوٚنڈ چھٕسے دِوان...... پانَس کانٛسہٕ بیٚنہٕ ہنہٕ زٕ آسَس۔ تمہٕ ژھٕنٛنِن نکھٕ واٲلِتھ۔ پَتہٕ ژٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ تہٕ نہٕ کانٛہہ۔ نہَ اوس تمَن نظر دِوان تہٕ نہٕ اوسُکھ روٗ ژھتس گرٕھان...... عبدالغنی یَن اوس اِتھمہٕ ژٕہمہٕ تام پوٚرمُت تہٕ پٔرتھ مختلف باپار بن نِشہٕ مُنٛش گری گرٕمژ۔ اَمِس اُس حِساب کِتاب تھاوِنٕچ کاَم سبٕتھاہ جان تگان۔ اَوے اوس سُہ سارِنٕے باپار بن ٹوٹھ۔ شمہٕ صاٲنٛس کارخانَس اُس نہٕ توٚتام وَتھے یِوان یوٚتام نہٕ عبدالغنی مَنٛز باگ آسہٕ ہا...... سُہ اوس چوٚچہٕ جَوان زنانہٕ شٕہلَن اوسُس سخت۔ مجلس مَنٛز آسہَن تمہٕ گٔمے زنانہٕ یِمَن نہٕ اَمی کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزِ اَچھ ناٹھہٕ گرِتھ یا دَکہٕ ہَنا دِتھ یا اَسنہٕ ہَنا گرِتھ ووٚنمُت آسہٕ ہا۔ ''ووٚنی چھا خَص مَرنُے۔'' کینٛژٕو زنانو اَسَس اَتھ پِٹھ پٲزار واٲتٕمژ۔ کینٛژٕو اوسُس کرٕژ ژھ تہٕ کَمبر وُہوٕی وُہوٕنی کوٚڈمُت۔ مگر کینٛہہ آسہٕ تمہٕ تہٕ یِمَو نہٕ مَرنَس فُرصت اَسَس دِژٕمژ۔''

دود دَگ چھےٚ اَمی ہے بدناو تہٕ بدکار عبدالغنی سٕنٛزِ جنسی بوچھِ ہٕنٛز ذٔلیل۔ راجہِ چھےٚ ناولہِ ہُنٛد رُوح۔ فاطہٕ تہٕ راجہٕ چھےٚ زٕ بیٚنہٕ اَستھ تہٕ مِزازن اَکھ اَکِس نِشہٕ وَکھٕر۔ فاطہٕ چھےٚ سیزٕ تہٕ سبس ہُمل تہٕ لیشر۔ ہمیشہٕ علیل تہٕ زُوٕ رکِنٛی ڈٔنجی آسان۔ لوکچارس یِمہٕ تلخیہ تَس وُچھنہٕ پیٛمژ چھےٚ۔ شاید چھےٚ تموے تٔمی سٕنٛزٕ سُمہٕ گاجہٕ مٔژ۔ اُسن چھنہٕ تٔمی ہِنٛدِ دہانےٚ پوٚکُمت۔ راجہِ چھےٚ کانٛسہٕ کُٹ۔ سو چھےٚ شوخ تہٕ مُوٗرٕچ۔ خوش گرٕوِنی یاون مُژ۔ اَسان اَسان دوہ کڈٕنٕچ قایِل۔ مگر

تجرُبہٕ چھُس زِندگی ہُنٛد کم۔ اَوَے چھُس بچارِ وُنہٕ وَسان۔ راجس چھُ أ ِکس اَڈٕ ور اِنسانَس سٕتؠ نیتھر سَپدان یُس ترٛبن شُربن ہُنٛد مول آسان چھُہٕ۔ عبدالغنی چھُ گرٕ کھانٛدر کَران تہٕ ِکرٕن زنانَن طلاق دِوان۔ مگر أمی سُنٛد لذت پَسنٛد ذہن چھُنہٕ زِہنے تسلی لَبان۔ تَس چھُ گوڈنیُک کھانٛدر أ ِکس کھارٕ کورِ سٕتؠ سَپدان تکیٲزِ تَس پیٹھ چھُ عاشق آسان سَپدِ مُت۔ یپأرِ چھُس آسان راجس پیٹھ ٹور پیوٚمُت۔ کھانٛدر کرِتھ دوہَن تہٕ چھُس یہےٚ کل آسان زِ ِکتھٕ پأٹھی اَنہٕ راجس آٹنہٕ واٹنہٕ تہٕ والبس ناوِ۔ ناولہٕ ہنٛزٕ ییٚنٛز چھےٚ کینژٕ واقاتو سٕتؠ دونہٕ یِوان۔ یِمَن منٛز کینٛہہ یِتھٕ پأٹھی چھِ: ''شمہٕ صأبُن کارٕ بار۔ فاطُم عٔلیل روزُن عبدالغنی سٕنٛزٕ ہَوس پرستی تہٕ راجس اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن۔ شمہٕ صأبُن کارٕ بار ٹھَپ سَپدُن تہٕ عبدالغنی سُنٛد فاطس سٕتؠ اَوٕ موکھٕ کھانٛدر کَرُن زِ سہٕ ییہٕ راجس قریب۔ دود دَگ چھےٚ پٕزی دوکھٕ چ تہٕ دادِچ تہٕ مجبوٗری تہٕ بیکسی ہنٛزٕ کہأنی۔ راجہٕ چھےٚ أ ِکس ترٛتھِ زنانہٕ ہنٛزٕ تصویرٕ أچھَن برٛ ونٛتھ کُن اَنان۔ یوسہٕ نہٕ ذہنی طور أ ِکس اَڈور اِنسانَس سٕتؠ دور چھےٚ ہبکان کٔرِتھ عبدالغنی یُس بَس چھُ جِنسُک مطلب صرِف لذت تہٕ مزٕ۔ ییٚلہٕ راجہٕ گوبہٕ کھورٕ روزان چھےٚ۔ عبدالغنی چھُ تَس اَڈٕ لیوٚک کرٕنَس پیٹھ مجبوٗر کَران۔ راجس چھُ سبٹھاہ عذاب تہٕ بدحال سَپدان۔ سو چھےٚ زأوی جہٕ گسرِ منٛز ہینہٕ یِوان۔ عبدالغنی سٕنٛزٕ أچھ چھےٚ مُژرنہٕ یِوان تہٕ ناول چھےٚ اِنصافِ شعریت ِکس اَوٕصوٗلس پیٹھ اَنٛد واتان۔

دود دَگ چھےٚ ناولیٹُک قأٔلِب رٔنٛگس منٛز پتھ روٗزمژ۔ اَمیُک گنواس چھُ سبٹھے موختصر ِکردار ِکرتوٗتو ِکنو سوٗتی تہٕ سوٚمی۔ فاطہٕ چھےٚ تیژ بے زٕو

زَن تہٕ سپہٕ ژُج چھےٚ۔ شمہٕ صأب یتھٕ پأٹھۍ ناولہِ ہٕنزِس آرِ تِس منٛز گوڈٕ وُبران چھُ۔ سُہ چھُنہٕ یتھٕ پأٹھۍ اَند واتان۔ مُصنف زَن چھُ تَس یکدم وٕٹسی گران۔ کارِ بار ٹھپ سپدٕن اوس ٹھیکے۔ مگر فأطمن تَس موکجار ہیٚوٚن چھُنہٕ ژمان۔ یہِ چھُ سبٹھاہ غأر فِطری باسان۔ ناولہِ منٛز یتھٕ پأٹھۍ کھانٛدر تہٕ طلاق سپدان چھِ۔ اِنسان چھُنہٕ ذٕہنی طور یمہ قوٚبوٗل کرنہٕ خأطرٕ تیار۔

اختر صأبنٕز بیا کھ ناول ''زُو تہٕ زولانہٕ'' (یمِکۍ کینٛہہ قِسط مےٚ پرٕنٕک موقہٕ آمُت چھُ) چھےٚ زیادٕ زُودار، شوٗبہٕ دار تہٕ مُکمل باسان۔ یہِ ناول چھےٚ یہِ کتھ تہِ روشن کران زِ اختر صأب چھِ بحثیت ناول نِگار برابر بڑوٚنہہ پکان۔



## گٹہِ منٛز گاش

''گٹہِ منٛز گاش'' چھےٚ امین کأملنٕز تخلیق۔ یوسہٕ قبأئلی حملہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ مشہوٗر انگریزی اَدیب ایچ۔ پی۔ بیٹس سنٛز ناول ''دِ سکار لیٹ سُورڈ'' تہِ چھےٚ أتھۍ پس منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَماپوٚز کأمل صأبنہِ تخلیق منٛز یُس زُودار تہٕ رہدار بیان تہٕ واقاتن ہٕندبن موٗلن ستۍ قور بَتھ تہٕ سُنۍ وأقفیت دزٕ یٚنٛٹھۍ چھےٚ یِوان سو چھنہٕ بیٹسہٕ سنٛزِ کِتابہِ منٛز نظرِ گژھان۔

''گٹہِ منٛز گاش'' ناولِچ ہیروین چھےٚ فاطمہٕ۔ سو چھےٚ بنٛڈٕ پورِچ بسکین۔ مگر وَرمُلہِ کِس اَکِس مدرسُس منٛز ماشٹر بابے آسنہٕ موکھٕ چھےٚ تُتۍ اَکِس کِرایہِ مکانس منٛز روزان یَس عزیز اللہ ناوِ کِس اَکِس اِنسانہٕ سُنٛد جاگات

چھُ۔ فاطمہ چھےٚ کُنہ زٕنی آسنہ موکھہ ولی بُڈ ناوُک اکھ شخص بَنٛڈ پورِ پیٹھ ستی
ٹلان۔ یُس ورمُلہِ گرٕ سے مَنز ہِتھ ٹوپہ سُونچ کاٗم چھُ کران۔ رام کرشن چھُ
ورمُلیُک اَکھ دُکاندار۔ سُہ چھُ أمِس ماشٹر بایہ ہنٛدِس عشقس مَنز وَلنہ یِوان۔
مگر فاطمس چھےٚ رام کرشنس شدید نفرت۔ رام کرشن چھُ اکہِ دوہہ پنٕنہ لوچہ
باوَتھ عزیز اللہ ہنٛدِس جوان نیچوس حسہ لالس نِش کران۔ تمۍ چھنہٕ اوٚتھ تامتھ
فاطمہ دِچھمژٕ آسان مگر أمۍ ہنٛدِ خُسنکی بے حد تأریف بوٗزِتھ چھُ تَس پانس دِل
ووٚتھ کڈان۔ سُہ چھُ مکانہٕ شیر نک ہیتھ رٕٹتھ فاطمن دیدار گران تہٕ أمِس
نازلہِ پیٹھ دِل و جان فِدا سپدان۔ سُہ چھُ پنٕنہ لولُک مُور تہٕ تژٕر چِھٹھن مَنز
فاطمس باوان۔ فاطمس چھِ پنٕنہ کینٛہہ اوٚصوٗل تہٕ آدرش۔ تَس چھنہٕ یہ پَسند زِ
اکھ دوٚپر مرٕد لیکھہِ تس لولہِ چِٹھِ تہٕ سو دِیَس جواب۔ سو چھےٚ تَس کُنی گتھِ وَنان
زِ سُہ یِوٚ دوَے تَس ستی نیتھر کرُن چھُ یَژھان تس پَزِ شریفن ہنٛز وَتھ تختیار
کرٕنی۔ پنٕنس ماٗلس وَنن زِ سُہ کرِ تمۍ ہنٛدِس ماٗلس ستی گتھ باتھ۔ یِی چھُ
سَپدان۔ تہٕ مُروجہ طریقو تہٕ آدابو ستی چھےٚ کھاندرٕچ گتھ سَپدان۔ یمنے دوہن
چھُ کشیرِ پیٹھ قبألی حملہِ سَپدان۔ تہٕ ورمُلس چھُ نار تہٕ مار ژھٔٹھ کڈان۔ أتھی
ہِنی ہاینِس مَنز چھُ اکہِ دوہ راتھ کیُت رام کرشن پنٕن زُوِ گل بچاونہٕ خاطرِ فاطمہ
نِس ڈیرِس پیٹھ واتان۔ فاطمہ چھےٚ أکِس رِژ تہٕ اِنسان دوست کاشرِ زنانہِ
ہنٛدی پاٹھی ساٗرے دِے تہٕ نفرت مَشراوِتھ تَس پناہ دِوان۔ اکہِ دوہہٕ چھِ
قبألی اَتھ مکانس پیٹھ تہٕ جوشہٕ ماران یتھ مَنز ولی بُڈ چھُ چھوکہ لد سپدان تہٕ
رام کرشن چھُ فاطمنہٕ زِندگی بچاوان گولہِ ہُنٛد نِشانہٕ بنان۔ فاطمہ چھےٚ قبألین

وَنان زِ رام کرشن چھُ تِمٕی سُند کھاندار۔ فاطمہٕ چھےٚ قبأٸلی حملہٕ پَتہٕ واپس بَنڈٕ پٔر گرٛھان۔ سو چھَنہٕ پٔرِ عُمرِ کانٛسہٕ ستی کھاندر کران۔ حَسہٕ لاَس ستی تہٕ اِوٕ موکھ تہٕ کیاِ زِ تِمٕی ہِندی مأٸلی عزیز اللہ ہَن چھُ قبأٸلین ہُند ساتھ دِتھمُت آسان۔

یہٕ چھےٚ گٹہِ مَنٛز گاش ناوَنٕچ کہأنی۔ یوسہٕ دراصل گاندھی جی ہِندِ تیٚمہِ خیالُک اَکھ عملی پرتو چھےٚ:

''یتھ گٹہِ زٕوٕلِس مَنٛز گیہِ مےٚ چھَرا کشیرِ اَندر اکھ گاشہٕ زٕژ نظرِ۔''

یم لفظ ؤنی گاندھی جی یَن تمہِ وِزِ یێلہِ مُلک تقسیم سپُد تہٕ فرقہٕ پرستی ہُند نار کشیرِ وَرأے ژوپاسے شولہِ مارنہِ لۆگ، کنواسہٕ لحاظہ چھےٚ موضوٗعس مَنٛز وارِیاہ وُسعت موجوٗد۔ کأمل صأبن چھُ یقینن سبٹھاہ نِڈر آسنُک ثبوٗت دِتھمُت تِکیاز تِمٕی تُل تِتھ زمانس مَنٛز اَتھ موضوٗعس پیٹھ قلم یێلہِ قبأٸلی حملُک واقعہٕ بلکُل تازٕ اوس۔ مُصنِف چھُ مختلف کردارَن ہِندِ ذٔسی مختلف دربن ہُند ردِ عمل بڈٕ گاٹہٕ جارٕ سان ظأہر کران۔ کُنہِ جایہٕ تٕی پأٹھی۔ تہٕ کُنہِ جایہٕ محض اِشارَن تہٕ کِنایَن مَنٛز۔ بیانَس مَنٛز چھےٚ سنٛجیدگی ستی ستی ہزلہِ مزاحٕچ اَکھ خوش یِوٕنی آمیزش درٛینٹھی یِوان۔

ناول چھَنہٕ سێدِ سیٚود وَرمُلہٕ پیٹھٕ یا بَنڈٕ پٔرِ پیٹھ شۆرٕ سپدان۔ یہٕ زَن عام حالاتن مَنٛز سپدان گۆژھ۔ مُصنِف چھُ بذاتِ خود ناولہِ ہُند اکھ کردار تہٕ اَمِس ستی ستی چھِہ ماسٹر عبدالسلام، نازکی صأب بێترِ تہٕ اَمکی کردار۔ کأمل صأب چھِہ ''گوڈٕ کتھِ'' مَنٛز وَنان:

''ناول چھےٚ کأشرِس اَدبَس اَندر اکھ نٔو کتھ۔ اَوٕ کنٛی پێیہِ مےٚ گوڈنی

ترٛٹھ کانٛہہ صوٗرت (فارم) ژھارِنی یوسہٕ تہٕ سانٛین لوٗکن پتھٕ بانہٕ ووپَر باسہٕ۔ چناں چہِ مےٚ کوٚر کتھِ گری سُنٛد ہیوٗ طرزِ اختیار۔ یُس زَن سانٛین لوٗکن پرون مالُک میراث چھُ۔"

کَتھِ گری سُنٛد مطلب چھُ شاید داستان گو سُنٛد۔ یِژھ ٹیکنیک تہٕ ہیکہٕ بے شک ناولہٕ باپتھ اَکھ مولہٕ وِنی تہٕ زوٗدار ٹیکنیک ثابتھ سَپدِتھ۔ مگر یہٕ ٹیکنیک چھَنہٕ جان پأٹھی تہٕ حِسابہٕ سان وَرتاونہٕ آمٕژ۔ ناوَل چھےٚ یِیمہٕ منظرٕ ستؠ شوٗروٗ سَپدان زِ مُصنِفس چھُ بَنٛڈٕ پوٗر گرٛھُن۔ سُہ چھُ بَسہٕ کھَسان۔ مگر وَتہٕ چھُ بَسہٕ گڑبڑ سَپدان تہٕ یہٕ چھےٚ ہِتھ گوٚھان۔ مُصنِف چھُ نزدیکے أکِس گامَس منٛز سبدان تہٕ اَتہٕ چھُ سُہ ماسٹر عبدالسلامس سمکھان۔ کتھ کتھ چھےٚ چلان تہٕ أتھی منٛز چھےٚ قبأیلی حملِچ ذِکر سَپدان تہٕ ماسٹر عبدالسلام چھُ مُصنِفس فأطِمٕنی کہأنی بوزِ ناوان زِ تَس بِچارِ کیاہ گُدریوو۔ اگر ماسٹر عبدالسلامے ناولہٕ اَنٛدرس واتہٕ ناوِہے۔ جان سَپدِہے۔ مگر تہٕ چھَنہٕ سَپدان۔ مُصنِف چھُ کہأنی ہنٛزِ بیٚیہٕ لنجہٕ ولی بڑس، نازکی صأبَس بیٚترٕ کِردارن نِش بوزان۔ ناوَل چھےٚ ٹکرٕ وأٹِتھ پوٗرٕ گرنہٕ یِوان۔ دون ہِتَن صَفَن ہنٛز ناولہٕ مَنٛز چھُ عبدالسلام تہٕ وارِیاہ ژٕپری کنواسِ پیٹھ درٛینٛٹھی یِوان۔ أمِس تام واتان واتان چھِ ۵۰ صَفہٕ پوٗرٕ سپدیمتی آسان۔ اَمی بے ڈول ٹیکنیکہٕ سببہٕ چھُ اَتھ تخلیقہٕ یُسٕہ اونٛگھرِ منٛز جونٛگھر ہیوٗ آمُت۔ یُس بارِ گراں گُزراں چھےٚ۔

فأطِمٕن کِردار چھُ کیٛژھو واقاتو کِنہٕ نقلی تہٕ بناوٹی باسان۔ سو چھےٚ اخلاقَن تہٕ آدابَن ہیوٗت زیادٕ لار زِ سو چھےٚ عرشہٕ پیٹھٕ وَژھمو اکھ دیوی

باسان۔ سو چھےٚ تمو اِنسانٔی جذباتو نِشہِ خالی یِم اتھ عُمرِ منٛز اَکِس کورِ منٛز آسنۍ گژھن۔ آدم نفسیات چھےٚ غلط سانٛچس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ فاطِمن یہِ وَنُن تہٕ چھُ گوٚب تہٕ عُجیب باسان زِ رام کرشن چھُ تٔمۍ سُند کھانٛدار۔ سو ہیٚکہِ ہے تَس پُٹھ بوے تہٕ ظاہر کٔرتھ۔ ناولہِ ہِنٛدین اَخری حِصن پیٹھ چھنہٕ تیٚژ مجسنتھ کرنہٕ آمٕژ تخلیق پیٚژ شوٗرٕ کین حِصن پیٹھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تاہم یِمو دوٚشو باوۄجوٗد چھےٚ یہِ پٔنٕنۍ اکھ اہمیت تھاوان۔ یہِ چھےٚ کاشرِ نثرُک اَکھ خوش ہیُٚن سٹایِل وُبراوان۔



## أسی تہٕ چھِ اِنسان

یہِ چھےٚ علی محمد لون سنٛز ناول۔ یہِ چھےٚ امرناتھ یاترایہِ ہِنٛدِس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ امرناتھ گوپھایہِ ہنٛز عظمت، اَنٛدی پَکھی ماحولُک بجر تہٕ تھزر، یاتری یَن ہنٛز یَژھا تہٕ کل، تِہنٛز روٗحانٔی تژلیش، قسم وار لُکھ تہٕ رَنٛگہِ رَنٛگہِ مناظِر، مرکبان، چھولہِ دارِ، ڈانٛجہِ تہٕ پالکہِ، مختلف پڑاو، پاک تہٕ پوِتر جایہِ، سوٗرے چھُ دیپدَن تل یِوان۔ کَتی لُکھ چھِ پَرتھ وُری یہِ یاترا کرنہٕ موکھ دوٗر دوٗرا جایو پیٹھِ اور واتان۔ اکثر لُکھ چھِ پہل گام تام بَسہِ منٛز گژھان تہٕ اَتہِ پیٹھِ پَٔنٕن زنٛگٕٹھ تہٕ کزٕوٗٹھ سَفر ووٚہلی طے کران۔ کیٚنٛژھہ چھِ گُربن، ڈانٛجن تہٕ پالکین ہُنٛد بوٚنٛدبَست کٔرتھ منٛزِل مقصوٗدس پیٹھ واتان۔ اَدِ یَس یژھ توژھ تہٕ سامٔرتھ چھےٚ سہ نتھِ پاٹھی۔ مگر یِم قُلی، یِم مرکبان تہٕ یِم ڈانٛجہِ موٚزوٗر، یِم پَرتھ وُری یہِ اَتھ مُقدس گوپھایہِ تام یاتری ہتھ واتان چھِ۔ تِہنٛز زِندگی کیٚاہ چھےٚ؟

کیاہ تم لُکھ یم اِنسانَن ہِندِ بن کلن پیٹھ سوار گُڑھتھ بھگوانس مِنت تھاونہٕ گُڑھان چھِ تم چھا بڈٕ کرنہٕ یم؟ لون صأبن چھُ اَکھ سبٹھے نوزُک موضوٗ ژورمُت۔ تیٚیچ شِدت اَکھ حساس اِنسانٕنے موٚحسوٗس ہیکہِ کرِتھ۔ ناولہِ ہِنٛدی اہم کِردار چھِ لطیف، پران، کیدار تہٕ کینٛہہ ڈاٗنجہِ موٚزوٗر یِمَن منٛز سام چنٛچہِ قابلِ ذِکر چھُ۔ یَتھ یاترایہِ منٛز چھےٚ سام چنٛچنو اسأنۍ اَکھ کرٛہُن کالہِ وبٹھِ سیٹھ تیمۍ سٕنٛزِ پالکہِ سام چنٛچس سان ۱۲ ژُنۍ نَکھۍ تُلِتھ چھِ۔ لطیفس چھےٚ سام چنٛچس ستۍ بے حد ہمدردی۔ سام چنٛچن گُن نیچو چھُ ۱۹۴۷ء بزوٚنیہ آزأدی ہٕنٛزِ تحریکہِ منٛز شہید گوٚمُت تہٕ تٕمۍ چھےٚ پَتھ گُن اَکھ کورِ ہَن تڑأوِمٕژ۔ تیٚمۍ سٕنٛزِ زِنٛدگی تار دِنہٕ موکھ چھُ سام چنٛچہِ یَتھ ژُربد اوستھایہِ منٛز تہٕ یُژ مجبُوٗرتھ کران تہٕ یم کرٛانٛٹھی تہٕ ژانٛٹھی رَبہِ تہٕ شینہٕ بال ژھنٛڈان۔ سام چنٛچس چھُ ہٹو ستۍ ڈاکھ گوٚمُت۔ سأری سے کھورَس چھُ پاکھ گومُت۔ سُہ چھُنہٕ قدم تہٕ تُلِتھ ہبکان۔ مگر سُہ چھُ ڈوچُر ڈوچُر دِنَس پیٹھ مجبوٗر۔ ووٚنۍ چھےٚ سیٹھ سٕنٛز پالکۍ گوپھایہِ نزدیک واتنس تیار۔ اَماپوٚز سام چنٛچس چھےٚ سأرٕے توٚژھ سورپھِرٕ۔ یہِ چھُ ناولہِ ہُنٛد کلایمکس۔ کرٛہُن کال سیٹھ چھُ پالکہِ منٛزٕ نبرٕ نیران تہٕ موٚزوٗرَن وَنان زِ سُہ گژھ نہٕ ووٚنۍ گوپھایہِ منٛز درشُن کرنہٕ۔ تم نِین سام چنٛچس اَمۍ دَمہٕ پالکہِ منٛز پہلگام واپَس۔ تَس چھُ پنُن پان سبٹھاہ جابِر تہٕ ظألم باسان تِکیازِ تٕمۍ واتہٕ نوو اُمِس بڈ منوٚشس بڈٕ دوکھ۔ ڈاٗنجہِ موٚزوٗر چھِ سیٹھ جی سٕنٛز یہِ کتھ بوٗزِتھ یہِ ڈِیٛزِ تہٕ راوان زِ تم نِنا سام چنٛچس پالکہِ منٛز تہٕ سیٹھس تڑاون اُتی۔ اَخرس چھُ تی سَپدان یہِ سیٹھ جی وَنان چھُ۔ سیٹھ چھُ سام چنٛچس پالکہِ منٛز بہناوان تہٕ پنُن قیمتی شال پیٹھ تڑأوِتھ

روھستھ گران۔ سیٹھہٕ ہنٛدِس کوورَن بُتھِس زَن چھُ بدلے نۄر مَلنہٕ یِوان۔ تَس چھُ شنگرف پیدٔان۔ سُہ شنگرف یُس شاید مُکھتی پرٛاونہٕ وِزِ اِنسان بُتھن پیٹھ درٛینٛٹھی چھُ یِوان۔ ناولہِ منٛز یُس یہِ "ہیوٗمن ٹچ" مۆجوٗد چھُ سُہ چھُ سبٹھہے زأویُل تہٕ پُراثر۔

سام چیٖچہٕ چھُ اَمہِ تخلیقہٕ ہُنٛد اہم ترٛین رکردار۔ یہِ چھُ پَرن وأنٛس سٕنتھ گرٛھان۔ لطیف چھُ اکھ حساس لِکھأرۍ۔ سُہ چھُ سام چیٖچس وُچھی تھیٚے سوٗنچان:
"پرٛژھہٕ أمِس۔ ژھأنٛڈ دِس۔ خیالَن منٛز وٕسِس۔ کۄرِتھ اَنِس کٔڈِتھ۔ دِلس منٛز سَنُس۔ رازِنس کٔڈِتھ۔ یہِ چھُ رکردار۔ اَکھ زِنٛدٕ رکردار۔ أمِچ کتھ لیکھِتھ بنکھ بۄڑ فنکار۔ قلمس تیٖی زو۔ خیالَن ینٛہٕ پکھہٕ۔ وُڈکھ، تھزرس کُن لمکھہٕ۔ موشوٗر گرٛھکھہٕ۔"

لطیف سُنٛد سوچ تہٕ ذہنی رَدِعمل چھُ واقاتن ہنٛز ہانٛکلہِ منٛز ربط تہٕ سَنبر پأدٕ گران۔ پران تہٕ کیدار چھِ لطیفنٛی دوست۔ یِم ترٛیشوَے چھِ بیوٚن بیوٚن مزازٕ تھاونہٕ باوجوٗد اکہِ ہشرُک پےٚ دِوان۔

"أسی تہٕ چھِ اِنسان" چھےٚ پننہٕ کینٛہہ اہم خوٗبیہٕ تھاوان۔ مگر یِتہٕ چھنہٕ اَکھ جان ناولبٹ بُتھ ہیچ ہیو۔ یہِ چھےٚ اکھ رپور تاجٕ روٗزمِو۔ یہِ نہٕ اوٕ رکنیٚ زِ اَتھ منٛز چھےٚ رپور تاژ ٹیکنیک ورتاونہٕ آمٕژ۔ نہٕ ٹکہٕ کہِ اومِوکھہٕ زِ اصل تھیم چھنہٕ شوٗرٕ پیٹھے تتھہٕ پأٹھی وُبران تہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ کاڈ کڑان۔ یتھہٕ پأٹھی سَپدِنۍ گوو۔ ناول نِگار ہنٛز نظر چھےٚ سَفرس کُن زیادٕ روٗزمِو۔ سُہ چھُ سفرنامہٕ چہٕ مختلف لنٛجہٕ تہٕ جُذبات وبرٛھناونس کُن زیادٕ لگان۔ تہٕ اصل تھیم چھےٚ بڑٕ ژیری

وُ بران۔ لون صأب چھُ پننس پیش لفظس منز ونان:

''یہِ چھےٚ پرٚ بن واقاتن پٹھ لیکھنہٕ آمٕژ۔ مگر پرٚ بن واقاتن منز ادبی رَنگ پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ چھُ ،کردارَن ہُند نفسیأتی تجزیہِ پیش آمت کرنہٕ تہٕ واقاتن پٹھ اَکس باشعوٗر اِنسانہٕ سٕندی پأٹھی تبصرٕ کرنہٕ آمت۔''

یہِ کتھ چھےٚ بجا۔ مگر امہِ سٟتی چھنہٕ سُہ ور دژامُت۔

سیٹھٕ سٕندِس ذہنَس منز یوسہٕ خوش یوٚنی تبدیلی اَخرس پٹھ یِوان چھےٚ۔ تہٕ سأری سے کہأنی اَکھ وَلہٕ گتُن دِوان چھےٚ۔ یہِ تبدیلی چھےٚ ہنگہٕ منگہٕ تہٕ الہٕ غأبہٕ باسان۔ امہِ خأطرٕ اوس سیٹھٕ سُند ،کردار زیادٕ پھَن وُ براونچ ضروٗرتھ۔ تمٕ ہنٛز شوعوٗری تہٕ لاشوٗعوٗری ،کفیژ ہبکہٕ ہَن تَس وُبراوَنس منز مَدد کٔرتھ۔ ناولٕکس منز یوسہٕ گہرأیی تہٕ وُسعت وۄتلنٕز گژھ سو چھنہٕ ووتلیمٕژ۔ حالانکہِ تم سأری عناصر اَسی أسی مواد َس منز موجوٗد یم اکھ لازوال تخلیق بناونہٕ خأطرٕ کأفی أسی۔

ناولِہ منز یُس ہیوٗمر جایہِ جایہِ موجوٗد چھُ سُہ چھُ فِطری، زُودار تہٕ جان معیارُک۔



## ''مُجرم'' تہٕ ''میٚل''

''مُجرم'' تہٕ ''میٚل'' ناوَن ہنٛز زٕ ناولِہ چھےٚ غلام نبی گوہرن لیچھمٕژ۔ مجرم سپز ۱۹۶۹ یَس منز چھاپ تہٕ میٚل ۱۹۷۳ یَس منز۔ گوہر صأب چھُ کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیُک لِکھأری یہنٛز ترٛےٚ اور حل ناولہٕ وُنیکھ تام چھاپ سپدیمٕژ چھےٚ۔

مُجرم چھےٚ عدالتٕ سیٖنہٕ پیٹھٕ شوٗرُ سَپدان تہٕ کورٹ سیٖنہٕ ستی اَند واتان۔ احمد اللہ ہَس پیٹھ چھُ یہِ اِلزام زِ تٔمۍ مارٕ پننِ کوٗر حاجرٕ زہر دِتھ۔ حاجرِن مَرن دوہ چھُ ۱۷ اگست ۱۹۶۱ء عدالتی رکارڈن منٛز درٕج۔ ییٚمہٕ تلہٕ یہٕ سَرٕ کھرٕ کرُن مُشکل چھُنہٕ زِ اَمہِ ناوٕلیٹچ مؤلہٕ کتھ کمہٕ زمانٕچ پاٗداوار چھےٚ۔ ناولہِ ہِندی کِردار چھِ وکیٖلن ہِندیو جراہو تہٕ عدالتی کاروائی ستی نٔنۍ نیران تہٕ ویٚدی سَپدان۔ تہٕ یوٗت یوٗت مقدِمہٕ عدالتَس منٛز انجامس کُن لمان چھُ تیوٗت تیوٗت چھِ اہم کِردار تہٕ پھانٛپھلان تہٕ کاڈ کڈان۔ لوور کورٹن چھُ احمد اللہ مُجرم قرار دِیُتمُت تہٕ ووٗنۍ چھُ کیس ہائی کورٹس منٛز چلان ییٚتہٕ نوٕ سَرٕ اتھ سارٕی ہے مالس دل وانٛزوُ لگان چھُ تہٕ اٚخرس چھُ ہائی کورٹ یہِ کیس سِشن عدالتس واپس سوزان تہٕ تتھ ہِدایتھ دِوان زِ زٕ زٕنۍ سُلہٕ جُو تہٕ بشیر احمد گرٛھن طلب کرنہٕ تہٕ تہٕ دوشوٕنی دَربن گرٕھ تمن جَرح کرنک اِجازت دِنہٕ یُن۔ اَتھن چھُ مُقدمہٕ لرِ پھرُن دِوان تہٕ اصل اول وانٛگُن چھُ نوٚن نیران۔ احمد اللہ چھُ باعِزت بُری گرنہٕ یِوان۔ تکیٛازِ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پاٚٹھی نٔنۍ سَپدان زِ حاجرن چھےٚ گگر دوا کھیتھ خودکشی کرٕمٕژ آسان۔ وَجہ چھُ یہِ زِ تَس چھُ ہمسایہٕ لڑکس بشیر احمدس ستی محبتھ آسان۔ بشیر احمد چھُ اکہِ امیٖر گرٕک لڑکہٕ آسان تہٕ اَکھ بوٚڈ افسر بنان۔ دون گرن ہِنٛزِ حٲثیژ منٛز سبٹھاہ فرق آسنہٕ موٗجوٗب چھِ نوبَت چھےٚ خودکشی پیٹھ واتان۔ بشیر احمدس تہِ چھُ حاجرس ستی محبت۔ سُہ تہِ چھُ بوٚسید رسمن تہٕ رِواجَن خلاف۔ مگر سُہ چھُنہٕ بغاوَت ہِبکان کرِتھ۔ ییٚمِیُک وُتش حاجرٕ چھس دِوان۔ سو چھس اَکس چِٹھِ منٛز لیکھان:

''میانہِ جوانی تہٕ زِندگی، یاوُس تہٕ لوکچارس تہٕ آشِمن تہٕ وومیزن چھِہ نامور تہٕ تجربہٕ کار مُنزِم یاربن اَتھِہ بوٗلی دیاونہٕ یِوان۔ تیمی سٕنز بوٗلی تھَدِ سے ہیکہِ میانِمن لاوبن ارمانن مُلی ہیتھ...... لہذا کڈی زِ ذہنہٕ منٛز میون خیال۔ اُچھو منٛز میون تصور تہٕ دِلہِ منٛز میون ناو۔ تِم لوکچارِ کی میٹھی تہٕ موٗدرٕ خاب مُشراو۔ میون ناو، میوان وجوٗد میانی شکلہِ صوٗرتھ تہٕ۔''

''مُجرم'' چھےٚ تتھ سماجی تفاوُت تہٕ نابرابری وُرٛن ٹلان۔ یوسہٕ سائنس سماجس منٛز نوسوٗرکی پاٹھی دوہہ کھوتہٕ دوہہ زوان چھےٚ تہٕ یوسہٕ بیٚون بیٚون وَرگن ہِندبن لُکن پامال تہٕ بدحال گران چھےٚ۔ مُقدمہٕ چھُ ژون وٕری یَن عدالتس منٛز چلان تہٕ یتھ کالس چھےٚ مُلزم احمد اللہ سٕنزن اُچھن ہُند گاش تہٕ کوٗٹھن ہُند ہوش ژھوکومُت آسان۔ سائی مُروجہ قونوٗن تہٕ اِنصافکی طور طریقہٕ کأتیاہ موٗحدوٗد تہٕ فرسوٗدٕ چھِہ تہٕ یِمن منٛز سُدھار انُک کوتاہ ضروٗرتھ چھُ۔ یہٕ چھُ ناول نِگار سُند اَکھ اہم مقصد روٗدمُت۔ گوہر صأب چھِہ عدالتی ماحول پأدٕ کرنس منٛز سبٹھاہ کامیاب روٗدی متی۔ شاید اِوٚکنی تہٕ زِ سُہ چھُ پانہٕ جج۔ مُجرم چھےٚ موضوٗ تہٕ ٹکنیک کہِ اعتبارٕ پننہِ انداز چ اَکھ ناول۔ مگر کینٛہہ وَتچھِہ خأمیہٕ روزنہٕ موٗجوٗب چھُ اَتھ اندر ربٔتھ روٗدمُت۔ پرٛن وأرلِس چھُ گوڈٕ پیٹھے یہِ فِکری ترٛان زِ احمد اللہ چھُ بے گوناہ تہٕ اَخرس سپد سُہ بری۔ واقاتن چھُ غأر ضروٗری طوٗل دِنہٕ آمُت۔ وٗکیل صأبن اکہِ دوہہٕ مُلزِم سُند گرٕ گرٛشمن تہٕ تتہِ دوٗنٛژہ دِتھ کینٛہہ اہم کاغذ حاصِل کرٕنی چھےٚ محض کیس زیٛنٛچ اَکھ مجبوٗری باسان۔ بشہِ لالن تہٕ حاجرٛن مُحبت چھُ بناوٹی باسان۔ تِہنٛزِ لولہِ چٹھِہ چھےٚ حقیقی جذباتو روٗس محض

آرائیشی لفظو تہٕ لکچر بازی ستہٕ برِتھ۔ محبتہٕ کِس اِظہارس منز چھُ گوہر صأب ناکام رؤدمُت۔ گوہر صأبس چھُ شأعری کرنک تہٕ مختلف شأیرن ہُنٛد کلام بوزناونک سیٹھاہ شوق۔ تہٕ یمو رؤس تہِ ہیکہِ بیشتر جایَن کأم أنٛدِتھ۔ باسان چھُ یم شار چھِ ہٹہٕ مٹہٕ اَتھ منز ٹھوٗنسہٕ آمٕتؠ۔ ناولِ ہٕنٛدی تم حصہٕ چھِ پزی شانٛدار یم عدالتی کاروأیی ستہٕ تولُق تھاوان چھِ۔

''دمیٚل'' چھےٚ گوہر صأبنٛز بیا کھ ناول۔ یہِ چھےٚ نفسیأتی انٛدازٕچ تخلیق۔ اَمِچ زبان چھےٚ اَدب لطیفچ زبان۔ مُصنفن چھُ یمہِ ناولہِ ہنٛز پیٚنٛز وونہٕ باپَتھ اختر صأبنٛز پأٹھی توصیفی طریقہٕ پانہٕ نوومُت۔ لِکھأری چھُ کمہٕ کاس أکِس مورخہٕ سِنٛدی پأٹھی تمام واقات خأرجی حالات، مختلف حأری ثات، کردارَن ہنٛزِ کیفیژ تہٕ تِہُنٛد ذہنی سوچ شوٗرُ پیٹھہٕ أخرس تام وَکھہِ ناوان۔ ناولٕچ کنواس چھُ سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ موٗختصر۔ ''دمیٚل'' چھےٚ دَراصل خوجہ عزیز دہن شاہ (کوچھِ باغک اکھ بوٚڈ کوچھِ وول) سنٛزِ کورِ محموٗدِنی تہٕ امین صأب (اکھ بوٚڈ سرکأری افسر یُس آے،اے،ایس سٔروِسِ منز چھُ) سِنٛدِس لڑکہٕ جلیل سنٛز داستان۔ یم دوشوَے چھِ اَکھ أکِ سِنٛدِس لوٗلس منز گرفتار سپدان۔ تہٕ أخرس نیٚلہِ کھانٛدر سپدان چھُ۔ محموٗدِ چھےٚ موٚحسوٗس گران زِ جلیل چھُ نامرد۔ قِصہٕ چھُ عدالتس پیٹھ پوان تہٕ چھیکرس چھِ پروفیسر موتی لال تہٕ تٔمی سنٛز آشیٚنٛز مینا اَتھ نفسیأتی مَسلس کھُر کڈان تہٕ بأژن دون چھےٚ میٚل سپدان۔ موتی لعل چھُ جلیلٕنۍ دوست تہٕ مینا چھےٚ محموٗدِنی وبس۔ مَسلہٕ چھُ دَراصل یہِ زِ محموٗدِ یمہِ آیہِ عشقس چھےٚ وُچھان۔ جلیل چھُنہٕ اتھ تمہِ آیہِ وُچھان۔ محمود نہِ نظرِ منز چھُ عشق اَکھ رؤمأنی مُستی تہٕ

اَمہِ مُستی مَنز سۆکۆن ژھارنچ قاَیِل۔ جلیل چھُ اکھ تژیشہِ ہۆت یُس پنِنس مۆدرِس ناگس تھَلہِ تھَلہِ وُچھنہِ باپتھ مُضطرِب چھُ، محمۆدِ چھےٚ دۆدسہِ لُدِنی یوسہِ یہِ ناگ کنیاہ سورُے سَدِر اَکُے گژھِتھ دِتھ خوشُک کرُن یژھان چھےٚ۔ موتی لال لعل چھُ اُخرس جلیلس سمجھاوان زِ حُسن تہٕ یاوُن چھِ ییٚمہِ بُتہٕ رأژ ہِنٛدی زٕ ٹاٗٹھی خزانہٕ تہٕ ییٚمِن خزانَن یُس رأچھ کرِتھ روزِ سُہ چھُ شاہ مار تہٕ یُس وَرتاوِ سُہ چھُ پزی پاٗٹھی عاشق۔ مینا تہٕ موتی چھےٚ اَکھ سانگ بامَل اُنتھ جلیل ہِنٛدبن مردانہٕ قُوتن وُتُش دِوان تہٕ محمۆدس تہٕ جلیلس چھُ مێل سَپدان۔

ناول چھےٚ تتھ موڑس تام زبر پاٗٹھی پکان یۆتتھ تامتھ محمۆدس تہٕ جلیلس چھُ کھاندر سَپدان۔ اَمہِ پتہٕ ییٚم اُتار چڑھاو یِوان چھِ تِم چھِنہٕ جان پاٗٹھی develop کرنہٕ آمٕتی۔ مُصنِف چھُ یِیےٚ لانٛپہِ ہشہِ مینان تہٕ کِردار develop کرنہٕ بجاے ییٚم وُٹسنَس کُن لگان۔ یۆہے وَجہ چھُ زِ یہِ تخلیق چھَنہٕ سو تاثُر ہیکان ووتلاوِتھ یُس مُدا اوس۔ ناول نِگار ہِنٛدِس ذہنَس پیٹھ چھُ عام ہُنٛدستانی فِلمن ہُنٛد نۆن تہٕ ٹاکارٕ اَثر باسان۔ محمۆدن تہٕ جلیلُن سُنٛد اکھ اَکِس قریب یُن۔ دوشہِ وِنی ہُنٛد شاعِر بنُن تہٕ کالجہِ کیٚن مُشاعِرن مَنز حِصہٕ نِیُن۔ لڑکن نِش بے وایہِ داد حاصِل کرِنی۔ جلیلس رۆدس مَنز محمۆدِنی لِفٹ دِنی تہٕ ڈرائیور ہِنٛدِ یکدم موڑ ژٹنہٕ ستی تِم اکھ اَکِس پیٹھ لاینہٕ یِنی۔ ییٚم ساری چھِ سَستہٕ ہُنٛدستانی فِلمن ہِنٛدی سین۔ گوہر صابُن نثر یوسہِ پھُلے یتھ ناولُبَس مَنز ہاوان چھُ سُہ چھُ خوش کرُن۔ زبان چھےٚ وُشنی۔ پھنب پھۆت ہِش۔ اَتھ مَنز چھُ فلسفیانہٕ طرز سوچ تہٕ مۆجۆد تہٕ طنزِچ حسین مِلہٕ مِش تہٕ۔ مگر واریاہ جایہِ

چھےٚ ترٟژھ تہٕ یِیٚتِھ غاٗر ضروٗری الفاظیت وٕتھتھ یِوان چھےٚ۔ حسین ترکیبہٕ، بنٛدشہٕ تہٕ محاورو سٟتۍ زبانۍ گلٹ گرٟنۍ تہٕ غازٕ ملٕن چھُ کُنہِ حدس تام شوٗبان یِیلہِ یہِ جذبہٕ فطری سرحدو نبر نیران چھُ لفظ چھِ چھٕرا لفظ باسان۔ جذباتو روٗسۍ بے شوٗب تہٕ بے زُو۔ مثلن یِمہٕ کینٛہہ سطرٕ وٕچھِو۔

"...... کلاہکہِ یِراد کی نبض اَسۍ ہا ییمتۍ۔ محموٗدٕ ژاپہِ گرٛبکہِ وٕنہٕ تِلہِ کرٛاپہِ تلنہٕ آمژ واٗلنجہٕ کھوٗنٹ ہش بیمار تہٕ مضطرب قدمو......"

گوہر صاٗب یِیمہٕ آپہِ جلپلن خولہٕ خط وبرٛھناوان چھُ سُہ چھُنہٕ ہرگز اَکس مرٕد سُنٛد خولہٕ خط باسان۔ ٹھیکہِ اَکس لڑکی ہُنٛد۔ وجہ چھُ اَمی گلٹ ساٗزی ہُنٛد یَتھ اندر تہٕ مُصنفس یہِ خیال تہٕ روزان چھُ زِ سُہ چھا حسین لفظ جماہ گران کِنہٕ کاٗنسہِ ہُنٛد حُسن بیان گران۔ کینٛہہ سطرٕ وٕچھو:

"یِمہٕ محراب بُمہٕ، یہِ اُلفہِ قد اُویٚل تہٕ زاٗویٚل کمر، یہِ نستہِ خنجر، گولاب ٹوٗر ہیوٗ پھولہٕ وُن چونٹھ۔ شوراب بُرۍ بُرۍ یُمبرزٕلی اَچھ بناون وِز، گُجٕ تہٕ پوٗرٕ فُرصتھ اَسمٕژ...... اَمِس ژوداہ وٕہرِس موصوٗمہ ہنٛز چال تہٕ ڈال توٗلتھ تہٕ مینتھ قدم ٹلنۍ تہٕ ترٛاوٕنۍ۔ رُمہٕ اوی جن بمن ہنٛزٕ تلہٕ ترٛاو تہٕ حیا بُرٕژ نوٚمرِتھ اَچھ نہٕ آسہٕ اَہنٛدِ ذاتگ بڈٕبن تہٕ لوکٹن اکھ عجیب اَثر پاٗدٕ گران۔ ہر کانٛہہ اوس اَمِس تھٕلہٕ تھٕلہٕ وٕچھِتھ تہٕ بییٚو وٕچھِن یژھان تہٕ وُچھنٛچ ترٛیش اَس نہٕ ہمان......"

تاہم گوہر صاٗب سنٛہِ یِمہٕ دوشوٗے کوٗششہٕ مُجرِم تہٕ میٚل چھُ یہِ کتھ ویٚز گران زِ تمۍ چھُ ناول نویسی ہُنٛد فن سنجیدگی سان نیوٗمت۔ تہٕ سُہ چھُ اِرتقاٗیی منٛزِل ژھنٛڈان برٛونٛہہ کُن ڈوچرٕ ڈوچرٕ دِوان۔

## اَکھ دور

بنسی نِردوشنٕی ناول ''اَکھ دور'' سپٕز ۱۹۷۴ء یَس منٛز چھاپ۔ یہِ چھےٚ تمہِ دورٕچ اَکھ تصویرٕ پیش کران ییٚلہِ کٔشیرِ پیٹھ اَخری ڈوٗگرٕ پادشہَن ہُنٛد راج اوس تہٕ اَکھ جاگیر دارانہٕ سماج بارسس اوس۔ ناولبٹ پُرتھ چھِ امہِ دورٕکی کینٛہہ انہار ویٚدی سَپدان۔ گہےٚ نٔو پاٹھی گہے ورگہٕ پاٹھی۔ یہِ چھےٚ مُلہِ تلہِ تمن اَڈن ہٕنٛز کہانی پیش کران ییٚتہِ زنانَن ہٕنٛز صمت فروشی سَپدان چھےٚ۔ یہِ چھےٚ تمن اِنسانَن ہٕنٛز کہانی یم اَتھ کارِ بارَس سٟتؠ وابَستہٕ چھِ تہٕ تم یم یمَن اَڈن ہٕنٛدی ناز بردار چھِ۔ کٔشیرِ منٛز اُس نہٕ اَتھ سِیاہ کارَس پیٹھ تمَن دوہَن کانٛہہ پابنٛدی۔ جایہِ جایہِ اُسی ییٚتھی وان وٗری بدبو پیٹھِ چلان یمَن منٛز تاشوان مایُسم ییٚترِ زیادَے پہَن بدنام اُسی۔ امہِ ناولٕچ خاص اَکھ گون یُس خوش کران چھُ سُہ چھُ یہِ زِ مُصنِف چھُ یہِ جذباتہٕ بٕر کہانی بلکُل Detached طریقس منٛز پیش کران۔ زبان چھےٚ سَرل، سادروار تہٕ ابہامہٕ رۆس۔ اَتھ منٛز چھےٚ تمہِ چانٛدِ ہٕنٛز صفائی ییٚتھ تازٕ بتازٕ گربھ تأرمۆ آسہِ۔

نکینہٕ چھےٚ بنٛڈپۆرٕ علاقچ اَکھ غریب گرٕہسی کوٗر۔ سو چھےٚ سبٕٹھےٚ شکیل۔ تٔمی سٕنٛد مول دیٖن محمد چھُ ٹی۔بی بمارِ ہُنٛد شِکار۔ ییٚلہِ نہٕ تَس مقامی یَلاجہِ سٟتؠ کانٛہہ فرق چھےٚ سَپدان سُہ چھُ شہر دزوگجن کِس مِشن ہسپتالس منٛز ڈاکٹرن پان ہاونہِ یِوان۔ تس چھُ اَتھی زیرِ علاج روزٕن پیوان۔ مگر اَچھ چھَس نکینسے کُن دَرس روزان۔ حالانکہِ تس چھےٚ پۆرٕ پَرٕہ زِ گامَس منٛز چھُ سُہ ہوا نوا

مۆجۆد یِیمہٕ ہِنٛز نہٕ تَس کانٛہہ پرواے چھُ۔ یێلہٕ دٔہن محمدس کیٖژون رہنٛن ہسپتالَس منٛز اِن ڈور چھُ پۆوان روزُن۔ کورِ ہُنٛد لول چھُ یِوان برگہٕ سو چھےٚ گاٮ۪ی گامَس زِپھ گٔرِتھ بنٛڈپورِ پیٹھٕ شہر ماٮ۪لۍ سُنٛد حال وُچھنہٕ یِوان۔ مگر وَخ چھُ آسان شام یِیمہٕ ہِنٛز نہٕ ہسپتالس منٛز ماٮ۪لِس سمکھنُک اِجازتھ چھُس میلان۔ سو چھےٚ نزدیکے اَستانَس منٛز راتھ گذاران۔ اَستانَس منٛز چھُ تَس اَکھ وژال صدیق جُو سمکھان۔ یُس تَس دۆیمہٕ دوہ وُلہٕ واٮ۪لتھ گوڈٕ طوطن گٔرِ تہٕ پَتہٕ فتح کٔدلہٕ ہِکس اُکس اَڈَس پیٹھ واتہٕ ناوان چھُ۔ طوطہٕ چھےٚ اکھ تجرٕبہٕ کار زنانہٕ یوسہٕ یِمَن بدکار اَڈن ستۍ وابستہٕ چھےٚ ۔ سو چھےٚ موسیقی پیٹھ جان دسترس تھاوان۔ نگینہٕ چھےٚ اَمہٕ اَڈٕ منٛز ژٕلنٕچ وارِیاہ کوٗشِش کران مگر اند ان چھُس نہٕ کینٛہہ۔ اَتھ اڈس پیٹھ چھےٚ تَس ہِمہٕ حسین تہٕ دُردانہٕ ہشہٕ زنانہٕ سمکھان یِہٕنٛدۍ ناوشادٕ، سارٕ، جیپنہٕ بیٚترِ چھِہ۔ یِمہٕ کاٮ۪تھَن گژاکن دوہ دِش راٮ۪ضی کَران چھےٚ۔ کیٖژون مستقِل گژاکن منٛز چھُ مہاراج گنٛجک اکھ رٔیِٕس باپاٮ۪رۍ بلبدر تہٕ شاٮ۪مل۔ تَس چھُ موسیقی ہُنٛد چُسکہٕ تہٕ اَوے چھُ اورِیوان۔ طوطس چھُ یہٕ کانہٕ زَن کٔنٛل زِ تَمہٕ واٮ۪لۍ کم کم ناوٕ مگر یہٕ بلبدر لۆگنہٕ زانٛہہ بدلہٕ کارَن۔ نگینہٕ یِتھٕے اور واتان چھےٚ طوطہٕ چھِہ اَوٕ ہِنٛز خوش سَپدان زِ بلبدر پھۆس ووٚنۍ زالَس منٛز۔ تہٕ یِی چھُ سَپدان۔ بلبدرس چھُ نگینہٕ وُچھِتھۍ تھے پنُن سوٗرے ایمان راوان۔ سُہ چھُ صدیق جُوس پٔرِتھ رہتہٕ ۳۰۰ روپیہٕ ماہوار دِوان تہٕ شرط چھُ یہٕ روزان زِ نگینہٕ ییہٕ نہٕ بێیہٕ کاٮ۪نسہٕ گژاکس پیش کَرنہٕ۔ بلبدر چھُ ووٚنۍ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ نگینہٕ نہٕ مایہٕ ولنہٕ یِوان۔ تَس چھُ گرٕ بار تہٕ کارٕ بار مُشتھ گژھان۔ ستۍ پنٕنۍ آشێنۍ راجہٕ رێنۍ تہٕ۔ نگینہٕ

چھُ گوبہٕ کھورٕ روزان۔ تہٕ یہِ چھُ کلائیمکس۔ سوال چھُ پأدٕ سپدان زِ بلبدر چھا بچس پئُن شُر تسلیم کرنہٕ خأطرٕ تیار؟ سوال چھُ یہِ زِ ییٚلہِ رازس فاش سپدِ سُہ کُس بُتھ دِیہِ عامَس تہٕ خاصَن؟ سُہ چھُ أکِس وولہٕ ہرشہِ منٛز یِوان۔ بلبدر چھُ ننہِ وانہٕ نگیٖنَس پٔنٕز آشنٕز تسلیم کران۔ سُہ چھُ سأری، کارٕ بارَس لتھ دِوان تہٕ اسلام قوٗبوٗل کٔرِتھ أمِی سےٚ ستۍ زِندگی بسر کران۔ نگیٖنہٕ، طوطہٕ، صدیق جوٗ، دیٖن محمد، شادٕ سارٕ کردارن علاوٕ چھِ بییہِ کیٚنہہ اہم کردار غنی جو (بلبدرُن نوکر)، دھنہٕ وتی (اکھ موئنڈ یُس یہِ ہأرٕ چھِ زِ سو چھےٚ غنی جوس ستۍ پھٔسِتھ)، گنہٕ جو (اکھ بٹہٕ چکدار)، بیٚترٕ ناولہِ ہنٛدِس کنواسس منٛز درٛأٹھی یِوان۔

''اکھ دور'' ناو یوٗزِتھ یوسہٕ وُسعت تہٕ کُشادِگی ذہنَس منٛز جاے چھےٚ لبان۔ سو چھنہٕ اَتھ ناولٹس منٛز پأدٕ سپدٕمٕژ۔ اَفسانکۍ پأٹھۍ چھُ یہِ تخلیق اَمہٕ دورُک محض اکھ سلاٖیس پیش کران۔ ناولٹس منٛز چھنہٕ کردارَن ہُند دأخلی ردِ عمل تِتھہٕ پأٹھۍ دُبراونہٕ آمُت۔ یِتھہٕ پأٹھۍ آسُن گوٚژھ۔ کردوش چھُ خأرجیٖک زیادٕ سہارٕ نِوان۔ اَوے چھنہٕ اتھ منٛز سو شِدت پأدٕ سپدٕمٕژ یوسہٕ آسٕنۍ گٔژھ۔ مُصنِفن چھُ کیٚنژن اہم موڑن پیٹھ پٔنُن اتھ یہِ ڈٔلِ زِ تہٕ بوٗزی تھےٚ تھمُت۔ یِمہٕ کنٕز (کشمکش) conflict چھنہٕ وُبرِتھ ہیٚوٚکمُت۔ عصمت فروشی تہٕ طوأیفن ہُند یُس انسٹیوشن جأگیردارانہٕ سماجس منٛز مُروجہ اوس (Prostitution)۔ اتھ أسی کتۍ پہلو۔ لِکھأری چھنہٕ یِمن بدکار اَڈن ہُند خاص ماحول زبر پأٹھۍ دِیدن تل أنِتھ ہیٚوٚکمُت۔ یِمَن اَڈن ہنٛدی آداب طور طریقہٕ۔ موسیقی ہنٛزن محفلن ہُند خاص رنٛگ، دزال تہٕ جأگیردار، مختلف اڈن ہنٛزٕ پانہٕ وأنۍ تارٕ کانٛجہٕ یِمہٕ کشیٖر

پٹھ لوہوٗر، پیشوٗر، راولِ پینٛڈِ، اَمرتسر بیٚترِ جایَن واُہرِتھ آسہٕ۔ غرض تہٕ تھٔن کرِتھ ہَن چیزن ہنٛز اُس گنٛجاُیش موٗجوٗد مگر یمن کُن چھُنہٕ مُصنِفس نظر پلان۔ محض سطحی طور پَھٹے کینٛہہ کتھہٕ بڑ وٚنِتھ کُن یِوان۔ بلبدر، نگینہٕ، طوطہٕ، سارٕ، شادٕ، صدیق جُو۔ یِم ساٗری کردار ہیکہٕ ہَن کاشرِ اَدبکی زِنٛدہٕ تہٕ پوشِوٗنی کردار بٔنِتھ تِکیازِ یِمَن منٛز چھےٚ سو تو ژھ تہٕ لچک یوسہٕ اَدبی کردارَن منٛز آسنۍ گژھہ۔ مگر یِم ساٗری چھِ اَڈٕ پھوٚلی خام یا نیم پوٚختہٕ روٗدی مِتۍ۔ کانٛہہ اکھ چھُنہٕ پوٗرٕ پاٗٹھۍ پھاپھلیٚومُت۔ اَوے چھِ یِم ساٗری اکھ ہلکہٕ تاثُر تراوان تہٕ بَس۔

بنسی زردوٗشن چھےٚ بیٛاکھ اَکھ ناول تہٕ کاشرِس منٛز لیٚچھمُت یِمیُک ناو ''موکجار'' چھُ۔ مگر یہِ چھُنہٕ وُنہِ چھاپ سپدیمُت۔ ووٚمید چھےٚ یہِ آسہِ اکھ مأری منٛز ناول۔ اکہِ دورٕ کھوتہٕ کتہِ کور بڑوٚنہہ دژامُت۔ زلنہِ دَے اتھ مسوٗدس کیاہ سپُد تہٕ کتہِ چھُ؟



## ترٛیش تہٕ ترپن

''ترٛیش تہٕ ترپن'' چھےٚ امرمالموہی ہنٛز کاشُر ناول۔ امی سٟتۍ گَر اُمۍ اَدبی حلقن منٛز پنٕنٛز زان۔ اتھ منٛز چھےٚ تمن غلط رُجانَن مثلن رشوت خوٗری، جنسی بے راہ روی، سیاٗسی مصلحت پسندی بیٚترِ چیزن ہنٛز عکاٗسی کرنہٕ آمٕژ یِمہٕ ساٗنِس سماجس تہٕ مُلکس منٛز عواٗمی راج پھولنس پھٕبنَس سٟتۍ وۄتلِتھ آیہٕ۔ ناولِ ہُنٛد موضوٗع چھُ حقیقتن پی۔ یُس یقینَن اکھ اَہم موضوٗع چھُ مگر مُصنِفن چھُنہٕ ٹیکنیکہِ ہنٛز جان شود بود۔ واقاتن منٛز یُس منطقی تسلسل تہٕ فن کارانہٕ ربطہ آسُن

گوڑھ سہ چھُنہٕ نظرِ یِوان۔ کانٛہہ کردار چھُنہٕ ووتلیمُت۔ عوأمی رانٛچ یوسہٕ دِے تہٕ ژکہ لِکھاأرِس بنٛدن بنٛدن تیٚلان چھےٚ تِمہٕ باوَتھ چھُنہٕ شوٗبہٕ دار پأٹھی سپدِمٕژ۔ کانٛہہ کتھ چھُنہٕ واقاتو منٛزٕ ؤبران ئلیکہٕ چھِہ یم چھِرا سٹیٹمینٹ باسان۔ امر صاأبَس چھُ اکھ عُجیب عادتھا نال ؤلِتھ لبنہٕ یِوان۔ سُہ گو یہٕ زِ سُہ یِیتہٕ پٔنٛز شار گِہے ہنٛگہٕ منٛگہٕ ٹھُکان چھُ تتہٕ چھُ دوٚیمین شاأیرن ہنٛدی شار تہٕ استعمال کران۔ غاأر فِطری واقات تہٕ مکالمہٕ چھِہ جایہٕ جایہٕ درٕینٛٹھی یِوان۔ امر صاأبَن یُس گٹہٕ زوٗل نِشاط باغس منٛز محض امہٕ خاأطرٕ تلُمُت چھُ زِ روینٛدر (ہیرو) گوڑھ اَکِس جوان لڑکی سمکھُن سُہ چھُ اَسنَس لایَق۔ امر صاأب چھِہ یہٕ کتھ مٔشراوان زِ نِشاط باغ چھُ اکھ  باغ یتھ تواأریٖخی اہمیت حاأصِل چھےٚ۔ یوٚ دوَے یتھ ہیٚؤ گٹہٕ زوٗل ... اتہٕ ووتھِہ سُہ بنہٕ بذاتِ خود اکھ تواأریٖخی واقہٕ۔ بہرحال یہٕ ناول چھےٚ اَکِس نوٚس اَدیب سنٛز گوڈنِچ ناول۔ اَسی تھاوَو آش زِ سُہ تھاوِ پنٛن اَدبی سفر جاأری یتھ تُمی دَس تلُمُت چھُ۔

☆

## زٕ اَہم تجرُبہٕ

کاشرِ ناول مقبوٗل بناونہٕ باپتھ کٔری ریڈیو کشیرِ سری نگرن زٕ اَہم تجرُبہٕ۔ دون ناول نِگارن ہنٛز زٕ نوِ تہٕ تازٕ ناولہٕ آیہٕ سِلسِلہٕ وار نشر کرنہٕ۔ گوڈنِچ ناول اَس ''پٔن تہٕ پاپ'' (پوٗنٛ تہٕ پاپ) تہٕ دوٚیم ''شین تہٕ وتہٕ پوٗد''۔ ناول نِگار چھِہ غُلام نبی گوہر تہٕ پژان رکشور۔ غُلام نبی گوہر اَسی بژونٛٹھ پیٹھے ناول

نِگأری ہِنٛدِس فنس پوچھر دِنَس مَنٛز مصرۄف۔ لہذا آو یِمنٛے درخواست کرنہٕ تم لیکھن ریڈیو باپتھ اکھ ناول یوسہٕ کینٛژِس کالس سِلسِلہٕ وار قِسطس مَنٛز نشر سپد۔ تٔمۍ کۆر یہٕ چلینج قۆبوٗل تہٕ ریڈیو سپُد اتھ تجربَس مَنٛز کامیاب۔ اَمہِ پتہٕ رۄدس بہٕ أکِسے أکِسے ونان زِ تم لیکھن بیاکھ ناوَل یوسہٕ ریڈیو پیٹھہ نشر سپدِتھ ہیکہِ۔ مگر کانٛہہ پۆک نہٕ بڑوٚنہہ۔ کینٛہہ کالا گژھتھ آو اکھ دوہا سُہ یٚلہِ میأنٛی ہمسفر پٔژان کِشورن مِبے بڑوٚنہہ کنہِ ٹیبلس پیٹھ مُکمل ناول "شین تہٕ وَتہٕ پۆد" تژاو۔ بہٕ سپدُس وارِیاہ حأران۔ تِکیازِ پٔژان کِشورن ناو چھُ ڈرامائَن ہنٛزِ ہدایت کأری تہٕ اداکاری سٕتۍ وابستہٕ۔ یِہنٛز یہِ ادا آیہِ مےٚ سبٹھاہ خوش۔ مےٚ پٔر یہِ سأرِے ناول گوڈ پیٹھہ انٛدس تام۔ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ وار نشر کرنُک آو فأصلہٕ کرنہٕ۔ "شین تہٕ وتہٕ پۆد" چھےٚ پٔژان کِشورنٕ گوڈنٛچ ناوَل یوسہٕ گُجرَبن ہنٛز مخصوٗص زِندگی، لسنَس بسنَس تہٕ ماحولس سٕتۍ وابستہٕ چھےٚ۔ پٔژان جی أسۍ اَمہِ بڑوٚنہہ جموں کشمیر کِمن بیشتر گُجرَبن علاقن تژبن ژون رتبن پھیرِتھ آمتۍ۔ کِردار چھِ کہأنی ہنٛز رزِ مَنٛز مالہِ پھلبن ہِنٛدی پأٹھۍ پنٛزٕ کٔشِش تہٕ چمک ہتھ وُبران۔ یم ذہنَس پیٹھ اکھ خاص اثر تژاوان چھِ۔ اَمہِ بڑوٚنہہ کینٛہہ وُری أس صوٗفی محی الدین (جرنلسٹن) تہٕ اکھ کأشرِ ناول گُجرَبن مُتلِق لیچھمٕژ۔ اَمہِ ناولہِ ہِنٛدی کینٛہہ حِصہٕ چھِ مےٚ أکِس اَدبی میٹِنگہٕ مَنٛز بۄزِمٕتۍ۔ مگر یہِ سپز نہٕ ازتام چھاپ۔ گوہر صأبن یوسہٕ ناول "پُن تہٕ پاپ" لیچھمٕژ چھےٚ سو چھےٚ کأشرِبن ہنٛز سمأجی، اِقتصأدی تہٕ نفسیأتی زِندگی ہِنٛدی وارِیاہ کۆنٛج گاشراوان۔ یہِ چھےٚ تٔمۍ سٕنٛز ناول نِگأری ہِنٛدِس فنس اکھ نُو تژاے بخشان۔ گوہر صأبنٛز تہٕ پٔژان جی سٕنٛز ناولہِ چھےٚ

تمہِ کأشرِ ناولہِ یمن قومی اعزاز حأصِل سَپُد یُس ساہتیہ اکادمی پڑتھ وُری مختلف زبانَن ہنٛدبن لِکھاربن بہترین کِتابہِ لیکھنہٕ خأطرٕ دِوان چھے۔

ضرُورتھ چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد زِ ییٚتھی تجرُبہٕ روزن ریڈیو پیٹھٕ برابر سپدان۔ یتھ لچھِ بُڈ لُکھ نہٕ صرِف یکہِ وٹہٕ محظوظ تہٕ مستفید سپدن بلکہِ میلہِ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوٚھنٛگ تہٕ پھبنٛگ زیادٕ زیادٕ موقہٕ میسر۔ یم دوشوٕے تجرُبہٕ رُوٗدی وارِیاہ کامیاب۔ یمن دوشوٕنی ناولن تہٕ امہِ قسمہٕ کمن تجرُبن پیٹھ چھےٚ وارِیاہ کینٛہہ ونٛنٛج تہٕ لیکھنٛچ گنٛجأیش موجوٗد۔ بہرحال گوہر تہٕ پژان کِشور چھِ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوچھر دِنس منٛز از تہٕ برابر مصروٗف۔ وومید چھے یہنٛز نوِ تہٕ تازٕ بہٕ تازٕ ناولہِ ہین جلدٕے مارکس منٛز۔



## 1990ہٕ پیٹھٕ ازتام

بشر بشیر تہٕ چمن لعل ہکھوٗ چھِ تِم زٕ لِکھأری یم یتھ وقتس دوران ژٔنہ دژایہِ۔ دوشوٕنی منٛز چھےٚ تِمہٕ زِتنہِ موٗجوٗد یِمہٕ وولہٕ سنٛس اَنان چھےٚ۔ یِمہٕ ناول نِگأری ہنٛدِس فنس پوچھر دِنہٕ باپتھ اکھ رُت شگوٗن چھےٚ۔ دوشہِ وُنی چھُ پَنُن سوٗن مُشاہدٕ، پَنُن ذیٚہنی وُپھِ وار، زبأنی پیٹھ عبوٗر تہٕ تِم گون موٗجوٗد یِم اَکِس یِتھِس لِکھأرِس آسنہٕ گوژھن۔

بشرٕنی اکھ ناوَل چھے ''داستانِ اُمیر جان'' (1997)۔ امیُک مرکزی کِردار چھُ امیر جان۔ تٔمی سُنٛد اصل ناو شاہد یَس ٹام تہٕ ونان چھِ۔ یہٕ چھُ

یونیورسٹی ہُنٛد طالبِ علم یُس پنٕنین دوستن منٛز منفرد مزازٕ تہٕ اطوارٕ تھاوان چھُ۔ ربتہٕ کالہٕ چَن چھُٹی یَن منٛز چھُ امیر جان پنٕنین کیفژن دوستن یمن منٛز ظہوٗر، رشید، نِثار، شاد بیٚترِ شأمِل چھِ کوثر ناگ ہالِنگ پیٹھ گرٕ ہتھ سوٗرے أنٛدی پٔکھی علاقہٕ ژھنٛڈنک فأصلہٕ کران۔ یمن منٛز اہربل، کونگ وٹن ہشہٕ جایہ شأمِل چھِ۔ پیأری گُجری ڈوکہٕ تہٕ بستی یہٕ جایہٕ جایہٕ درٛینٛٹھی یِوان چھےٚ۔ یمن منٛز زٕ گُجری کورِ ایشا تہٕ میشا، زٕ گُجری لڑکہٕ واشو تہٕ باشو تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ کردار یمن منٛز بخناوار خاص چھُ ناولِ ہِندِس سبتھرس پیٹھ نموٗدار سپدان۔ امیر جانٔس چھُ ایشایہ سٟتی جذبأتی لگاو ووتلان یتھ بڑونٛہہ پکناوٕنس منٛز دوٛیم کردار پٔنُن حِصہٕ ادا کران چھِ۔ ناولہٕ ہُنٛد گوڈٕ حِصہٕ چھُ زبر پأٹھی پھأنٛپھلان تہٕ پرن وألی ہنٛز دِلچسپی چھےٚ گنان۔ مگر لِکھأری چھُنہٕ یہٕ زیادٕ کالس برقرار تھاوٕنس منٛز کامیاب روٗدمُت۔ چھیکرس چھُ ایشا، باشو تہٕ امیرجان عٔجیب حالاتن منٛز پینہٕ زٕو جانہٕ نِشہٕ اتھہِ چھلان۔ مگر تأجب چھُ یہٕ زِ پرن وألِس ہِندِس تلہٕ پٔتِس تہٕ چھُنہٕ کشُن یِوان۔ یہٕ چھُ لِکھأری ہنٛز فنکارانہٕ شود بود ہنٛز کمی ظأہر کران۔ مجموعی طور ناول چھُنہٕ سو اثر ترٛأوِتھ ہیکان یوسہٕ ترٛاوِنی گژھہ۔ داستان ونہٕ نٕس تہٕ ناول لیکھنٕس منٛز چھے واریاہ فرق۔ أمی تہٕ چھُ اتھ دوٗلتہٕ اوٗنمُت۔

پرویز دیوانؔ چھُ جبہٕ خوتونہٕ ہنٛز ذِکر کران بشیر بشرؔنہٕ دوٛیمہٕ ناولِ "طلسمی حقیقت" (Magic Realism) انٛدازِ بیانک ناو دِتھ تٔس سلمان رُشدیؔ یٔس قریب أنان تِکیاژِ یُتھ انٛدازِ بیان چھُ رُشدیؔ نے ڈٕریافت تہٕ مُروج کوٗرمُت۔ پرویز صأب چھِ جمکی۔ نہٕ چھِ کأشُر بولان تہٕ نہٕ یہٕ پُرتھ ہیکان۔

اتھ پوٚت منظرس منٛز ہیکہِ کانٛہہ تہٕ پأنٛی پانہٕ بدٕ کڈِتھ یہٕ راے کأڑاہ چھےٚ وزن دار۔ یوٗزمڑن کتھن پیٹھ فأصلہِ دیُن چھُ نا مُنأسِب۔ بے شک حبہٕ خوتوٗن چھُ اکھ سُہ موضوٗ یتھ پیٹھ اکھ شانٛدار ناول ہیکہِ تھٔنہٕ پیتھ۔ مگر امہِ خأطرٕ یوسہٕ توٗژھ، شود بود تہٕ فنی زأوی جارن ہنٛز زانکأری ناول نِگارس آسنۍ گژھ۔ سو چھےٚ غأب۔

بہرحال بشر بشیٖر چھِ تِمن سارِنٕے ناول نِگارن منٛز کوٚنس یمو ازتام اتھ صِنفہِ منٛز عملن اتھِ ترٛاوو۔ وومید ــــ أمۍ سُند فن لبہِ یِنہٕ والین وٕریَن منٛز یاوری یمہِ خأطرٕ ڈاڈ تہٕ صبرس ستۍ ــــ ز ٹیکنیک ہنٛز بھرپوٗر زان ضروٗری چھےٚ۔

چمن لعل ہکھوٗ ہَن گُذأرۍ پننہِ زِندگی ہنٛدۍ بیشتر قیمتی وٕری دوٗردرشن چہِ نوکری منٛز۔ اماپوٚز مرکزی سرکارٕچہِ نوکری نِشہِ ریٹایر سپدِتھ سپُد سُہ تتہٕ منٛہٕ کأشرٕ ناولہِ پوچھر دِنس منٛز مصروٗف۔ ''ننٛگہٕ پتھٕر'' (2006) تہٕ ''ووستوٗر وَنٛک ہہٕ'' (2014) چھےٚ تِمہٕ زٕ ناولہٕ یمہٕ ازتام أمۍ لیچھ۔ یمن دوشوٚنی منٛز چھُ ناول نِگأری ہُنٛد اکھ نوٚو رَنٛگ تہٕ آے لبنہٕ یِوان۔ یُس خوش یُن چھُ۔ ناول نِگارس چھُ پنُن اکھ منفرد اسلوٗب بیان یا سٹایِل یُس سبٹھاہ پُرکشش تہٕ زوٗدار چھُ۔ ہکھوٗہَس چھےٚ کٔشیرِ ہنٛدِس سیاستس، توأرٟخس، نفسیأتس تہٕ ثقافتی انہارن پیٹھ جان نظر۔ سُہ چھُ پننٛین ناولن ہنٛدۍ پلاٹ امی موادٕ منٛزٕ بدٕ کڈان تہٕ اتھ اکھ خاص شکل تہٕ صوٗرت دِتھ پنُن تخلیقی وِہھ وار ژھانٛڈِتھ ناوان۔

گوڈنیچ ناول ''ننٛگہٕ پتھٕر'' چھےٚ کٔشیرِ منٛز سو تصویر بڑوٚنہہ کُن انان یوسہٕ ڈوگرٕ مہاراج پرٛتاپ سنگھ ہنٛدِس سورگہٕ واس سپدنہٕ برٛوٚنہہ درینٛٹھی یِوان چھےٚ۔ دوٚیمہٕ ناولہِ منٛز چھےٚ ہکھوٗہَس کٔشیرِ منٛز جدوجہد آزأدی وکھنأوِمٕژ یوسہٕ ڈوٗگرٕ

مہاراج ہری سنگھ سٕنز پادشاہی (1948-1925) مَنز ووپدٕتھ تہٕ ووتلتھ اُخرس عوٲمی راج چہٕ شٕکل مَنز نموٗدار سپز۔ یتھٕ پاٹھی چھےٚ یمہٕ دوشوٕے ناولہٕ بیوٚن بیوٚن اَستھ تہٕ کُنہٕ حدس تام اکُے موضوٗع وکھناوان۔ اکھ سُہ یُس مہاراج ہری سنگھس وراثتس مَنز باگہٕ آو۔ بیاکھ سُہ یُس تس چشم دید پٔنس دورس مَنز وُچھن پیو۔ فنکاٗری لحاظہٕ چھے دوٚیم ناول گوڈٕنچہٕ ناولہٕ کھوتہٕ زیادٕ بہتر۔

احمد لون (اکھ دٔسلی) تہٕ پنڈت دینا ناتھ کول (پٹوٲری) چھہٕ تم زٕ مرکزی کِردار یم ناولہٕ ہٕنز یٔنز وونان چھہٕ۔ احمد لون چھُ اِشبرُک بُسکین تہٕ کول وبژار ناگُک۔ یِمن دون کِردارن لرِلوٚر یم باقی کِردار نموٗدار سَپدان چھہٕ تم چھہٕ احمد لونٕنز خانداریٚنز فٕض (فضلی)، دینا ناتھ کوٚلنٕ آشٕنز کوشلیا، اکھ رُت تہٕ خودا دوست شخص رٕحیم شاہ، لولنس نکھٕ ڈکھٕ ستی بوج صمد تیلی، احد لون (احمد لون سُند فرزند)، صمد تیلی سٕنز زنانہٕ اَشم (اشمی) تہٕ اَشمہٕ ہٕنز اکھ اَشناو کوٗر زمرُد۔ بیاکھ اکھ اہم کِردار چھُ پیارے لال کول۔

بڈٕ حقیقت چھےٚ یہٕ زِ ناول چھہٕ وقتہٕ کِس بڈٕس لیڈرس شیخ محمد عبداللہ ہَس کُن ظوٗن پھِران۔ یَس پننہٕ خوٗبی تہٕ خصوصیٔژ چھےٚ۔ یَس لُکہٕ موٚت پٔنُن زُو وندان چھُ تٔمی سٕندِس آلوس پزاران چھُ۔ لُکہٕ موٚت چھُ تَس ستی وِزِ وِزِ پٔنٕنز ناراضگی تہٕ ظاہر کران۔ ناول نِگار چھُ شیخ صاٗبن ناو ہینہٕ روٗستُے تمہٕ پوٚرٕ دورُک ذِکر کران یتھ مَنز کشیرِ ہٕنز تحریک آزادی شوٗرٕ سپز تہٕ مختلف پڑاو تہٕ مرحلو مَنزٕ نیرتھ اُخرس عوٲمی راج حاصِل کرِنس مَنز کامیاب سَپدان چھُ۔ ناول چھےٚ دراصِل اَمہٕ کُے اَنہٕ تہٕ عکس۔

کأشرِ بٹن ہِنٛز نفسیأتی آیَن گرٲیَن ہِنٛز ذِکر کران پزِ نہٕ اَسہِ ہرگز یہِ مَشراوُن زِ کٔشیرِ منٛز یوسہٕ تحریکِ آزأدی ہِنٛز لہرأ ٮ۪کس عُجیب طریقس تہٕ سبٹھاہ جوٗنوٗنی انداز س منٛز سنہِ 1931 ہٕ یَس منٛز وُبریہِ یہِ اُس اکثریتی طبقُچ تحریک مہاراجس خلاف۔ اکثریتی طبقہٕ اوس شِدتہٕ سان محسوٗس کران زِ تِہنٛز بدحأ لی ہُنٛد اصلی وجہہ چھُ یوہے۔ انگریزس ستی اُس نہٕ تَس کانٛہہ رنٛجش۔ یہِ خیال آو پَتہٕ واریاہہ کألِ اَکثریتی طبقہٕ ٮ۪کس ذہنَس منٛز زِ کأشرِ بٹن ہِنٛز بدحأ لی تہٕ بدتری ہُنٛد اصل مُجرِم چھُ مُلہِ تلہِ انگریز۔ مہاراج چھُ فقط اکھ لورِ دستارٕ۔ انگریز یوٗ دوَے گلہِ مہاراج تہٕ نواب پنٛن پانٕے لٲرِ ہی۔ تہٕ لی سَپد۔ یہِ کتھ فِکری تارَس منٛز یُس اہم رول ترقی پَسنٛد عناصِر و کوٗر۔ سُہ چھُ تہِنٛد تحریکِ آزأدی بوٗڈ دبُت۔ اَمہِ پتے آیہِ اکثریتی طبقٕچ پارٹی ''کشمیر مُسلم کانفرنس'' ''نیشنل کانفرنس'' منٛز تبدیل کرنہٕ۔ تیمَو یہِ تسلیم کوٗر زِ سارِنے طبقن ہِنٛز حالت چھےٚ سبٹھاہ بدتر تہٕ خستہٕ۔ کأشُر قوم اَمہِ منٛزٕ کڈنہٕ باپتھ چھُ کُنےٚ گربز تہِ کُنی آواز ضروٗری۔ تأجُب چھُ پتہٕ یتھ وقتس منٛز کٔشیرِ اند ر سکیولر بنیأزن پٹھ اکھ نوٗ پارٹی نیشنل کانفرنس منظم سپز اَمہِ پتےٚ ووتلیہِ محمد علی جناح سنٛز آواز مُلکی سطحس پٹھ ییمہِ کٔنی تحریکِ آزأدی ڈٕجر کُنی منٛزلہِ نشہٕ۔ ظأہر چھُ کٔشیرِ روٗز نہٕ یتھو اثراتو نشہٕ بچتھ حالانکہِ نیشنل کانفرنسک زور شور ہمو تہٕ گنہٕ کٔنی۔

کأشرِ بٹن ہِنٛدِس اکثریتی طبقس منٛز چھُ اکھ حِصہٕ سُہ تہِ یُس دراصل دِماغس تہٕ دِلس منٛز ہیوٗک نہٕ توازن پأدٕ کرِتھ۔ دماغس تہٕ دِلس درمیان روٗد تضاد وٕنی توس یا جنٛگ جأری۔ یوہے چھُ دراصل کٔشیرِ ہُنٛد بوٗڈ المیہٕ۔ اَتھ

تصویر کشی چھےٚ اَکی شاعرن بڈٕ نفیس پأٹھی یَتھ شارس منٛز کرٕمٕژ۔

زُو جان وَنٛدِ ہا ہِندوستانس                    دِل چھُم پأکِستانس ستی

اکھ اکھ لفظ پرٕیون وارٕ۔ اصل ٹریجڈی چھےٚ یہےٚ دِماغ چھُ ہندوستانس پێٹھ پئٹھ کینٛہہ رتہٕ چھیٚپہٕ دِنٛس پێٹھ آمادٕ۔ مگر دِل چھُ بدل کینٛہہ وَنان۔ یوہے چھُ پراگندگی بڈٕ ٹک تہٕ قرار راونک اصل وجہ۔

اچھِ ژھایہِ گژایہِ چھےٚ ہکھوٚ ہنٛزِ ناولہِ منٛز پنٛنی پأٹھی ٹلی تہٕ پێٹھی درٕپێٹھی یوان۔ ناول نِگأری منٛز ہکھوٚ ہنٛدی تجربہٕ وُچھتھ چھُ کأشرِ ناولہِ ہُنٛد مستقبِل یقیٖنَن روشن لبنہٕ یوان۔ سأنٛی ناول نِگار چھِ بے شک نوبن منٛزِلن کُن دوان تہٕ دوران۔ تہٕ نٔوی تیٛشنٛأکی سر کرنچہِ کوٗششہِ منٛز مصروٗف۔

تاہم یوسہٕ کتھ تہٕ امہِ ناولِ ہنٛز خوش کرنس لایق چھےٚ سو چھِ یہِ زِ ہکھوٚ چھُ ہتٕہ منٛزٕ فوٹو گرافی تہٕ دوٗردرشن کٕنن تژاشن ہُنٛد سہارٕ نوان۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ اکھ ناول نِگار چھُ پرٛتھ کانٛہہ کتھ پننہِ بے جوڑ قلمہٕ ستی انٛزران تہٕ میٖنزران۔ تٔمی سُنٛد باس تہٕ مُشاہدٕ چھُ رواں دواں قلمہٕ منٛزِ نیرتھ تہٕ سوٗرے دیدٕ مان گران یہِ تٔمی سُنٛد منشا آسان چھُ۔ تٔمی ہنٛدِ قلمہٕ درٕامتی لفظ چھِ بذاتِ خود دستاویزی ثبوٗتن (Documentary evidence) ہُنٛد أنہٕ تہٕ عکس بنان۔ پننہِ جایہِ ہیٚکہِ یہِ اکھ نوٚو تجربہٕ ضروٗر اُستھ۔ مگر یہِ ٹارِ کھسُن چھُ مُشکل۔

ناول نِگار چھُ پنٛنی پرٛتھ اکھ کتھ پننہِ قلمہٕ ستی گاشراوان۔ تٔمی سُنٛد بیٚیہِ کُنہِ دسپلس ستھٕ پأٹھی درمانٛدٕ روزُن یا اتھٕ دارُن چھنہٕ کُنہِ رٔنگی ژمان۔



# نُنٛدِ ریوٚش : مولہٕ آٔنکہٕ وَن

شیخ نوٗرالدینؒ ہِنٛدِ کُنہِ تہٕ وَصفٕچ یا کارنامٕچ وَن وَکھنے گرنہٕ وِزِ چھُ سارِنے بڑونٛہہ تِم ناو تہٕ لقب توجہس لایق بنان یِم تِمَن دِنہٕ آمٕتؠ چھِ۔ مثلن تِم چھِ شیخ العالم تہٕ شیخ الشیوخ۔ شیخ، چھِ تس بُزرگس وَنان یَس مذہبس یا دِپُنٛس پیٛٹھ سُنٛز نظر آسہِ۔ یُس دہنگ ڈاکٹر(Doctor of Religion) آسہِ۔ تتھے پأٹھی تِم چھِ ریٚشی، ولی یا نوٗرأنی، یا تِم چھِ سہزانند (سہج آنند) یانے ابدی سروٗر(Eternal bliss) یِمَو پنٛنہِ گیانہٕ سٟتؠ پنُن پان پڑ بڑنو ومُت اوس تہٕ اصل حقیقت زانٕنہٕ مژ اُس۔ تِم چھِ عأرفن ہِنٛدی اختابہٕ شمس العارفین۔ تِم چھِ شاہ ملک توحید، یانے تِمہِ مُلکُکی بادشاہ یِم خدایہٕ ہِنٛدِ وحدتٕ یا کُنرِکی قأیِل آسن۔ تِم چھِ شمس بُرج قدسی تہٕ سأنی ٹأٹھی علمدار۔ سوچُن چھُ یہِ زِ کُس ناو تہٕ القابہٕ چھُ تِمَن پنٛنہِ ہے زمانَس منٛز پیوٚمُت تِیٛایا زِ؟ شیخ العالم ہِنٛدِ اصل بجرِکی تہٕ اِنسان دوستی ہِنٛدی سأری انہار سپدن ڈلی ڈلی ویٚدی تہٕ ثنٛر۔ کأشُر مورخ سید علی ماگرے

چھُ لیکھان:

''از جُملہٕ گُل اولیاءِ کشمیر حضرت شیخ سُلطان محمد کشمیری بود بعد ازاں در مرتبہ ولایت گُل شیخ بہاو الدین بودہ بعد ازاں، ایشاں عارف باللہ شیخ الشیوخ نورالدین علیہ الرحمہ والرضوان بعد از ایشاں از جملہ اکمل اولیاء بابا عثمان گناتی مذکور است مقبرہ اودر مزار سلاطین اَست''

سید علی یَن چھےٚ پنٕز ہسٹری حضرتِ شیخ ہِنٛدِ رحمتِ حَق سَپدنہٕ پتہٕ کم ازکم سواد ہتھ وٚری تہٕ زیادٕ کھوتہٕ ڈوڈ ہتھ وٚری پتھ لیچھمٕژ ۔ یہٕ چھےٚ ساریوے کھوتہٕ پرٛانی ہسٹری۔ یتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہنٛز وبژھنے موٗجوٗد چھےٚ۔ سید علی چھُ یہنٛدِس ناوَس سٟتی، شیخ الشیوخ، لیکھان۔ کینٛژو حقیقژ و تہٕ مقبوٗل تہٕ مشہوٗر روایژو کنٛی چھُ صاف باسان زِ ریوٗش، سہزانند، ولی، نوٗرانی تہٕ علمدار ہی ناو چھِ تَمن پنٕہ نِسے زمانَس منٛز پییمتی۔ تہٕ ییٚے چھِ تم یَمن منٛز تہنٛدِ بجرٕک، عظمتُک تہٕ اِنسان دوستی ہُنٛد روٗح پوٚشید چھُ۔ ''خطِ اِرشاد'' ناوٕک یُس دستاویز اَسہِ نِش موجوٗد چھُ اَتھ منٛز چھُ شیخ العالمہٕ سُنٛد ناو ''نوٗرالدین ریشی'' درٛینٛٹھی یِوان۔ یتہٕ چھُ لیکھتھ زِ تم چھِ صالح عاٗرف، صاحبِ کشف و مجاہد و مشاہد تہٕ زاہد آسی مٕتی۔[1] حضرتِ شیخن کٔر پننہِ وٚسی گیانہٕ، وَے کھوٗری (Vision) تہٕ دوٗر اندیشی سٟتی سو یاوری تیٚچھ پیٚژ وبژھنے کٔر زِ تیٚژ چھےٚ کم۔ تہنٛز شخصیت چھےٚ سُہ گاشہِ آگُر تہٕ نوٗرٕ اَنبر تیٚم

[1] گُلریز دسمبر ۱۹۵۲، صفحہٕ ۱۳ پیٹھ صفحہٕ ۱۶ وٚچھِو۔ یہٕ دوٚے یہِ شیخ نورالدین ہِنٛدِ زمانہٕ کے دستاویز مالوٗ تیلہٕ چھُ یہِ ساریوے کھوتہٕ پرٛون دستاویز یتھ منٛز شیخ العالمہٕ ہنٛز ذِکر میلان چھےٚ۔

وَتہٕ پَدٕ روشن کٔرِ یتھ منٛز اِنسانٔیتُک آے تہٕ تیز تہٕ سانہِ تہذیبی زِندگی گاہ تہٕ رَنٛگ پۆشیدٕ چھُ۔"

ہیۆمنزِم (Humanism) یا اِنسان دوستی ہنٛز وۭتھنٕ چھےٚ موخصر لفظن منٛز یتھٕ پأٹھۍ کرنہٕ آمٕژ:

"The attitude of mind which attaches primary importance to man and to his faculties, affairs temporal aspirations and well being."

مطلب یہِ اِنسان دوستی چھےٚ سُہ ذہنی رُجحان یا سوچن تٕراے یوسہٕ اِنسانَس تٔمۍ سنٛزن صلاحیتن تہٕ مالٕن تٔمۍ سنٛدبن دُنیاوی ہاوَسن تہٕ اَمارن تہٕ تٔمۍ سنٛدِس رٕژرَس اوٚلیٖن اہمیتھ دِوان چھےٚ۔

اِنسان دوستی چھےٚ سو اکھ اِصطلاح ییمیُک دَخل اَدبَس تہٕ فنس منٛز پَتہٕ وَتہٕ رۆدمُت چھُ۔ مگر کیٚنٛژن شاعرن تہٕ فن کارن ہنٛدِس کلامَس تہٕ کارنامن پیٹھ چھُ یہِ عُنصر تیٚوٚت غأِلب زِ تہنٛز پرٛتھ کانٛہہ کتھ تہٕ حرکتھ چھےٚ اَتھۍ جذبَس تأبیا۔ شیخ نۆرالدین چھِ اَمی کاروانٕکۍ شاہ سوار۔ تہنٛد کلام چھُ "جُز ویست پیغمبری" ہُنٛد وِصف تھاوان اَمی گونَن دِژ اتھ لُکن ہنٛدبن دِلن منٛز جاے تہٕ اَمیُک واریاہ حِصہٕ بنیوو یَنہٕ پیٚھرِ، شوزرِ، پَزرِ تہٕ اَثرٕ کٕنۍ محاورَن، ضرب المثلن، تشبیہن تہٕ اِستعارَن ہنٛز شکلہِ منٛز سانہِ دوہ دِش بول بوشُک اَنٛگ۔ بے شک شاعری تہٕ اَدبس منٛز یِم نظریات ازتام مختلف دورَن منٛز بارسس آیہٕ تِمن منٛز گٔیہِ اکھ جماتھا سو تہٕ پادٕ یِموٚ اِنسان دوستی ہُنٛد لفظ سبٹھاہ محدۆد معنے مطلبس منٛز وَرتوو تہٕ اَمۍ رٔٹ اَکہِ نعرِچ تٕراے مگر اصلیتھ چھنہٕ یہِ۔ اصل پَزر چھُ یہِ زِ

اِنسان دوستی، ہِنٛدِس لفظس مَنٛز چھےٚ بے حد وُسعت تہٕ کُشادِگی موٗجوٗد۔ ییٚلہِ اِنسان دوستی، اکہِ ہوکھہِ تہٕ ژھوٚرنعرٕ بجاے پَزٕ دِلہٕ تہٕ وژھہٕ وأنٛجہِ نیرِ۔ اَکہِ فِطری جذبکہِ تہٕ ذأتی تجربکہِ پأٹھۍ سومنہٕ ووتلہِ۔ یہِ چھےٚ آفاقیت تہٕ اَبدیت پٕراوان۔ شیخ العالمہٕ سنٛز شخصیت تہٕ کارنامہٕ چھہِ اَمی حقیقژ ہُنٛد ٹاکارٕ باس دِوان۔ اِنسان دوستی چھےٚ تِہنٛدِس رُمس رُمس مَنٛز بٕستھ۔ یہِ چھےٚ سوے تِیمۍ تِہنٛد مَن تہٕ ذہن فطری طور ووٚلسنٚس اوٚمُت چھُ۔ تِمۍ ہِنٛدِس پٕرتھ أکِس شبدس پێٹھ چھےٚ اَمی لیہِ ہنٛز موہَر چسپان۔ یہِ چھُ اکھ فطری احساس یا تجربہٕ یُس تِہنٛدِ گیٚانہٕ، مُشأہدٕ وَے کھوٗری تہٕ شعوری تہٕ غأرشعوری اَنٛزُک تہٕ سوچ سمجھک نتیجہ چھُ۔ اِنسان دوستی چھےٚ شیخ العالمس نزدیک اکھ مِشن یُمہٕ باپتھ سُہ زُوان روٗد تہٕ یہِ مِشن بامل أنِتھے سَپُد سُہ رحمتِ حق:

"نُنٛدہ زوٗ وِت گو بای سُرگ" (بابا نصرالدین)

"زوٗ وِتھ سورگ گژھُن، چھُ سُہ اکھ شأیرانہٕ اِظہار یُس یہِ صاف ہاوان تہٕ باوان چھُ زِ شیخ العالمؒ چھہِ پَنٕنہِ زِندگی ہُنٛد عظیم مقصد یا مِشن أنِتھے سورگس گوٚمُت۔"

شیخ نوٗرالدین أسۍ ریٖشۍ۔ ریوٚش چھُ مُلہٕ تلہٕ سنسکرت لفظ رِشی، یِمیُک مطلب اکھ سُہ گونماتھ یا شاعر چھُ یِمس وَے کھوٗری کھُلے ہژ آسہِ۔ یُس گیٚأنی آسہِ۔ یَس اصل پزرُک باس آسہِ تہٕ یَس نوٗزُک سِیرن پێٹھ نظر آسہِ۔ برصغیرٕکین مختلف حِصن مَنٛز چھہِ پَتھ کالہِ پێٹھ ریٖشۍ پٕرتھان تہٕ پھانٛپھلان روٗدی متۍ۔ مثلن والمیکی اوس بوٚڈ بار ریوٚش۔ یِمۍ رامایَن لیوٗکھ، کشپ چھُ

ریوٚش اوسمت۔ تیٚمی مشہوٗر روایژ و موجوٗب ستی سر پأزِتھ یہِ نُنٛدِ بأنٛی کٔشیرِ آباد کَرِنٛچ سبیل کَر۔ پَتھ کالس منٛز یُس اَدب برصغیرس منٛز پأدٕ سَپُد اتھ منٛز چھےٚ جایہِ جایہِ ریٚشن ہنٛز وَن وَ کھنے سپدیمژ۔ یٚیمہِ کِنی یہِ ظأہر سَپدان چھُ زِ یِم ریٚشی کِژاہ اہمیتھ آسی پَتھ کالہِ کِس سماجس تہٕ نِظامَس منٛز تھاوان۔ ریٚشی آسی مختلف پایَن تہٕ درجن ہنٛدی۔ یِم آسی لوکٹو موکٹو گورو یا ووستاوو پیٹھ بہلہِ پایہِ کِہن فلسفی یَن شاعرن تہٕ روٗحأنی بُزرگن تام پھأنتھ۔ پتھ کالہِ کِس تعلیمی نظامَس منٛز آسی ریٚشی ووستاد آسان یِم ژاٹن مختلف کتھن تہٕ علمِن ہُنٛد گیان تہٕ باس آسی دِوان۔ یِم ریٚشی آسی اکثر بستیو نِشہِ دوٗر جنگلن اندر گوپھَن تہٕ غارن، منٛدرن تہٕ عبادت گاہَن منٛز روزان تہٕ تِمہِ بے جورِ کامہِ بامل انان یِمہِ تعلیمی، روٗحأنی تہٕ سمأجی ضروٗرتو موٗجوٗب سبٹھاہ اہم آسہِ۔ یِمہِ گوپھ آسہِ نہٕ وُجارٕ تہٕ سنسان جایَن آسان ئلی کہِ تِمن صاف تہٕ پاک جایَن ییٚتہِ کِتی ریٚشی (گور یا ووستاد) تہٕ ژاٹھ روزان آسی تہٕ علم فلسفہِ تہٕ روٗحأنیتُک مطالعہِ کران آسی۔ برصغیرکِہن مختلف حِصن ہنٛدی پأٹھی چھُ ریٚشن ہُنٛد سلسلہِ پَتہٕ وَتہٕ کٔشیرِ منٛز موٗجوٗد اوسمت۔ ووٚنی گو وقتس ستی ستی گیہِ یِہنٛز عملہِ، فِکرِ تہٕ طور طریقن منٛز مُقأمی اثرات پیوان۔ شیخ العالمس برٛونٛہہ یِم ریٚشی کٔشیرِ منٛز گذریمٕتی چھِ، تِمن پیٹھ چھُ شیوی فلسفُک بارٕ اثر روٗدمُت۔ کٔشیرِ منٛز اِسلام بارسس یِنَس ستی ستی تہٕ خاص کر شیخ العالمہِ سنٛدِ زمانہٕ پیٹھٕ چھِ ریٚشی تحریک اکھ نوٚ لرِ پھِرُن دِوان تہٕ یہِ چھُ اَکِس زوردار تحریکہِ ہنٛزِ شکلہِ منٛز کاڈ کڈان تہٕ سگ لبان۔ شیخ العالم چھِ ریٚشی فلسفس اکھ نوٚو مانے آہنگ تہٕ ترو تازگی بخشان۔ تِکیازِ یِم ریٚش اتھ

زمانس منٛز موجوٗد اُسۍ تہنٛز حالت افسوٗس ناک۔ تم اُسۍ بحثیتہٕ مجموٗعی زوالس منٛز ہیٚنہٕ آمٕتۍ۔ عام اِنسانٛی کمزوریو اوس تمن نال وٗلمُت۔ شیخ العالم چھہِ یِمنے گُن ونان۔

ریٛشۍ ہے ریٛشت پالہِ ہَن — گوپھَن ژالہِ ہَن آشہِ ستۍ
ریٛشۍ چھِنہٕ ریٛشت پالن — پان چھِ گالن رِشہِ ستۍ

ریٛشۍ تحریک چھےٚ اَمہِ زمانٕچ اکھ اہم سماجی تہٕ روٗحانٛی تحریک یِمہِ وقتہٕ کیوٚ مختلف حالاتو تہٕ واقاتو کٔنۍ شیخ العالمہٕ سٕندۍ ڈٔسۍ نوٚو وبستار لوٚب۔

اول ریٛشۍ احمد ریٛشۍ — دوٗیِم حضرتِ اویسی آو
تریِم ریٛشۍ زنکار ریٛشۍ — ژوٗرِیم حضرتِ پلاس آو
پوٗنژِیم ریٛشۍ رُمہِ ریٛشۍ — شیٛیِم حضرتِ میران آو
سٔتِمس کوٚرہم ہش نادشی — بہٕ گُس ریٛشۍ مےٚ کیاہ ناو

تم چھِ ٹاکارٕ پٲٹھۍ اولین ریوٚش پٲغمبر اسلام حضرتِ محمد صلی اللہ علیہ وسلمس مانان تہٕ یتھہِ پٲٹھۍ چھِ تم ریٛشۍ تحریکہِ منٛز نہٕ صرف بارٕ وُسعت پٲدٕ کران بلکہِ اتھ منٛز اِسلأمی فلسفک نوٚر شأمِل کرِتھ اکھ نوٚو روٗح تہٕ رَنٛگ پھاپھلان۔

شیخ العالمہٕ سٕنٛز اِنسان دوستی یا شخصیُہ ہٕنٛدٕن مختلف انہارن سام ہیٚنہٕ وِزِ چھُ تہنٛدِ زمانٕک سِیأسی، اقتصأدی تہٕ روٗحانٛی ماحول سمجھُن سپٚدٕھاہ لأزِم۔ یہِ زانُن چھُ سپٚدٕھاہ ضروٗری زِ شیخ العالمہٕ سُند ذہن کتھہِ پٲٹھۍ گوٚو پھولان، پھاپھلان تہٕ مختلف اثرات قبوٗل کران۔ شیخ العالمہٕ سُند دور چھُ اکِہ خیالہٕ موٗجوٗب ۷۵۷ھ پیٹھہٕ ۸۲۰ ہجری یَس تام روٗدمُت۔ تہٕ دوٗیِمہِ خیالہٕ موٗجوٗب ۷۷۹ ہجری پیٹھہٕ

۸۴۲ ہجری یَس تام[1] مگر یہِ کتھ چھےٚ پزتھ حالتس مَنز نٚۆ تہٕ ٹاکارٕ زِ شیخ العالمہٕ سٕنٛز سرگرم زِندگی ہُنٛد زمانہٕ چھُ سُہ وَخ ییٚلہِ کٔشیرِ پیٚٹھ سُلطان سکندر[2] (۷۹۶ ہجری - ۸۲۰ ہجری) تہٕ سُلطان علی شاہ (۸۲۰ ھ - ۸۲۷ ھ) سٕنٛز حکوٗمت اُس۔ یہِ چھُ عیسوی سَنو موٗجوٗب ۱۳۸۹ء پیٹھ ۱۴۲۰ء یٚک زٕ ن واتان۔ کُل بِل چھُ یہِ ۳۱ ہَن وٕری یَن ہُنٛد زمانہٕ۔ ییٚمہِ چھِ تِم وٕری، یِمَن مَنز شیخ نوٗرالدین سُنٛد ناو عرشہِ کُنن تھزرَن پیٹھ واتان چھُ تہٕ تِم چھِ فرشہٕ کُنن وسیع حلقن تہٕ طبقن ہِندی دِل رَنٛگ، نسل دٕہن تہٕ فِرقہٕ کہِ امتیازٕ ورأے وولسنس انان۔ یِمَن ۳۱ ہَن وٕری یَن بزوٕنٛتھم زمانہٕ پزٕ اِبتدأیی زِندگی یعنے بالہٕ پانٛک تہٕ نوجوأنی ہُنٛد وَخ مانٕن تہٕ اَمہِ پتٕیم زمانہٕ آخری زِندگی ہُنٛد دور ییٚتھ مَنز تِہنٛد دیٗت واضح اوس تہٕ تِہنٛز عظمت گہہ وُنہِ ہِری یِکی پأٹھی مُسلمہٕ اُس تہٕ لُکن ہِندی وسیع ہجوٗم اُسی پٔنٕز دِل تِمن نِش وأتتھ برابر گاشراوان۔

شاہ میری خاندانُک سوٗرے دور (۱۳۳۹ء پیٹھ ۱۵۵۵ء یا ۷۴۳ ھ پیٹھ ۹۶۲ ھ) چھُ کٔشیرِ مَنز اسلأمی تبلیغُک اَہم دور روٗدمُت۔ کأشری گیہِ اسلأمی فلسفہٕ تہٕ تمدنہٕ سٟتؠ برابر مُنور سَپدان تہٕ اسلام بحیثیت دین پانہٕ ناوان۔ یِزھن سرگرمین لوٗگ خاص طور تِمہِ وقتہٕ پیٹھ زیادٕ ہُرر ییٚلہِ حضرتِ امیر کبیر سید میر علی ہمدانیؒ پننین ستَن ہتَن رفیقین سٟتؠ ۷۸۱ ہجری یَس مَنز سلطان قطب الدین

[1] از یمہٕ زیادٕ پرانہِ کتابہٕ آسہٕ نِشہٕ موجود تہٕ محفوظ چھےٚ تِمو تلہٕ چھُ دوییُم خیال صحی باسان۔ اتھ سِلسِلس مَنز چھُ سید علی ماگرے تہٕ بابا نصیب الدین غازی ہِندی خیال قأبلِ ذِکر۔ بابا نصیر الدینن یُس شار پیٚہنٛدِس رحمتِ حق سَپدنس پیٹھ ووٗنمت چھُ سُہ چھُ توجہس لایق۔ [2] سُلطان سِکندر چھُ ۱۴۱۳ء یَس اَندر گوران تہٕ علی شاہ سُنٛد راج چھُ ۱۴۱۳ء پیٹھ ۱۴۲۰ء یَس تام روزان۔

ہِندِس زمانس (۷۸۰ ھ - ۷۹۶ ھ یا ۱۳۷۳ء - ۱۳۸۹ء) منز دویمہ پھِرِ کشیر آیہ۔ حضرتِ شاہِ ہمدان رُوٗدُ کشیرِ منز ڈاین ؤری ین تہٕ پتہٕ گیہ تبت چھ وتہٕ کاشغر تہٕ چین کُن پننِس مِشنس پتھ روانہٕ۔ ۷۸۵ ھ یَس منز آیہ یم تریٚیہ پھِرِ کشیر تہٕ سبٹھاہ موٗختصر وقتس روزنہٕ پتہٕ سپدِ واپس روانہٕ۔ ۷۸۶ ہجری یَس منز سپدی یم رحمتِ حق۔ گوڈنچہ لٹہِ آیہ یم سُلطان شہاب الدین ہِندِس عہدس منز کشیرِ۔ الغرض شیخ العالمن لوٚب تتھ زمانس منز زنم ییلہِ کشیرِ منز تبلیغی سرگرمی زورٕ شورٕ سان جاری آسہ۔ اسلامی تبلیغن بخُش دوٚیمین مذہبن ستی وابستہٕ لُکن تہٕ پننِ خیال تہٕ آدرش شعوری تہٕ غاُرشعوری طور عام گرٕنچ حرارت۔ یہِ اُس اَکھ لاُزمی کتھاہ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ مختلف فلسفن ہِندِ پرٕچارٕ ستی پھاپھلیو و اَکھ خاص روحانی ماحول۔ یَتھ منز تضاد تہٕ اوس تہٕ پرٕانہٕ تہٕ فرسوٗدٕ قدرٕ (Values) آسہٕ دَم تہٕ ہاران۔ شیخ نوٗر الدین ہوس اَکس بے حد حِساس تہٕ ذہین شخصہٕ سُند دِل تہٕ دِماغ روحانیتس اخلاقیاتس، دین تہٕ دَرمس تہٕ اِنسانی رِشتن ہِندِس تھزرس تہٕ اصلیتس کُن گرٕھُن اُس اَکھ قدرتی کتھا۔ مختلف مذہبن تہٕ فلسفن ہُند تبلیغ (یُس اَتھ زمانس منز جاری اوس) اوس تہُندِ خاطرٕ بذاتِ خود تعلیمہٕ ہُند اَکھ بوٚڈ ذریعہٕ۔ یہِ چھےٚ شیخ العالمہٕ سنز جینیس (Genius) یمہٕ ستی تمی مختلف فلسفن ہِندِ سوٗدرٕ منزٕ اصل سوٗختہٕ ژھوٚنڈ تہٕ نَہ صرف پنُن پان نِچھ نوو، بلکہ پننِس ساری سے ماحولس بوٗژن اَکھ نوٚو رنگ۔

شیخ العالمس اُس نہٕ گرٕچ حالتھ جان کینٛہہ تہِ۔ تہُند مول شیخ سالار الدین اوس لُکن ہِندی تیرٕ تہٕ گپُن رَچھان تہٕ گذارٕ کران۔ بآے زِ شُشش تہٕ

گوٗنڈر (یِم شیخ العالمہ سٕنٛز ماجہِ گوڈٕنٕس کھانٛدارٕ سٕنٛدی اولاد اَسی) اَسی گاٗمی گاٗمَس رأٹ پہرن روزٕنۍ دِتھ نفرٔ پالان۔ اَکھ روایت چھےٚ یِتہٕ زِ تمہ اَسی باضأبطہٕ راتھ کیٚتھ ژوٗر کرنہٕ نیران تہٕ تِہنٛزٕ معأشی حالت اَس سٮ۪ٹھاہ خراب۔ مأجی سٕنٛدِ رحمتِ حق سَپدنہٕ پَتہٕ سپدیہِ گرِچ حالت زیادٕے خراب۔ اَمہِ وقتہٕ چھِ شیخ العالم ١٣ وٕہری اَسی ٕتی ییلہِ تِہنٛدی بابہٕ صأب گذریہِ۔ غرض یِم سأری اثرات سپدی تِہنٛدِس ذہنَس پیٹھ پَنٕنۍ پأٹھی کارگر۔

تبلیغی کامہِ چھےٚ دون طریقن منٛز بأمل یوان۔ اَکھ گُیہِ رٔتین دین دارَن تہٕ مذہب دارَن ہٕنٛز وَتھ۔ بیاکھ گُیہِ موقعہٕ پرست سِیاست دانَن ہٕنٛز وَتھ۔ اَکھ گُیہِ مولہِ وٕنِن بُزرگن تہٕ گاٹہٕ لٮ۪بن عألمن ہٕنٛز وَتھ۔ بیاکھ گُیہِ ظاہر پرستن تہٕ پست درجہٕ کٮ۪ن اِنسانَن ہٕنٛز وَتھ۔ اَکھ گُیہِ لولہٕ سان بحث کٕرتھ کتھ فِکرِ تأرِتھ دِل زیٚنٕنۍ وَتھ بیاکھ گُیہِ زور زبردستی تہٕ ظُلمہٕ جبرٕچ وَتھ۔ سُلطان سِکندر سٕنٛدِس زمانَس منٛز ییٚتہٕ تبلیغی سرگرمیو زیادٕ پوچھر لوٚب تہٕ ژاو اَتھ منٛز جبرٕ ظُلم تہٕ زیادٕ تین ہُنٛد عنصر تہٕ شأمِل۔ اتھ رٔوشہِ لوٗگ کیٚژن موقعہٕ پرست سیاست دانن تہٕ پست درجہٕ کٮ۪ن اِنسانن ہٕنٛدِ ذٕی ووتھ بوٚو۔ سُلطان سِکندر اوس پَنٕنۍ حکوٗمت اِسلامی ضأبطن تہٕ قونوٗنن پیٹھ پکناوٕنۍ یژھان اَمی سٕنٛدِ زمانَس منٛز آیہِ حضرت امیر کبیر سید میر علی ہمدانیؒ سٕنٛدی فرزند میر محمد ہمدانیؒ پَنٕنۍ ژور ہَتھ رفیق ہٮ۪تھ کشیرِ تہٕ ییٚتھ پأٹھی لوٚب اِسلأمی تبلیغن اَکھ نوٚو چاو تہٕ بادشاہِ وقت گوٚو کشیرِ منٛز اکہِ نوِ طریقٕچ حکومت قأیم کرنک سٕنٛز کران۔ اَماپوٚز اَتھ رٕتِس پرادس تہٕ جذبس ہیٚوکنہٕ سُہ جان پأٹھی عملی جامہٕ پأرأوِتھ۔ وجہ چھُ یہِ زِ تٔمی

ترٲو یہہ بھٹ المعروف سیف دینس رَزیلہٕ یُس انتظامٕک آلک تہٕ مأ لِک اوس۔ بادشاہ ہیو کنہٕ تَم ہٕنزن من مأنی کاروأیین پیٹھ روک لگأوتِھ۔ بقولِ مُحب الحسن:

"Sikander was the first sultan of Kashmikr to enforce the Sharia with great strictness in the country.... and in order to see that the Islamic Law was properly enforced re-established the office of Sheikh-ul-Islam. These measures were adopted by Sikander under the influence of Syed Mohammad Hamdani... however the chief person who prevailed upon Sikander to adopt and intolerant attitude towards the non muslims was Saif-ud-Din who was in the respect his evil. The Sultan at first resisted him but in the end gave in and allowed himself to be used as an instrument of his ministers religious fanaticism. Saif-ud-Din with the zeal of a new convert called upon Brahmins to embrace Islam. As a result some became Muslims. Those who refused had to pay Jizya. Others who would not or could not, took refuge in India." (Kashmir Under Sultans, page: 64-65)

بیٚین کینٛژون مورخن ہندی بیان چھِ زیادٕ ے پٔہن پرٛنس لایق۔ سمأجی ماحولس منٛز یُس تضاد تہٕ ٹکراو موجوٗد اوس سُہ چھُ ظأہر۔ یُزِ مُسلمانو تہٕ صحی فلسفیو تہٕ دین دارو چھےٚ ہمیشہٕ جبرٕچ وَتھ ناپَسند کرٕمٕژ تہٕ صحی اِنسأنی رِشتن تہٕ مذہبی آدرشن پیٹھ زور دیتُمت۔ شیخ العالم چھِ امی کاروأیکی علمبردار تہٕ علمدار۔ ریشی تحریک چھےٚ اُتھی پوٚت منظرس منٛز تہنٛز رہنُمأیی منٛز اَکس نوٚوس رنٛگس منٛز بارسس یوان۔ بحیثیت اِنسان دوست، فلسفی، اصلاح کار، گونہٕ ماتھ تہٕ روحأنی

بُزرگ، شیخ العالمہ سُنٛد رول زانٕنہٕ خاطرٕ چھُ اَتھی تحریکِ مختلف زاوِیو سٕنٛز تھ
سام ہینٛج ضروٗرتھ۔

سُلطان علی شاہ ہِندِس زمانَس آیہِ نہٕ کشیٖرِ ہِندِس سِیاسی اقتصادی تہٕ
سماجی ماحولس منٛز سلطان سکندر ہِندِ زمانہٕ نِشہٕ کانٛہہ فرق۔ بلکہ اَمِچ حالتھ گیہِ
وارے پتھ۔ سلطان علی شاہ (۱۴۱۳ء - ۱۴۲۰ء) اوس اکھ لیوٚژ تہٕ کمزور بادشاہ۔
سِیاسی ژووَیو تہٕ مُژکرِ یو کٔڈ ژھٹھ۔ بقولِ پی۔این۔کے باموٗزی:

"The renegade Brahman, Suha Batt retained his office until his death and the persecution of Hindus was not spent in intrigues and cross-intrigues among his ministers and being weak and fickle-minded he looked upon these helplessly."

شیخ العام چھِ اَتھی ماحولس منٛز اکھ عظیم گاشہٕ آگر بنان تم چھِ خدایہٕ
ہِندِ وحدژ ہِندی قایِل۔ ہِنہٕ یہٕ زِ تم چھِ اکھ نعرٕ بلند کران نہٕ بلکہ ذاتی تجرُبہٕ
کِس بِناہَس پیٹھ یہ کتھ دِلہٕ چوٗ گہرایو محسوٗس کران۔ تم چھِ وَژھِ وانٛجہٕ مختلف
سپر باوان۔

گُنزرے بوزکھ، گُنہٕ نو روزکھ اَی گُنزرن کوٗتاہ دبُت جلاد
عقل تہٕ فِکر تور کوٚت سوزکھ کٔمی مالِہ چیتھ ہیوٚک سُہ ڈری یاو
تہنٛز نظرِ منٛز چھُ پرٛتھ اکھ فرد برابر۔ تم چھِ رَنٛگ، ذاژ، مذہب تہٕ نسل چہ بُنیاد
پیٹھ فرق کرنَس خلاف۔ تم چھِ پرٛتھ اَکی سُنٛد رٕژر تہٕ بجر کانٛچھان

مُسلمانٔن کیاہ دِ ہیٔندبن کر بٔندن توشہٕ خدائے

تم چھِ ظاہردٲری، ہاوِ باوِ تہٕ ٹھٲبی رٕیتن تہٕ رواجن برعکس مذہب

کِس اصل روٗحس پیٹھ زور دِوان۔ تم چھِ ناہموار تہٕ بےٚ وٕطیرٕ ماحولس منٛز پنٕنہٕ
گیانٕہٕ تہٕ پرٛکاشہٕ ستۍ اکھ نوٚو رَنٛگ برٕن یژھان۔ تمَن چھِ تم آدرش عزیز یم
مختلف فلسفن منٛز مُشترک چھِ۔ تہٕنٛد کلامہٕ چھُ سوعطر یتھ مختلف فلسفہٕ ہُنٛد نچوٗڑ
وٕنتھ ہکو۔ یوٚہے چھُ وجہ ویدانت، شیوٕ ی تہٕ بودھ فلسفکۍ عالم چھِ امہٕ منٛزٕ یمن
فلسفن ہنٛز تارٕ کانٛجہٕ ژھارنچ کوٗشش کران۔ تہٕ اسلامی تہٕ صوفی فلسفس پیٹھ سٕنۍ
نظر تھاون وألۍ اَچھی وَن وٕ کھنے امہٕ منٛزٕ لبان۔ تہٕ اُتھی گوٗنس منٛز چھےٚ شیخ
العالمہٕ سنٛدِ کلامٕچ آفاقیت تہٕ ابدیت پوٗشید۔

شیخ العالمس یمو کأشریو بُزرگو فیضان بخش تمن منٛز چھےٚ لل دید اہم۔

لس پدمان پورچہٕ للے          تمہٕ گلے امرتہٕ چیوٚ
سو سأنۍ تہٕ اوتار لولے          تتھ مےٚ وَر دِتم دیوٚ

لل دید اُس شیوٕ ی۔ شیوٕ ی فلسفہٕ اوس شیخ العالمہٕ سنٛدِس زمانس منٛز تیوٗتے
ویوٗد یوٗت یہٕ للہٕ ہنٛدِس زمانَس منٛز اوس[1]۔ کأشُر شیوٕ ی فلسفہٕ چھُ کتیٚن فلسفن،
ویدانت، سانکھیہ، بودھ، نیل مت، ویشنومت تہٕ یوگُک پیوٚنٛد زانٛنہٕ یوان۔ اِسلامی
فلسفس تہٕ اَتھ فلسفن منٛز چھےٚ کیٛنٛہہ بنیأدی کتھٕ رَلان میلان مثلن۔
اللہ چھُ کُن۔ سُے چھُ گوڈٕ تہٕ سُے چھِ اَند۔ سُے چھُ سورُے کیٛنٛہہ۔
معبوٗد حقیقی یَس نہٕ چھےٚ کانٛہہ خاص شکل نہٕ کانٛہہ خاص فارم۔ سُہ چھُ لول فقط
لول، سُہ چھُ گاش فقط گاش۔ سُہ چھُ نِرگن۔ سُہ چھنہٕ کُنہٕ خاص موٗرتی منٛز

[1] لل ہُنٛد زانٛسہٕ ۱۳۳۵ء عام پأٹھۍ تسلیم کرنہٕ آمت۔ یوٚدوے شیخ العالمہٕ سُنٛد زانسہٕ ۷۷۹ ہجری یانے ۱۳۷۸ء مانو حیلہٕ چھےٚ لل دید تمہٕ وِزِ ۴۳ وٕرِش اسمو ییلہٕ شیخ العالمؒ تھنہٕ پیٚیہ۔

بُستھ۔ لل دید چھےٚ جایہِ جایہِ موٗرتی پوٗزایہِ خلاف پنٕنۍ زاٗولِ احساسات ژاٗنژھ ناوان تہٕ اسلاٗمی فلسفہٕ تہِ چھُ بُت پرستی یا موٗرتی پوٗزایہِ خلاف۔ صوٗفین ہُنٛد اناالحق (بہٕ چھُس پَزر) چھُ برابر تی معنے تھوان یہِ شیوی فلسفُک شِواہم (بہٕ چھُس شیوٕ) تھاوان چھُ۔ وَپان وجوٗد المخلوق عین وجوٗد الخالق، مطلب دُنی یٕہکی ساٗری چیز تہٕ تِمَن ہُنٛد۔ وجوٗد چھُ فقط اَکِس اللہ (ذاتِ حقیقی) ہِنٛدِ وجوٗدُک تر تہٕ نتیجہ۔ یہِ چھےٚ کاشُرِ شیوٕی فلسفٕچ تہِ تیژے اہم کتھ ییژاہ یہِ صوٗفی فلسفٕچ چھےٚ۔ شیخ العالمہٕ ہِنٛدِس کلاَمَس منٛز چھےٚ یِژھ کتھ جایہِ جایہِ ناپان۔ یِمَن منٛز مختلف فلسفَس اندر رٕشر چھُ۔

زر گُنہٕ ژٕ روٕپتہٕ دِتم چھُس بہٕ چونے ناو سرا نہٕ
بھگہِ کیلاش کھاٗرتھ تم چھُہم ژٕبتس ژٕ مہر بانہٕ

(زرگُن یعنے سہٕ معبوٗد حقیقی یُس گُنہِ خاص شکلہِ تہٕ صوٗرژ روٗس چھُ۔)

شیخ العالم اٗسی باعیال۔ تم اٗسی تمہِ وِزِ فقط شُراہ وُہرِ ییٚلہِ تِمَن نیتھر سَپُد۔ گُنوہ وہرِس اٗسی تمن زٕ شُری۔ اکھ نیچُو تہٕ اکھ کوٗر۔ مگر تم سنیہِ نہٕ گرٕ رِکس لوٗہ لنگرس زٕہنی۔ تِہنٛز نظرِ آسہِ "بٕڈِس گرس" تہٕ اَتھ سٕتی وابستہٕ طرفاتن کُن لگِتھ۔ تم اٗسی زاٗوِلبن مسلن سنیپتی۔ مثلن سہٕ "پوشہِ وُن پَزر" (خداے) یہِ کاینات زِندگی، اِنسان، عمل وغاٗرِ وغاٗرِ۔

اَندی پکھی ماحوٗلچ ناہموٲری تہٕ پڑاگندگی وُچھتھ اوس تِہنٛد احساس زیادٕے شِدَت لبان۔ اِنسانٕن ہٕنز ودٕتل بُجہٕ وُچھتھ لگی تم اَکِس مِثالی اِنسانَس مُتلِق سوچنہِ تہٕ اٗسی سوالن ہٕنز تِمَن رنگہِ رنگہِ کتھَن پیٹھ غور کرنٕچ تحریک یِمَن

مَنز زِندگی، موت، عشق، عمل، کِردار، سیرت، بصیرت، آگہی، ذِکر تہٕ فِکر تہٕ "اصل آگُر" (معبود حقیقی) اہم موضوٗع چھِ۔ تہٕ وُچھوہے تہٕ یِمہٕ چھِ تِم بُنیاٰدی عُنصر یِمن اَندی اَندی اِنساٰنی زِندگی یا اِنساٰنیت پیٚنٛز وونان چھےٚ تِم چھِ تِم زاٰوی جار ہِنہٕ راوان تہٕ گاشہِ راوان یِم ہمیشہِ تروتازٕ روزَن مثلن نیک تہٕ رٕژ عمل چھےٚ شیخ العالمہٕ سٕنٛز اہم تاٰلیم۔ تِہُنٛد مشوٗر تہٕ مقبوٗل مِصرٕ چھُ۔

یُس کرِ گونٛگُل سُے کرِ کرٛاو

گونٛگُل چھُ اکھ سُہ تیوٚہار اوسُمت ییٚلہِ وَنٛدٕ گٹہٕ کار خٔتم سَپدِتھ کاشکار زمین لاگنک دُبارٕ سٕنٛز کران اٗسی۔ زمینہٕ اکہِ وِنس ستی ستی اوس جشن مناونہٕ یِوان۔ شیخ العالمؒ چھُ وَنان یُسے کرِ سو دِلہِ تہٕ پَزِ مَنہٕ گونٛگُل یعنے بنجر تہٕ وُجارٕ زمین لاگہِ سُے کرِ کرٛاو۔ یعنے سُے سَپدِ اصل پھلُک تہٕ وومیدوار۔ یہٕ چھےٚ سو حقیقت یوسہٕ مختلف فلسفن ہُنٛد ہِنٛگ تہٕ رَنٛگ چھےٚ۔ مہاتما بدھ سٕنٛدِبن اَٹھن بُنیاٰدی اصوٗلن مَنٛز چھےٚ یہٕ اکھ بُنیاٰدی کتھ۔ قرآن شریف تہٕ چھُ اَمہِ کُے تلقین کران۔ اِنساٰنس سَپدِ تی حاصِل ییٚمہِ باپتھ سُہ پَزِ دِلہِ کوٗشِش یا ہَل بَل کرِ۔ عملہِ وراٰے کانٛہہ چیز ژھاٗرُن چھُ وہٕ نشہِ ٹنگ ژھاٗرُنس برابر۔ رٕژِ عملہِ ستی ستی چھِ شیخ العالم رٕتِس کِردارس پیٹھ زور دِوان۔ تِم چھِ وَنان۔

کام، کرٛوٗد، موہ، اَہنکار چھےٚ
دوزخٕ، نار چھےٚ دِوان برٛاے
کرٛیہٕ تہٕ کارَن وَنٛداوار چھےٚ

کام (شہوت)، کرٛودھ (غُصہ یا حرص)، موہ (لالچ)، اہنکار (جہل،

گُمنٹ، سرسان) چھِ دوزٕخی نارکی پأٹھی الاوِ تہٕ جلاوِ ٹلان۔ یِمےٚ چھِ تمام بُرٲیین ہُنٛد گوڈ۔ کرٛیہٕ (عمل) تہٕ رِتین کارَن چھُ مول۔ یِمےٚ چھِ تم اصل وِیارِ یِم پرٛتھ وِزِ وُسیلہٕ ہکن بُتھ تہٕ زِندگی ہکن رَتھ کھأرِتھ۔

شرٛانا گرٛزِ یتھنہٕ کاڈیشی
گیٛانا گرٛزِ گُپھُتھ پان
کرٛیا گرٛزِ یُتھ زاتھ مشی
مُشی نِشہٕ اَدِ پَنُن پان

وَنان چھِ تتھِ گرٛزِ شرٛان، یُتھنہٕ کانہہ وُچھی۔ 'وُچھی' مطلب چھُ بِلا گُنہِ ہاوِ باوِ یعنے ظأہر پرستی روٗس چھلُن پَنُن پان (من تہٕ جسم) تہٕ گرٛن صاف تہٕ پاک سہٕ ذاتِ پاک سوٗرن پارَے دِنہٕ تہٕ ڈول واپنہٕ ورأے کرٛیا یا عمل تھاو جأری مگر ''ذاتِ مُشرأوِتھ'' (یعنے کرٛیہ ہُنٛد یا عملہِ ہُنٛد کیاہ پھل نیرِتھ گُن مَہ تھاو نظر) تہٕ امہِ پتے ہیکِکھ ژٕ پَنہٕ وجوٗد یاہت وبود نِشہِ بے خبر سَپدِتھ تہٕ اصل حقیقتھ پرٛزٕناوِتھ۔

نَفس چھُ شیخ العالمہٕ سٕنٛدِ فلسفُک بیاکھ اہم پہلوٗ۔ تم چھِ نَفس مارُنس پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ نفس مارُن چھُنہٕ ہرگز حقیقژ نِشہِ فرار۔ (Escape) بلکہ ذأتی نظم وضبط ووتلاونُک اہم ذٔریعہ یُہ تام نہٕ اِنسان پأنی پانس گنٛڈ رٹہِ۔ پنہٕ ننہِ بے ربط تہٕ بدزیب خاہشن تہٕ امارَن پٮ۪ٹھ قوٗو لبہِ سہٕ ہیکہِ نہٕ تھزر بٕستھ۔ بےٚ گنٛڈ نفس چھُ تمام مُصیبتن تہٕ بدی ین ہُنٛد آگُر۔ یہِ چھُ مدمست ہوٗس یُس بے قووٗ سپدِتھ پرٛتھ کینٛہہ وُجارِ کران چھُ۔ شیخ العالم چھِ بِل واسطہ طور فرِد

ہنز زِندگی ہِزِو تہِ لاگِتھ سوزٕے ماحول رُت بناوُن یژھان۔ شیخ العالم چھِ زانان زِ یوٚ دوَے اِنسان کرٕیئے (عمل) تہِ کرِ۔ اماپوٚز نفس پیٹھ قوبوٗ کرنہٕ سٕہ چھُ تیٚلِہ سٕہ کدِل تہِ لُہران یُس تٕمی پننہٕ عملہٕ ہتی بنووُمت آسہِ۔ شیخ العالم چھِ ذأتی تجرُبن ہنزِ بنیاذ پیٹھ ییٚمہِ کتھِ ہنز تہِ باوتھ کران زِ نفس مارُن، یا نفس گنڈِ رٹُن چھنہٕ سہل کأم۔ کینٛہہ شُروکی وُچھو یم ذأتی تجرُبن ہنٛدی اٰنہٕ تہٕ عکس چھےٚ

نفس میٛون مَدِ ہوٗس تے اُمی ہُسی موٚنگنم کوتاہ بل
سأسَن مَنز چھےٚ اکھ نوس تے نتہٕ اُمی ہیٚتنم سأری تل



نفسے موٗرس تہٕ واے کھٔٹِتھ روٗدُم تہٕ گٔے
اَتھِ پیٛہ ہم تہٕ کیاے کرتل ژھنہٕ ہس ۂٹے



دِل چھےٚ گاڈ تہِ ہوکھِ مو تڑاوُن ذِکرِ ہُنٛد پوٗنٛ دِس لَسہِ یو توَے
لعل زان نفسے اَتھِ مو تڑاوُن صاحب پٔنٛنے لَبہِ ہَن اَوے

شیخ العالم چھِ موتَس مُتلِق تہِ سوچان۔ واریاہ چھِ سوچان زِ تِم چھِ نِراشاواأدی (Pessimist) مگر امہِ اَنمانہٕ سوچُن چھُ غلط، موت چھُ اِنسأنی زِندگی ہُنٛد اکھ لأزِم حِصہٕ۔ یُس زاو تَس چھُ مرُن۔ ییٚلہِ کانٛہہ وجوٗدس، زِندگی، دُنیأوی مایا زألس، اِنسأنی ویوٗہارس، خدایَس تہِ ہتھِ نِے زأوی لبن سوالن مُتلِق سوچہِ تَس چھُ زبنَس ہتی مَرنَس پیٹھ تہِ لأزِمی طور غور کرُن۔ موت کوتاہ تہِ

ٹیۆٹھ تہٕ کرٛؤٹھ اُسی تَن مگر یہِ چھُ اَکھ پَزر۔ شیخ العالم چھہِ اَکس فلسفی ہِنٛدی
پاٹھی اَتھ مُتلِق تہٕ سوچان تہٕ تم پَزر بدِ کڈان یمن ہتی اِنکار کرُن مُشکِل چھُ۔

کیٛاہ گۄری زِ مرنَس تہٕ مَرنٕہٕ دکانٕ        گو کمن کمن جانٕ چھانگرِ گرِتھ
پوٚنی زَن ژٔمتھ گَے نوبن بانٕ        گَے وۄنی زَن وانٕ پھالو دِتھ



یَس      اوٚر      یم      یۆ دوَسے      تَس      عالم      ودِ      تہٕ      لسے      مو
یُس      ڈاینٕ      گرٛزن      تل      ژسے      سُے      نبی      آسہِ      تہٕ      کھسے      مو

مطلب یَس یَم (موت) ییہِ۔ تَس یۆ دوَے سورُے دُنیاہ تہٕ اوٚش ہارِ
سُہ کتہٕ سپد زِنٛدٕ۔ یُس اڈے گز زمینہِ مَنٛز دفن کرنہٕ ییہِ۔ سُہ کوتاہ تہٕ گونہٕ وان
تہٕ اُسی تَن سُہ کتہٕ ہیکہِ واپس نیٖرِتھ۔

شیخ العالم چھُ ونان زِ موت چھُ زِنٛدگی ہُنٛد سُہ پَزر ییٚمہِ مَنٛزی پَڑتھ
اِنسانَس گڈرُن چھُ۔ لہٰذا پَزِ ہر ہمیشہِ یہِ حقیقتھ یاد تھاوٕنی زِ پَڑتھ اَکس چھُ
مَرُن۔ یۆ دوَے سُہ یہِ بۆڈ پَزر مَشراوِتھ لۄب، موہ، اہنکار تہٕ کرٛؤدہ یَس
سُدرَس مَنٛز گروتہٕ گروتھ گرِ سُہ چھُ پانَس دوکھ دِوان۔ بقولِ غالبؔ ؎

موت کا ایک دِن معین ہے
نیند کیوں رات بھر نہیں آتی

یہِ چھُ مَرنہٕ برٛونٛٹھے مرنک باس۔ یتھ کُن شیخ العالم چھہِ یتھہِ پاٹھی اِشارٕ کران
منَس کھے کاس، یتھ کاسہِ اُنَس تہٕ زُنس ہتی گرٛھی زان
تل تل کیٛاہ چھے شریکہٕ پانَس مَرنس برٛونٛٹھ مَرسُے چھے گیان

مرنہٕ برٛونٹھ مرُن چھُ حقیقت سورٕنی۔ حقیقی معرفت، حقیقی عرفان تہٕ اصل گیان چھُ یوٚہے۔ یَس ہمیشہٕ اَمیُک باس روزِ سُے ہیکہِ مدٕ ہوٚس نفس گنٛڈٕ رٔٹتھ، سُے ہیکہِ بٔدی تہٕ برٲیی نِشہِ دۄر روٗزِتھ۔ سُے ہیکہِ مردِ کامل (آدرشی اِنسان) ہِنٛدی پأٹھی زُوِتھ تہٕ أتھی مَنٛز ہیکہِ کانٛہہ تہٕ اِنسٲنی سماج مثٲلی سماج بَنِتھ۔

شیخ العالمس أسی ہتہٕ بٔدی ژاٹھ یم جایہِ جایہِ وأتی تہٕ تِمن خیالن زولُکھ زۄل یم سأنس علمدارس ٹاٹھی أسی۔ یِمن ژاٹن مَنٛز آسہٕ زنانہٕ تہٕ کورِ تہٕ شامِل۔ یم ژاٹھ أسی نہٕ محض دۄت یا پأغام رسان بلکہِ أسی پانہٕ یِمن گوٚنن تہٕ وصفن ہِنٛدی مُجسمہٕ۔ تم أسی پانہٕ ریشی۔ نتیجہ دراو یہِ زِ ''ریشت'' یا ریش تحریک گیہِ أکِس اہم سمٲجی تہٕ روٗحٲنی تحریکہِ ہِنٛزِ شکلہِ مَنٛز دوہ پتہٕ دوہہٕ وُسعت لبان۔ شیخ العالم بنأوی أمی چیزن اکھ لیجنڈ۔ اکھ رِوایت تہٕ اکھ علامت۔ تم چھِ اِنسان دوستی ہُنٛد سہٕ أنتہٕ روٗس تہٕ وانتہٕ ورأے سُدرٕ تیمی زمانَن ہِنٛدی زمانہٕ وۄلسنَس أنی تہٕ برابر وۄلسنَس اَنان روزَن۔ مشہوٗر صوٗفی بُزرگ بابا داوٗد خاکی چھِ ونان

شیخ نورالدین کہ بحر عرفانست
مظہر فیض وجوٗد رحمان است

(یہِ مُقالہٕ چھُ شیرازٕ ۱۵، خاص نمبر نُنٛدٕ ریوٚش، شُمارٕ ۲۰ ہَس مَنٛز چھپیوٚمُت۔)



# فرایڈ : نفسِیأتی تنقیدُک موٗلادار
## (اکھ سام)

نوِ سوچکی اَنہار ووتلاوَنس تہٕ جدید علمچ تہٕ فلسفچ براند کنہٕ شیرنَس منٛز چھُ ترٛبن عظیم اِنسانَن ہُنٛد دَخل وارِیاہ۔ یِم چھِ ڈاروِن، مارکس تہٕ فرائیڈ۔ بے شک یِمن ترٛیشوٗنی ہِنٛدبن خیالن، فلسفی زاۓ وی جارن تہٕ مولوٗ ماتن گرٕ کیٚنژٕو عالی مو تہٕ فلسفیو پننہِ پننہِ اَنمانہٕ گیٚنی۔ اختلافکی مختلف کوٗنٛج تہٕ نوٗی ترٛ کڈِکھ نٕی۔ اَماپوٚز یِہ اَستھ تہٕ یِمَن رایَن ترٛایَن یِمو ترٛیٚنیو شخصو زِیر دِژ۔ یِم حقائق یِموٗ نٕی کڈی یِہنٛز اہمیت چھِ وارِیاہ۔ ادب آرٹ تہٕ جدید دُنیاہچہِ بوزِ شوژِ پیٹھ ترٛوو یِمو سوٚن تہٕ دوٗررَس اثر۔ یِیمہِ نشہِ اَچھی پَتھ کُن تھاونہٕ محال چھِ۔

فرایڈ سٕنٛزِ زِندگی ہُنٛد وَق (۱۸۵٦ء پیٹھ ۱۹۳۹ء) چھُ کیٚنژن دوٗیمین زمانَن مُقابلہٕ اکھ اہم تخلیقی دور روٗدمُت۔ نوٗی سائینسی خیال چھِ مُسلسل بارَس یِوان روٗدیمٕتی، یِمو پرٛانہِ زمانچہِ رایہِ ترٛایہِ بدلاوِ تہٕ نوِ بوشوژِ ہِنٛدی

ترٕ پھاٚنپھلاٚوی۔ فرائیڈ اوس وُنہٕ ترٕہ وُہرے چارلس، ڈارِون سٕنٛز مشہوٗر کِتاب "آرِجن آف سپیسز"[1] یاٚنے مسلہ اِرتقاء۔ آیہ چھٲپتھ۔ ڈارِوَنن دیُت ہاٚوِتھ اِنسان چھُ بُنیاٚدی اکھ حیوان۔ سُہ چھُ اِرتقاء کہِ اکہِ زیٖٹھہِ سِلسِلُک حِصہٕ۔ اِیچ اکھ ترقی یافتہٕ شکل۔ ڈارِوٕنٛ نہٕ اَمہِ کِتابہِ اوٗن اِنساٚنی سوچَس اِنقلاب۔ فرائیڈس کھوٚت واٚنسہِ بیاٚکھ وُری۔ جرمنکی اَکھ مشہوٗر سائینس دان گستر فیچنرن تہٕ ووعلمِ نفسیاتس کُن۔ تٔمۍ دیُت ہاٚوِتھ زِ اِنساٚنی شوٗعوٗرس ہیکو سام ہیٚتھ۔ یتھے پاٚٹھۍ ترٕ اَو پاسچرن بیکٹریاہَن ستۍ وابستہٕ ساٚئینسچ بُنیاد۔ یتھ "بیکٹرِ یالوجی" وَنان چھِ۔ مینڈلن ترٕ اَو تَمہِ جدید ساٚئینسچ بُنیاد یتھ "جینٹِکس" وَنان چھِ۔ تہٕ ہولٹزن کٔر قوتس (انرجی) مُتلِق نۆوۍ اۆصوٗل تہٕ خیال ظاہر۔ یِمہٕ تہٕ روزٕ یتھے پاٚٹھۍ یِمہٕ کیٚنٛہہ نوٚ وُری یافتہٕ سپدان۔ اِنساٚنی سوچہِ چھِ نوٚ گزاٚیہِ روزٕ ووتھان، بڈان تہٕ بڑوٚنہہ پکان۔ یِمنے گزاٚیَن منٛز لوٚب فرائیڈن زٕنٛم تہٕ سُہ گو بوٚڈ سپدان تہٕ پننہِ زِندگی ہنٛدی کرٕوٕہ پوٚرٕ گران۔

سِگمنڈ فرائیڈ اوس مُلہِ تلہِ اکھ ڈاکٹر۔ تٔمۍ کٔر ۱۸۸۱ہٕ ہَس منٛز میڈیکل ڈِگری حاصِل۔ مگر سُہ اوس اَکِس ڈاکٹرٕ سٕنٛدِ کھوتہٕ اکھ سائینس دان۔ تلاش تہٕ ژھاٚر ہٕنٛز کل اُس تَس ذہنہٕ کُن تِہَن منٛز شٕنتھ۔ سُہ رۆد بیمارن پَننہٕ نۆوے طریقو یلاج کران۔ فرائیڈ چھُ تَمہِ جدید سائینسک موٗلادار (باٚنی) یتھ سائیکیٹری (Psychiatry) وَنان چھِ۔ سائیکیٹری چھِ دِماغی مرضن تہٕ اندرٕنین کمزوٗریَن یلاج کرنک سائینس۔ فرائیڈٕ سٕنٛز ذاتھ چھنہٕ اوٗتے تام پننہِ تخلیقی ہِکی

[1] "Origin of Species" یہٕ کِتاب آیہ گوڈنچہ لٹہِ ۱۸۵۹ہٕ ہَس منٛز مارکس منٛزٕ۔

ذٔہنۍ وُپھ تہٕ وُڈوَ ہاوان۔ فرائیڈ ہنز شخصیت چھےٚ وارِیاہ قدآور۔ سُہ چھُ اکھ تھوٚد تہٕ موتبر فلسفی۔ اکھ ذہین سائینس دان۔ اکھ تھوٚد ماہرِ نفسیات تہٕ سماجی نقاد۔ سُہ چھُ اَدبی تنقیدس منٛز تمن تنقیدی طور طریقن ہُنٛد امام یا موٗلادار (بانی) یتھ ''نفسیاتی تنقید'' وَنان چھےٚ۔ فرائیڈن ہیٚژ اِنسانی شعوٗرس، اِنسانی شخصیژ، اِنسانہٕ سِنٛدِ بن عادَتن، اطوارَن، امارن تہٕ خابن، أندرِ ٹھمن تہٕ ذہنی پیچیدگین کھوکھہٕ لاوِتھ سام۔ تمی کٔر مِثالو تہٕ دلیلو ستی وَکھرِ وَکھرِ چیزن ہنز وبژھنے۔ تمی دِیُت ہاوِتھ اِنسانی شوٗعوٗر تہٕ اِنسانی شخصیژ ہنز آیہٕ گژایہٕ ہکو کھ پرٕزناوِتھ تہٕ پرٕکھاوِتھ تہٕ میلِتھ تہٕ ژینِتھ۔ تہٕ یتھٕ پاٹھۍ ہیکہٕ وارِیاہ کینہہ اَثرن‌ٔس منٛز مدد میلِتھ۔

اِنسان چھُ ازلی بوٚچھ۔ یہٕ بوچھ چھےٚ وارِیاہَن قسمن ہنز۔ سُہ یہٕ کینٛژھا گران کراوان چھُ۔ پنٕنۍ ارمان تہٕ بُنیادی ضروٗرتہٕ پوٗرٕ گران چھُ۔ اتھ عملہٕ ستی چھےٚ ساری اِنسانی حرکت وابستہٕ۔ تہٕ خاص طور اِنسانی شخصیژ سُہ حِصہٕ یتھ ''ژٕبتھ'' یا ''شوٗعوٗر'' ناو رٔود۔ شوٗعوٗرس چھےٚ مُلہٕ تلہٕ زٕ بٔڈۍ حِصہٕ۔ ''کانشس مائنڈ'' یعنے شوٗعوٗر تہٕ ''اَن کانشس'' یعنے لاشعور۔ کأشرِ پاٹھۍ ہیکو یمَن یم کینہہ ناو تہٕ دِتھ۔ سوژٕبتھ یا شوٗعوٗر (کانشس مائنڈ) تہٕ ''اَژٕبتھ'' (لاشوٗعوٗر یا اَن کانشس) اِنسان یتھےٚ یتھ دُنیاہَس منٛز قدم تھاوان چھُ۔ مختلف ہبس تہٕ ہوش چھےٚ کامہٕ منٛز یِوان۔ تمی سنٛزٕ مختلف ضروٗرتہٕ تہٕ بوچھےٚ چھےٚ تَس مختلف دولابَن تہٕ عذابن منٛز ترٛاوان۔ تَس چھےٚ مختلف چیز سَنان تہٕ سُہ چھُ مختلف تجربن منٛز پیوان۔ یمَن سارِنے جذبن خاہشن تہٕ اِحساسن ہنٛزِ عملہٕ پٔتِ پُشت چھُ حرکژ ہُنٛد سُہ مرکز یتھ ژٕبتھ، مَن یا شوٗعوٗر ونان چھےٚ۔ ظأہر چھُ یم جذبہٕ، خاہشہٕ یا

امار بیتر چھنہٕ اَکی طرپٕقکو آسان۔ کینٛہہ چھہِ جان آسان، کینٛہہ ناکارٕ۔ کینٛہہ شۆبہِ دار، کینٛہہ بے حِساب وُچاپہٕ تہٕ ارمان چھہِ شۆعوٗرٕکس تتھ حِصس منٛز جمع روزان یتھ لاشعور یا اژبتھ وَنان چھہِ۔ ہوش دار مَن (سوژبتھ) یعنے شۆعوٗرُک چھُ یمن پتھ پہرٕ آسان۔ سُہ چھُنہٕ یمن نبر نیرنہٕ دِوان۔ خاب کیاہ چھُ؟ نبٛدرِ منٛز چھہِ اُمس پہرٕ دَرس تہٕ باضے نبٛدر پیوان تہٕ اِنسان چھُ خاب وُچھان۔ خابَس منٛز چھُ یِمے دبیمژ خاہشہِ مختلِف صوٗرژ پژاُوِتھ نبر نیران۔ دبیمژن خاہشن ہُنٛد اندر روزُن تہٕ چھُنہٕ مُلے جان۔ اِنسان چھُ پھٹان۔ سُہ چھُ مختلف اندرٕ ٹمن تہٕ ذہنی کمزورین منٛز ہینہٕ یوان۔ لہٰذا چھہِ یہنٛدِ نبرَ نیرنہٕ خاطرٕ کانٛہہ بہتر تہٕ شۆبہِ دار وَتھ ضروٗری۔ فرائیڈ چھُ اتھ شۆبہِ دار تہٕ بہتر وَتہٕ "سب لیمیشنگ" (Sublimation) یعنے "تھزارُک" (اِرتقاع) ناو دِوان۔ اَدب تہٕ فن تہٕ چھہٕ اَمی تھزارِچ اکھ صوٗرت۔ فرائیڈ چھُ اِنساُنی شۆعوٗرچہِ مختلف گژایہِ واش کڈِتھ وبژھناوِمژ۔ سُہ چھُ وَنان زِ اِنسانہٕ سنٛز ذہنی زِندگی چھہِ مُلہٕ تَلہٕ دۄن طاقتن ہنٛز مُسلسل عمل۔ یِم زٕ طاقت یا زور چھہِ خاہشن تہٕ اُمارن ہُنٛد زور (urging forces) تہٕ دۆیِم سُہ طاقت یُس یمن پتھ قوٗ گران چھُ۔! فرائیڈ چھُ اِنسانہٕ سنٛزٕ شخصیژ ترٛبن نظامن منٛز باگراوان۔ یِم ترٛیشہِ پاٹھی:

## شخصیت

اِڈ (Id) اِگو (Ego) سُپر اِگو (Super Ego)

اِڈ چھُ مُلہٕ تَلہٕ تی یتھ اَژبتھ یا لاشعور وَنٛو۔ اِگو تہٕ سُپر اِگو چھہِ شۆعوٗرکہِ تمن حِصن یا نظامن ہنٛز ترجمانی گران یتھ سوژبتھ (کانشس مائنڈ)

وَنو۔ اِڈ چھُ نفسیأتی قُوتن ہُنٛد مؤلہٕ تلُک آگُر۔ اَمیُک تولُق چھُ اِنسانہٕ ہٕنٛدِس جِسمس تہٕ پانس ستۍ زیادٕ تہٕ بیرٕونی دُنیاہَس ستۍ کم۔ یہِ چھُ فِطرتن وحشی۔ یہِ چھُنہٕ اخلاقُک تہٕ گاٹہٕ جارٕکین اوٗصوٗلن ہُنٛد پابنٛد۔ یہِ چھُ اِنسأنی شخصیتُک گوٚٹ سبٹھِیے پوٚشید حِصہٕ۔ تہٕ یہِ کینٛژھا اَتھ مُتلِق وُنیُک تام زانہٕ آمُت چھُ تہٕ چھُ اِنسأنی خابَن اِنسأنی أندرٕ ٹھبن، اعصأبی کمزوٗرین سام ہینہٕ ستۍ بامِل آمُت۔ اِڈٕچ عمل چھُ تمہِ وقتہٕ ٹاکارٕ پأٹھۍ تُنٛ سَپدان۔ ییٚلہِ اِنسان تیٚتھ کینٛژِ ھا فعل کرِ، یَتھ نفسیأتی ہیجان وَنو۔ مثلن اکھ اِنسان چھُ زِناہ کران یا أکِس ذلیل تہٕ بداخلاق کارَس منٛز گرفتار سَپدان۔ یہِ چھِ اِڈٕچ عمل۔ تِتھے پأٹھۍ دُہلی خابَن منٛز پٔژن پان آوٕراوُن تہٕ راوٕ راوُن۔ ہوأیی قِلعہٕ بناوُنس منٛز پٔژن واریاہ وَق صرف کرُن۔ یتہٕ چھُ اَمہِ پٔچ عمل۔ اڈِ چھُنہٕ سوچان۔ یہِ چھُنہٕ جان۔ یہِ چھُ صِرف خأہش کران تہٕ خأہش پوٗرٕ کرنٕچ شَیل کران۔ اڈٕچ کأم چھِ اِنسان تمہِ بارٕ اِضطرابہٕ یاکشیدگی (Tension) تلہٕ لوٚتہٕ راوُن یُس دبیمٕو خأہشو تہٕ امارَوتَس کُنہِ روٗ دمُت چھُ۔ یہِ ذہنی کشیدگی چھَ اکھ فرد بےتسلأیی، دَگہِ یا تکلیف کِس صوٗرتس منٛز موسوٗس کران۔ اَمہِ نِش ییٚلہِ سُہ لوتان ہیٚوٗ چھُ سُہ تڑٕپھت (Satisfy) سپدان۔ تہٕ مسرت پڑاوان۔ مثلن ییٚتین نَمو أسی أکِس زاشُری ہِنٛز مِثال ییٚلہِ أمِس بوچھِ لگان چھَ، سُہ چھُ ودان۔ کڑبکہٕ دِوان۔ یہِ چھُ تمِیٚ ہِنٛزٕ کشیدگی ہُنٛد اِظہار۔ ییٚلہِ تَس ماجہِ دود دِوان چھِ سُہ چھُ تڑٕپھت سَپدان۔ اِڈس ستۍ چھِ اکھ خاص عمل تہٕ وابستہٕ یَتھ فرائیڈ "بُنیأدی عمل" ونان چھُ۔ یہِ عمل تہٕ چھَ کشیدگی ہِنٛدِس حالتس منٛز أکِس فردَس تسکین دِوان۔ مگر یہِ تسکین

چھنہٕ پائیدار آسان۔ یہ چھُ فرضی تہٕ عارضی آسان۔ تہٕ زَن گو اُسی نمو بیٚیہ زا شُرِ ہنٛز مِثال۔ اکھ زاشُر چھُ ہوشس پٮ۪وان کھینہٕ چینہ چہ عملہٕ دوران وارِ وارِ مختلِف چیزن ہُنٛد مزٕ، یِہنٛد رَنٛگ، یِہنٛز بوے تہٕ یِہنٛز شکل یاد تھاوان۔ یم سأری تاثُرات چھِ یاداشتہٕ کس صوٗرتس منٛز تٔمی سنٛدِس ژبتہٕ وأترِس منٛز جمع روزان۔ یَیلہِ تس بوچھ لگان چھَ سُہ چھُ بوچھِ دوٗر کرنچہِ کوٗشِشہِ منٛز کھینہٕ چینہ کیٚمن چیزن ہنٛز یاد پاوان۔ یمَن ہنٛز بوے مُشک، رَنٛگ، مزٕ یاد پاوان۔ اَمہِ ستیٚ چھُ تَس رَژِ کھنٛڈ، تسکین میلان۔ فرائیڈ چھُ اُتھی عملہٕ "بُنیٛأدی عمل" ونان۔ یوسہِ اِڈس ستیٚ وابستہٕ چھِ۔ اکھ بوچھِ ہوٚت مُسأفِر چھُ خابَس منٛز وازِ وانےٚ وازِ وان وُچھان۔ اَکھ جنسی طور تیٚنوٚمُت اِنسان چھُ خابَس منٛز ترٛٹھ تصویر تہٕ تتھی منأظِر وُچھان، یِیمہِ ستیٚ تٔمی سنٛز ذہنی کشیدگی ہَمان چھَ۔ فرائیڈ سنٛزِ نظرِ منٛز چھُ خاب یعنے سوٚپُن، خأہشن ہُنٛد پوٗرِ سپَدُن یا خأہشہِ پوٗرِ کرنچ اکھ کوٗشِش۔ اُسی چھِ خابَس منٛز تی وُچھان تیٚچ اَسہِ کل گَنے مژ آسہِ۔ بے شک یہ سأرے عمل چھَ اکھ عارضی تہٕ فرضی تسکین بخشان۔ اکھ مستقل حل چھُ ضروٗری۔ یڈ رٕنزِ ناونہٕ خأطرِ چھَ بہرحال غذاہچ ضروٗرت۔ تژِیش ہوٚمہٕ راونہٕ باپتھ آبچ۔ تہٕ باقے بوچھ دوٗر کرنہٕ باپتھ معقوٗل سامانچ تہٕ اتھ منٛز چھِ شوٗعوٗرِ کی باقے زِ نِظام یمن فرائیڈ ایگو تہٕ سُپر ایگو ونان چھُ بکار یِوان۔ ایگو چھُ سُہ انگریزی لفظ یُس واریاہَن معنے یَن مطلبن منٛز استعمال چھُ سپدان۔ اتھ ہکو خودی وَنتھ۔ اَنا وَنتھ، یہ چھُ اہنکار یعنے غروٗرکس معنے مطلبس منٛز تہٕ استعمال سَپدان۔ اَتھ ہکو کأشُر پژِون لفظ ہتاتہٕ ناو دِتھ۔ مگر فرائیڈن یُس معنے اَتھ

لفظس دیتُمت چھُ سہ چھُ وارياه وسیع تہٕ کُشادٕ بۆزُرت تہٕ تہہ دار۔ بہرحال معقول کاشُر لفظ نہٕ آسنہٕ موٗجوٗب دِمو أسۍ اتھ ہِتا لفظے ناو۔ فرائیڈ سٕنٛزِ نظرِ منٛز چھُ ہِتا (اِیگو) اِنسأنی شخصیتُک سُہ مولہٕ وُن تہٕ اہم مرکز یُس ہوشہٕ حواسہٕ کِس عالمس منٛز چیزن سام ہوان چھُ۔ اتھ پیٹھ چھنہٕ اِڈچ عمل غألب۔ نہَ چھُ جوشس منٛز ہوش راوٕ راوان۔ ہِتایہٕ (اِیگو) سۍتۍ چھُ سو عمل وابستہٕ یَتھ فرائیڈ سٕنٛزِ زبأنۍ منٛز عملِ ثأنی وَنان چھِ۔ یہٕ چھُ سو عمل یوسہٕ بُنیأدی عملِ نِشہٕ بلکل بِدوٗن چھُ۔ اِنسان چھُ اتھ عملہٕ تحت تِم چیز حأصِل کران یِمن ہنٛز تس حقیقی طور ضروٗرت آسان چھِ۔ بُتایہٕ تحت تہٕ چھُ اِنسان دُہلی خابَن منٛز مُبتلا سَپدان۔ اماپوٚز اژبتھ یعنے اڈکِمِن خابَن تہٕ یِمن خابن چھِ وارياه فرق۔ ہِتا چھِنہٕ یِمن منٛز حقیقت زانان، یہٕ چھِ یِمن محض ذہن لوٚتہٕ راونک یا دوٚیمین لفظن منٛز تفرٕیحُک اَکھ ذٔریعہ زانان سُپر اِیگو چھُ شوٗعوٗرُک سُہ نظام یَس سبٹھیے ربطہٕ ضبطُک پابنٛد چھُ۔ یہٕ چھُ اوصوٗلن آدرشن تہٕ اخلاقُک قأیِل۔ یہٕ چھُ تہذیبی اِدارَن تہٕ قونوٗنی رایَن تراین ہُنٛد دِلداہ۔ سُپر گو بہتر لہذا ہیکو أسۍ اتھ کأشرِ پأٹھی بہتر ہِتا ناو دِتھ۔ بہتر ہِتا چہٕ بُنیأدی طور تِمن جذبن تہٕ خاہشن پیٹھ نظر تھاوان یِم اخلاقس تہٕ قونوٗنس تہٕ سمأجی توازنس تہٕ اَمہٕ چہٕ ہموأری پیٹھ حرف اَنن۔ الغرض ذہنی طور اکھ صحتمند اِنسان وَنو تِمس یِمس شوٗعورِ کِمِن یِمن ترٛین نظامن منٛز ہشر ہموأری تہٕ ربطہٕ ضبطہٕ آسہٕ۔ یِم اکھ أکِس سۍتۍ رٔلِتھ مِلِتھ کأم کرن۔ یوٚدوٚے یہٕ سپد نہٕ۔ اِنسانہٕ سٕنٛز کارکردگی منٛز چھُ سیویر یِوان۔ سُہ چھُنہٕ وِہان (Adjust) سُہ چھُ دوٚیمین پیٹھ نالان سَپدان۔ پننِس پأنس پیٹھ نالان سَپدان۔ نتیجہ چھُ یہٕ نیران

سُہ چھُ پڑتھ جایہِ لوٗزر لبان تہٕ تٔمۍ سٟتۍ قووت چھہِ ناکارٕ پٲٹھۍ ضایہِ سَپدان۔ قاتلِن تہٕ بدکار کرٕنٛین اِنسانَن پیٹھ چھَ اَڑبتھِچ (اِڈ چ) حُکمرٲنی غالِب آسان۔ پِتایہِ تہٕ بہتر پِتایہِ ہٕنٛز چلنۍ چھَ سبٹھاہ کم آسان۔ پِتایہِ تہٕ بہتر پِتایہِ ہُنٛد بہتر وۄجوٗد چھُ مُلہِ تلہِ اَڑبتھے (اِڈ) پیٹھ ڈٟرتھ۔ کیازِ اَڑبتھے چھِہ جلد بٲزی مَنٛز دُچاپہِ تہٕ عجیب خاہشن زیرٕ دِوان، یمن پیٹھ کنٹرول کرُن ضروٗری چھُ۔ دوٚیمین لفظن مَنٛز پِتا تہٕ بہتر پِتا چھِہ اِڈ چہِ زٕ بڑ یکہِ ہشہِ۔

یوٚ تام اَدب تہٕ آرٹُک سوال چھُ یتھ سٟتۍ کرِ نہٕ کُنہیں اِنکار زِ اَدب تہٕ فن چھُ مُلہِ تلہِ اِنسانی شخصیتُک اِظہار۔ پانےٚ چھِہ یہِ کتھ ثٔنۍ زِ یم ترٛیہِ نِظام شخصیژ سٟتۍ وابستہٕ چھِہ (یمن ہٕنٛز وبرٕھنۍ فرائیڈن اِڈ، ایگو تہٕ سُپر ایگو تحت کٔرمٕژ چھَ) یہنٛز سام ہینہٕ روٗس ہیکو نہٕ شاعرن اُدیبن تہٕ فن کارَن ہٕنٛز تخلیقی عمل بہتر پٲٹھۍ زٲنِتھ۔ اِنسان یہِ کینٛژھا کھوان چوان چھُ۔ اَمہِ سٟتۍ چھِہ تَس قوت (اَنرجی) فراہم سَپدان۔ تہٕ اِنسانی شخصیژ ہِنٛدِ بن یمن نظامن یوٚسہٕ قوت ہرتر بخشان چھُ۔ اَتھ ہیکو "نفسیاتی قوت" (Psychic energy) ناو دِتھ۔ یہِ قوت چھُ بُنیادی طور اکہِ خاص انداز چہِ کامہِ باپتھ اَنہِ نَس بکار لگان۔ مثلن سوچ یاداشت بیترِ۔ قوت (انرجی) اَدِ یتھ شکلہِ مَنٛز آسہِ تہٕ تتھ۔ یہِ ہیکون اکہِ کامہِ پیٹھ دوٚیمہِ کامہِ لگِتھ۔ تتھےٚ پٲٹھۍ ہیکوک اِنسانہٕ سٟتۍ دنیہژ خاہشہٕ تہٕ اندر روٗدمتۍ ارمان سوبٕرژ تہٕ سووَتہِ لاگتھ۔ یمَن ہیکو تھزر بخشِتھ۔ اَتھۍ چھُ فرائیڈ سب لِمیشن (ارتفاع) وَنان۔ کٲشری پٲٹھۍ وَنوس اَسۍ تھزار، فن، اَدب تہٕ دانشورانہٕ تہٕ کلچر لحاظٕ تھزن کامین پٔتھ پُشت چھُ "تھزارے" آسان۔ جبہٕ

خوتۆنہِ تہٕ أری نہ مالہِ ہِندی شار نی تو کھ۔ یہنز سام ہکو زیادٕ بہتر طور فرائیڈ ہِندٕ بن اۄ صوٗلن مدِ نظر تھاأوِتھ ہتھ۔ یارِ ہِنز کل چھِ یمن سۭتھ گمژ۔ تہٕ اتھ کلِ سۭتۍ وابستہٕ جذبات چھِ یمن مۄر تُلان۔ یۄہے ذہنی جنوٗن تہٕ مۄر چھہٕ شارَن ہِنز زو لبان۔ تہٕ یہِندِ دِلکی چھوکھ تہٕ آمہٕ تاو چھِ رژھ کھنڈ شیٚہجار لبان۔ لل دیدِ ہُند قنات (سنکۄت) چھُ بذاتِ خود توجہک مرکز بنان۔ تمُہ ہِندی تھی ہی واکھ۔

کھبنہٕ کھبنہٕ گران گُن نو واتکھ      نہَ کھبنہٕ گرِھکھ اَہنکأری

سوٗمے کھیٚنۍ مالہِ سوٗمے آسکھ      سوٗمے کھبنہٕ مُۄرنے برٕنین تأری

لل دیٚدِ ہِنز زِندگی چھہٕ ئژ پأٹھی تم سٕتمہٕ بوری حالات بڑوٗنہہ گُن اَنان یمو سو قناعت تہٕ سنکۄت ہنچھناوی۔ تمُہ ہِنزِ وأری وِچ زِندگی تہٕ اَمیُک اَثر چھُ لل دیدِ ہِنزِ شخصیتُس پیٹھ سوٗن تہٕ گۄن۔

فنی تہٕ اَدبی تنقیدس مَنز یمہٕ رایہِ تژایہِ بڑوٗنہہ گُن یِوان روزٕ فرائیڈ ہِندٕ بو خیالو بخش تمن نۄ وسعت۔ تمۍ کٔری ذہنکۍ تم گٔنٹۍ تہٕ وٚلی ئژ۔ تہٕ یہنز گرن وبڑھنۍ یہُند اِنسأنی حرکژ پیٹھ وارياہ اثر چھُ۔ فرائیڈ ہِندِ وَننہٕ مۄجوٗب چھُ اَدب تہٕ فن اِنسانہٕ ہِندٕ بن بُنیأدی جبلتن ہُند رقص گاہ۔ دبیمژ خأہشہٕ چھِ آرٹ تہٕ اَدبس پٔتن آلے کار بناوان تہٕ پننہٕ تسکینُک سامان بڑاوان۔ یمہٕ خأہشہٕ تہٕ امار چھنہٕ اَکی قسمکی نٕکی کِہ وارياہن قسمن ہِندی رَنگا رَنگ، شأیر تہٕ أدیب چھُ یمنے ہِنز باوتھ پننین تخلیقن مَنز کران گۄہے ئژ پأٹھی، گۄہے بڑِ تلی وچھو ہے اکھ پاگل تہٕ چھُ نیبرِ مِس دُنیاہَس وٚلی دِنتھ تژأوِتھ۔ پننین خیالن ہُند دُنیاہ آباد کران تہٕ أتھی مَنز مُست روزان۔ اکھ فنکار تہٕ چھُ یی کران۔ مگر فرق چھِ وارياہ۔ سُہ چھنہٕ

پاگل۔ سہ چھُ تھزارٕچ بہتر تہٕ مولہٕ وِنی وَتھ پرٛاوِتھ پننین ذہنی قوتَن معقوٗل پأٹھۍ استعمال کران۔ فرائیڈن چھُ ہاوِتھ دِیتھمُت زِ وِنسی (Vinci's) ناوِ کِس مشہوٗر مُصورہ سنٛز Madonnas میڈوناس) ناوِچ تصوٖیر کِتھہ پأٹھۍ چھِ تِمہٕ سٕندِ تھزارُک اِظہار۔ وِنسی اوس لوکچارے منٛز پننہٕ ماجہِ نِش ژھِننہٕ گومُت۔

یہِ چھُ صحی زِ فرائیڈ چھُ واریاہَن جایَن اِنتہا پَسند تہٕ بنان۔ مثلن تیٚہنٛدی کِنٛز چھِ انسأنی شخصیٚژ پیٚٹھ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ جِنسچ حُکمرأنی۔ تِمۍ چھِ جِنسی خأہشن، جِنسی وٕدلہٕرِ شَن تہٕ جِنسی محرکاتن الوٗند سأرٕے اِنسأنی شخصیت تھأوِمرٕ۔ تِمۍ سٕندی کِنٛز چھُ پرٛتھ فنی کارنامہِ گَنہٕ نَتہٕ گَنہٕ جِسنی دباو، جِنسی بوچھِ یا جِنسی خأہشہٕ پیٚٹھ ہرتِر لٔبِتھ پھاپھلان۔ بے شک جِنسی زِندگی جِنسی جذباتن یا خأہشن چھَ اِنسأنی زِندگی منٛز واریاہ اہمیت۔ مگر پیٚژ تِنہٕ زِ یوٚہے چھُ مرکز۔ أتھۍ أنٛدی أنٛدی چھُ باقے سوٗرٕے کیٚنٛہہ سپدان۔ بہرحال فرائیڈن یوسہٕ تحلیل نفسی ہنٛز عمارَتھ اِستادٕ کٔر۔ سو چھَ برابر تأمیر سَپدان۔ نظریات چھِ برابر بنان۔ فرائیڈہ سٕندۍ دوٚیۍ ژاٹو یونگ تہٕ اڈلرن کوٚڈ یمن نوِ سرِ پننۍ پٔننۍ پأٹھۍ ہٕٹہٕ۔ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ چھُ جأری۔ تحلیل نفسی چھِ مختلف تنقیدی رایَن تژایَن منٛز تنقیدٕچ اَکھ تژاے۔ یوسہٕ دوٚیمین تنقیدی اصوٗلن تہٕ تژایَن ہنٛدِس ورتاوَس ستی ستی أکِس فنکارٕ سنٛز ذاتھ۔ تِمۍ سنٛز تخلیقہٕ زانہٕ نَس منٛز واریاہ اتھِ روٗٹ کٔرِتھ ہیکہٕ۔



# تحقیقہٕ باپتھ اکھ موضوٗع

یتھ زِندگی ہِندِس سفرس دوران یِمو موضوٗعو میٲنۍ ظٕون وِزِ وِزِ پانَس کُن پھیُر تہٕ یِمن مے وکھرِ پٲٹھۍ تحقیق کرِنٕک ضروٗرتھ باسیوٚ تِمن منٛز چھَ شاعِرن ہنٛز اکھ مخصوٗص جماتھ یا چھوکھ سوٚ تہٕ شامِل یِم پننہٕ اکہِ خاص طریقہٕ زُوان چھِ۔ یِمن پنٕنز اکھ عمل تہٕ ووتھ بیٹھ چھےٚ۔ یِم شاعِر گرٕشہٕ نو نہٕ توٚہہِ کُنہٕ مُشاعِرس یا عام اَدبی محفلن منٛز نظرِ۔ نہٕ وُچھو توٚہۍ یِہُند کلامہٕ کُنہِ رِسالس یا اخبارس منٛز چھاپ شُدان۔ بیشتر چھِ یِمن منٛز ''اَن پَڑ''۔ یِم چھِنہٕ پانہٕ پَرتھ تہٕ لیکھِتھ ہیکان۔ مگر تأجُب چھُ یہِ زِ یِم چھِ شار ونان۔ زیادٕ موزوٗن لفظن منٛز ہوزِ یہِ وَنُن مُناسِب زِ یِمن چھِ شار وُزان۔ یِہنٛدی وننہٕ موجوٗب یِمن چھُ کُنہٕ کُنہٕ وِزِ ''حال'' طأری سَپدان۔ یِم چھِ وجدس منٛز یِوان۔ تہٕ شار چھِ پأنۍ پانے رواں دواں۔ دہانہٕ منٛز نیران۔ یہِ عمل چھُ کیٚنژون کالس جأری روزان تہٕ پَتہٕ ہے یِم کھونہٕ وٹہٕ کھوڈ تہٕ کھمَن اکھ مِصرِ تہٕ چھُنہٕ وٗنتھ ہیکان۔ سوچُن چھُ یہِ

کیاہ؟ یہِ گتھ کتہِ چھہِ یوان؟ امیُک آگُر کیاہ چھُ؟

تتھِن شأیرن ہُنٛد تیداد آسہِ اند ازن زٕ ترٛےٚ ہتھ پیٹھی۔ یم چھہِ شہرِ سرینگر علاوٕ مختلف گامن گُٹھن تہٕ سریَن منٛز روزان۔ تہٕ مختلف کامہِ تہٕ کار کران۔ کانٛہہ چھُ ہرٛ، کانٛہہ جالکھ دوٗز، کانٛہہ ژٕسلی یا کھار، واندر یا کانٛدُر، باغوان یا مٔلی یأری، دوٗر یا کرٛال۔ بوٗٹ سوٗٹ وول یا اتھہِ کامِن ہُنٛد کأری گر۔ غرض مختلف کارَن ستۍ وابستہٕ۔ واریاہَن ییٚلہِ حال طأری سپدان چھُ یم چھہِ شار ونان۔ اماپوٚز ناخانٛدٕ آسنہِ سببہٕ چھِنہٕ اُمی وِزِ لیکھتھ یا نوٹ کرِتھ ہبکان۔ تہٕ کیٛازِ لیکھُن چھُکھ نہٕ تگان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران جلدٕے چھُ یمن واریاہ کینٛہہ مُشتھ گژھان۔ باضے چھُ یہِ تہٕ سپدان زِ کم کاژھا چھُ یمن کُنہِ کالس ژتبس روزان۔ اِد کأنٛسہِ ہے قلم بنٛد کوٚر، جان، نتہٕ گو ضایہِ۔ کأنٛسہِ کأنٛسہِ چھُ کلامہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ کانٛہہ ظوٗن تہٕ مُقرر کوٚرمُت آسان۔ مگر سُہ گژھہِ وِیلہٕ تہٕ آسُن۔ بہرحال سوٗرٕے نتے یہِ کینٛژھا یمن شخصوٗن ژتبس روزان چھُ تہٕ ژتبس روٗزِتھ کأنٛسہِ ژٕسۍ لیکھہِ ناوٗنس منٛز کامیاب سپدان چھہِ یہِ چھُ تِمن نِش جماہ روزان۔

تتھِن شأیرن چھُ پنٛن اکھ لوکُٹ موکُٹ حلقہٕ تہٕ آسان یتھ منٛز اکھ زوٗن زٕٹھ یا بُزرگ مانَنہٕ یوان چھُ۔ یُس یم "پیر" ونان چھہِ۔ یہِ پیر یا ووستاد چھُ یہُنٛز رہنمأیی کران۔ یہِ چھُے مُلہ تلہٕ پیر مُریدی، ہنٛزٕے اکھ صوٗرت یوسہٕ یتھ کالہٕ پیٹھٕ کأشرِ شأیری منٛز مُروج روٗزِمٕژ چھےٚ۔ پیر یا ووستاد چھُ یمن وتھ ہاوان۔ حق تہٕ اصل۔ وحدت تہٕ کُنرس ستۍ زان کرٕناوان۔ تتھ منٛزٕ لس

گُن عام پأٹھی نِوان یتھ ''دیہِ وَتھ'' یا ''عشق حقیقی'' ہنٛز وَتھ ونو۔ یتھۍ پأٹھی چھُ یِہُند کلامہٕ بذاتِ خود ''گُنج وحدت'' بنان۔ یہِ زَن فقیر عبدالکریمن کُنہِ حدس تام پرٕ ژٕٹھ پٔنٛز سۆمبرنہِ ناو دِتھمُت چھُ۔

یتھین شأیرن ہُند کلامہٕ پرِتھ چھِ یہِ کتھ تہِ نٔنۍ سَپدان زِ تِم چھِ مجازٕ کِ پڑاو ژھنٛڈِتھ حقیقتھ پڑاونچہِ عملہِ منٛز تنہٕ مَنہٕ مصروٗفِ روزان۔ کینٛہہ چھِ وتی روٹہٕ گژھان۔ یِم بۆ ژھِہ پکان چھِ تِم چھِ سوزِ عشقس منٛز تیٚوٗت محو سَپدان زِ یوٗہے چھُ یِہِندِ خأطرٕ گوڈ تہِ بنان تہٕ أنتھِ تہِ۔ أندی پکھی حالاتن، خأرجی واقاتن یا وأری داتن چھُنہٕ یِہِندی رِکنٛز کانٛہہ اہمیت۔ سونٛچُن چھُ یہِ زِ یِہِندِس کلامَس منٛز کوتاہ چھُ شعوٗرک یا لاشعوٗرک دٔخل؟ یہِ سوٗرے چھُ نفسیأتی تجزیس لایَق۔

بے شک یِژھِ روایت چھِ کٔشیرِ منٛز پَتہٕ وتھ موٗجوٗد روٗزمٕژ۔ نتہٕ بۆ ژھِہ کم یونیورسٹی تہٕ کالج أسی یِمن منٛز نُنٛدٕ ریوٗش، شمس فقیر، سوچھِ کرٛال، حبہٕ خوتوٗن تہٕ أرنہِ مال ڈِگری حأصِل کرِتھ دژاپہِ۔ ووستادٕ ے أسی شأیرن شأیری ہنٛدی رموٗزٕ تہٕ زأوی جار ہیچھناوان۔ وُچھو ہے تہٕ یہِ سماج چھُ بذاتِ خود اکھ وٕسی ژاٹہٕ ہال، یا سکوٗل یتھ منٛزٕ اِنسان چھُ أکِس بیٚیِس نِش واریاہ کینٛہہ شعوری تہٕ غأر شعوری طور ہیچھان۔ تتھی تجرٕبہٕ حأصِل کران یِم پُر قدر تہٕ بے مِثال آسان چھِ۔ لہٰذا کأنٛسہِ اَن پرٕ وَنُن تہِ چھُنہٕ جأیز۔

اَمہِ قسمکی یِم شأیرٕ ے نِش ریڈیو کشمیر سرینگرس منٛز یِوان روٗدی یا یِمن ے سمکھنک موقہٕ میوٗل ے وُچھی تِم عام طور ''وژن'' ناوِچ صِنف ورتاوان۔ یوسہٕ کأشرِس مِزازس لأرِتھ گمٕژ چھِ۔ ''کأشُر'' تہٕ ''وژُن'' اکھ أکِس

نِش بیوٗن کَرُن، چھُ محال باسان۔ أکِس یتھ ہے شاعِر ہنٛدِ یِم شار بوٗزو۔ یِم چھُس بہٕ تتھے پأٹھی پیش کران یتھ پأٹھی تمی بوزِ نوونس۔

کھارِ وانےَ آرِ نووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
یارِ آدَن ژیےٚ پتہٕ روٗدُم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
بارِ دَمہٕ کے جوش ترٛرووٗم نارِ وُزملہِ زأجِی نم تال
سہارِ تتہٕ شاید ذاتن تھووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
ذِکرِ آدم پیرن مے ہووٗم فِکرِ ستین مےٚ تُلمَس موج
شُکرِ مولا من پرِ نووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
دون ضربن ظون مِلہٕ نووٗم ترٛبن ضربن مےٚ گیم زان
چار ضربک بار وبترووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
پنٛچ ضربک گنٛج وُزِنووٗم اوِ شش کلہِ گونٛڈ نم نار
ہفت در بنٛد ستی شہلووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
ذِکرِ الفاسہٕ[1] یہٕ تنٛدوٗرِ تووٗم ستی نارس کوٗرم اتھِ واس
نوٗح در بنٛد روٗح پرِنووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
اکہِ شأنی سینہٕ چھلِنووٗم گرٛشنہٕ گرٛشتھ ڈیوٗٹھم شاہ
نِشہِ أستھ کونہٕ پرِبزنووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار
ذِکرِ ازکار چشمو چھووٗم راوِ رووٗم عأش آرام
گاشہِ ستین گاش پرِزنووٗم للہٕ نووٗم منقلہِ نار

---

[1] شاہ

یم چھنہٕ محض لفظ یا ترٛتھ شأیری یتھ تکن گری ناو ہکو دِتھ۔ ٹلۍ کہِ شأیِر چھُ ٹاکارٕ پأٹھۍ اکہِ عملِ منٛز گُذران لبنہٕ یِوان۔ سُہ چھُ تمن جذباتن ہنٛز باوَتھ کران یم سُہ سبٹھاہ سنہِ سان محسوٗس کران چھُ۔

مےٚ چھَ تتھین وارِیاہَن شأیِرن ستۍ کتھ باتھ کرہٕ مثلن اکھ شخصاہ اوس یمن منٛز گُلہٕ خان۔ مشہوٗر ہدایت کار تہٕ میٚون ہم پیشہٕ کار محترم پٕران کِشور اوس یِہنٛدۍ کلامَن وولہٕ سنَس اوٗنمت۔ پٕران جی یَن اوٗن اکہِ دوہہٕ سُہ مےٚ نِش۔ تہٕ دونہٕ نَس بوزٕ ناو کینٛہہ شار۔ أمۍ وٗنۍ کینٛہہ شار۔ أسۍ روٗدۍ اکھ أکِس کُن وُچھان۔ مےٚ پرٛژھ تَس "اَسہِ ونکھ زِ یم شار کتھہٕ پأٹھۍ چھِی ژٕے وُزان؟" سُہ ووٗتھ توٗرٕ:

"مےٚ نہٕ حض فِکری ترٛان زِ مےٚ کیاہ چھُ سَپدان۔ سیٚود آسہٕ یِتھ۔ بہٕ چھُس بڈٕ بیقرار سپدان۔ پَتہٕ چھِ ہکہٕ شار نیران۔ دپان چھُ کانٛژھا آسہِ نا بٕژونہہ کنہِ یُس یم لیکھِ۔ لڑکہٕ حض چھُم سُہ چھُ آسان شونٛگتھ یا آوٗر۔ لیہذا یہٕ کینٛژہا اَمہِ وِزِ زبِہ نیران چھُ۔ سُہ چھُ راوان۔ کینٛہہ کینٛہہ چھُ میأنۍ لڑکن لیٚوکھمُت۔ وارِیاہ کلامہٕ سَپُد ضایہٕ۔ پروردِگار سنٛز رضا۔ بیٚیہٕ کیاہ وَنہٕ؟"

گُلہٕ خانَن صأبنۍ کینٛہہ شار بوٗزِو یمن منٛزلتس سورٕے رِیاہ لبنہٕ یِوان چھُ۔ تتھی تجرُبہٕ چھِ احد زرگر تہٕ رفیق راز سٕندِس کلامَس منٛز تہٕ نموٗدار۔ مگر یہٕ نِچارٕ نہٕ چھُ زرگر صأب سے سمکھیوٗمُت تہٕ نہٕ راز صأبس۔ نہٕ چھُن یِہُند کلامے پوٚرمُت۔ عُجیب حأرانی چھےٚ سَپدان۔ بوٗزِو یہٕ وَژُن۔

سِیاہ باغس سِیاہ چھُم بہار — سِیاہ گُلزار پھٲلِم یکبار
سِیاہ بُلبُل چھِ چھاوان بہار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ نوٗرن مےٚ نیوٗنم حال — سِیاہ صوٗرتن مےٚ ووٗلنم نال
سِیاہ مارِ پیچان چھِے گُلمار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ زُلفن ژیےٚ کوٚرُتھ واش — سِیاہ حوٗرن پیو تمہِ کُے گاش
سِیاہ پوشن ہِندی انہار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ عشقن یہِ کوٚرُس بے تاب — سِیاہ ابرِ منٛزٕ کھوٚت سِیاہ آفتاب
سِیاہ سوٚنبلن چھِے مُشکِنٕ دار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ یوسمن سِیاہ سوسَن — سِیاہ گلہٕ چِین پھوٚلُم وامن
سِیاہ کارِ پٮ۪تھ ژےٚ چھِی شُمار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ ڈٔریاو سِیاہ چھےٚ ناو — سِیاہ ہم کھوٗر وایان آو
سِیاہ کارٕ ستہِ گو مےٚ اِظہار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار
سِیاہ پوٗش گُلہٕ خانٕ ظُلمات ژاو — سِیاہ گاشن ہِتھ سُے غارتھ آو
سِیاہ گُل کنول پھوٚلُم یکبار — وَلو دِلبرو بوز میٲنی زار

بیٚاکھ اکھ شاعِر چھُ عبدالغنی میر۔ یہِ تہِ چھُ اَمی چھوکہِ ہُنٛد۔ اَمی ہِنٛدی حالات تہِ چھِ بوٗزنس لایق۔ اَمی سُنٛد وَنُن چھُ :

''میوٚن یہِ کلام قلمبند کرِنس منٛز کوٚر مےٚ کنہِ مزارِ کی ماسٹر غلام محمد صأبن تہٕ بٹہٕ مالِنٛکی خواجہ عبدالاحد صأبن اتھٕ روٚٹ۔''

پَتہٕ کوٚر کینٛژو شخصو یہِ کلام چھاپس پیٹھ مجبوٗر۔ کم کاژھا کلامہٕ سپُد

''سوزِ یئندرازِ'' ناوَس تحت 1986ء سنَس منز چھاپ۔

صوٗفی آیو تۂ سِلسِلو موٗجوٗب چھِ یِم شاعِر پرٛانین ووستادن ہنٛز ہأنکلہِ ستۍ پنُن پان وابستہٕ کران روٗدی متۍ۔ مثلن عبدالکریم نی تون۔ یہٕ چھُ پننہِ ہأنکلہِ ہُنٛد کوٗر موشور صوٗفی شاعِر نعمہٕ صابَس تہٕ شمس فقیرس ستۍ مِلہٕ ناوان۔ یہٕ سوٗرے سِلسِلہٕ چھُ یتہِ پأٹھی اکھ أکِس پتہٕ نموٗدار سپدان:

نعمہ صأب

|

فقیر شاہ رسوٗل

|

شمس فقیر

|

فقیر احمد ڈار حیدر پوٗری

|

لسہٕ خان بڈٕی یأری

|

عبدالکریم

یہٕ سأرے ہأنکل ہیکہِ بذاتِ خود تحقیقک موضوٗع بنِتھ۔ یتھ پأٹھی ہیکن کٔتۍ گوشہِ روشن سپدِتھ۔ یتھین ہأنکلن گنٛڈتھ شاعِر چھِ دراصل بیٚون بیٚون دبستان یا خیالہِ فِکرِکی سکول۔ یمو کأشرِ شاعِری ہنٛدِس ووتھ بوس ستۍ پوچھر

لوّب۔ یِم سأری سکوُل ژٕ کٔڈتھ یِم موضوٗع بحث بناوِنؠ چھُ یقیٖنن سبٹھاہ دِلچسپ۔ یِم واریاہ کینٛہہ بدِ کٔڈتھ گاشرٕ اُتھ ہیٚکن۔ اکھِ ہأنٛکلہِ ہنٛدبن شأیِرن تہٕ ییٚہنٛدِس پیٚرس درمیان یُس عأنٛلی واکھ روٗدمُت چھُ سُہ چھُ بذاتِ خود توجہس لایق۔

اکہِ دوہہ سپُد عٔجیب اِتفاقا۔ بہٕ اوسُس احد زرگرس ستیٚ اکھ خاص پروگرام رکاڈ کرنہِ تٕمۍ سُنٛد گرِ گوٚمُت۔ مےٚ ستیٚ اُسۍ کے۔کے۔ نیٖر صأب یِم تمہِ وقتہٕ ریڈیو کشمیرِ کۍ سٹیشن ڈائریکٹر اُسۍ تہٕ تِتھٕین پرٛوگرامن ترتیب دِنٕس منٛز بڑٕ دِلچسپی ہِوان اُسۍ۔ پرٛوگرامس منٛز شریک سپدنہٕ خأطرٕ آمٕتۍ اُسۍ اَسہِ ستیٚ میر غلام رسوٗل نازکی، محمد امیٖن کأمِل، غلام نبی فِراق تہٕ زرگر صأبُن اکھ ژاٹھ (شاگِرد) حزیٖن صأب۔ پرٛوگرام رِکاڈ کران وۄن حزیٖن صأبَس مےٚ ژٕ کیاِ زِ یوٚہے ژھوپہٕ کٕرِتھ بِہتھ۔ ژٕ کوٚنہٕ پرٛژھان کینٛہہ؟ سُہ وۄتھ توٚرٕ "تہِ ما پیٚیہِ سارِنےٚ تٔھی پرٛژھنہٕ۔ مےٚ یہٕ پرٛژھُن آسہِ تہِ پرٛژھس کھل وخ۔ اَمہِ پتہٕ لوٚگ اسنہٕ۔ اَسہِ سارِوے ژٕ دوٚ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن۔ اَسہِ توٚگ نہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ وَنُن۔ الغرض بہٕ کرِ یتھ کتھِ کُن تہِ اِشارٕ زِ اَمہِ چھوکہٕ ہنٛدبن شأیِرن منٛز چھِنہٕ سأری ہوِی آسان۔ کأنٛسہِ ہُنٛد کلامہٕ چھُ پانٕس کُن ظون پھِران۔ کأنٛسہِ ہُنٛد چھُ دوٗری ردی باسان۔ بہرحال یہِ سوٗرے چھُ تحقیقس لایق۔ تہٕ پزٕر چھُ پتہٕ یِمن منٛز یُس توجہ جان شأیِرن میلن گوٚژھ سُہ چھِنہٕ تِمن میلان۔ تِتھٕین شأیِرن ہُنٛد کلام چھُ پتہٕ یا تہٕ لٔگہِ شأیِری منٛز دأخِل سپدان۔ نتہٕ دۄیمین شأیِرن ستیٚ خلط ملط سپدان۔

تِتھِمن شأیرن ہِنٛز چھِے مےٚ واریاہ کتھ باتھ کٔرمٕژ۔ مےٚ اوس خیال ہِ کٔر اتھ موضوٗعس پٮ۪ٹھ واشہٕ رأوِتھ کأم مگر حالات بدلیہٕ۔ یہِ اِنسان سوٗنچان چھُ تہٕ چھُنہٕ باضے تَس دَیس منظوٗر آسان۔

سانہٕ کٔشیرِ یونیورسٹی مَنٛز چھِ از بیٚون بیٚون ڈِپارٹمنٹ یِمن مَنٛز کأشرِ شوٗبہٕ علاوٕ سماجیات، نفسیات بیٚیِہ شوٗبہٕ تہٕ شأمِل چھِ۔ یِژھ کامہٕ ہِنٛز چھُ یِمن سارِنے شوٗبن ہُنٛد دخل۔ یِہ ہیٚکہِ اکھ مُشترکہٕ پروجیکٹ بٔنِتھ۔ تہٕ مختلف ڈِپارٹمنٹن ہِنٛدی طالِب علم ہیٚکن بیٚون بیٚون علاقن مَنٛز تِتھِمن شأیرن ہِنٛز نِشاندٔہی کٔرِتھ پٔنٛز جأیزٕ تیار کٔرِتھ۔ یِہے جأیزٕ ہیٚکن اصل مأہرین ہِنٛدِ خأطرٕ خام مال فراہم ثأبِت سَپدِتھ۔ یِہ چھُ میٲنی خیال۔ مأہر کیاہ سمجھن مُنأسِب تہٕ چھُ تِمن تام۔ تِہُنٛدُے فأصلہٕ چھُ آخری فأصلہٕ۔ مگر میأنی کَنہِ چھُ تِتھِمن موضوٗعن پٮ۪ٹھ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ طریقو کأم کرنٕک سبٹھاہ ضروٗرتھ۔

☆☆☆

# رسا جاوِدأنی : اکھ وکھر آواز

"اکثر اوس مے حال طأری سَپدان۔ یہِ اوس ستَن أٹھَن
دوہَن روزان۔ أتھی اَند راوُسس لیکھان یہِ لکھِہ ہا......"

(رسا)

یہِ حال طأری سَپدنچ عمل کیاہ چھے تیچ ژبنہِ وَن عبدالقدس رسا جاودأنی دِوان چھُ؟ اَمِچ یۆت واشرأوِتھ زان سَپدِ تیۆت ہکو رسا جاودأنی سنز تخلیقی عمل تہٕ تٔمی سنزن تخلیقن ہُند اصل رۄح پرٛزنأوِتھ۔ "تخلیقی اُنج" (Creativity) چھُ مُلہٕ تلہٕ سہ ناگہٕ راد ییمیُک آگر شأیر سُند اوٗغدرۄن، تٔمی سُند مَن (Mind) تہٕ تٔمہٕ چہٕ ووتھ وِنہٕ لہر تہٕ گرٛایہٕ چھے تہٕ سأرے پیچید عمل سمجنس مَنز ہیکَن یا تہٕ بذاتِ خود شأیر سنز تخلیقہٕ انفرأدی یا یکجا پأٹھی مدد کرِتھ کٔشیرِ مَنز یِم بڈٕی ۔کہو لوٕکٹ ناودار یا کم ناو صوٗفی شأیر اَزکل موجوٗد چھِ یا ازتام وٕتھی مٕتی چھِ، تِمو چھُ یِی ووٗنمت زِ تِمَن چھُ "حال طأری سَپدان" تہٕ أتھی

حالس منز چھِ تِمن پانٕن پانٕنۍ شار دَہانہِ منز نیران روٗدی متی۔ مشہوٗر صوٗفی شاعر احد زرگر تہِ چھُ یِی ونان۔ حال طاری سپدُن چھُ یِمن سازٕنے گونہِ ماتَن ہنٛدی کنۍ سوگریا وِز ییلہِ تِم اَکِس خاص کیفیژ منز ہیمہِ یوان چھِ۔ شار چھِ ناگہِ جویہِ ہنٛدی پاٹھی یِہنٛدِ مَنہِ کہِ ناگہِ راہِ منز وُزان۔ یِمن شاعرن منز چھِ واریاہ بِلکُل اَن پڑ یِمن نہِ اَلِف بے تہِ پانہٕ لیکھُن تگان چھُ۔ تِم چھِ یِم شار پَتہٕ کانٛسہِ اَتھِ نوٹ کرٕناوان۔ باضے چھُ یِتہِ سپدان زِ نوٹ کرناونہٕ کِس مرحلس تام چھُ یِمن یہِ کلام مُشتہ گژھان تہِ پَتہٕ چھُکھ نہٕ کُہیں اَتھِ یوان۔ حال طاری سپدنُچ کیفیت چھےٚ کینٛژن شاعرن کینٛژون گنٹن تام روزان۔ کینٛژن اَمہِ کھوتہٕ تہِ کم زیادٕ وقتس۔ اَماپوٚز ستھ اُٹھ دوہ یہِ کیفیت لگاتار جاری روزٕنۍ چھےٚ مے گمنے نِش بوٗزمُت۔ واریاہَن شاعرن ہُنٛد وَنُن چھُ یِژھِ کیفیژ ستی چھِ تِم زیادٕ تَر رأژ پہرس دُچار سپدان۔ رہَس ستی کیاہ اوس سپدان تہِ چھُنہٕ پے۔ مگر یِمو سٕہ اکثر رأژ ہنٛدِس پہرس وُچھمُت چھُ۔ تِم چھِ اکھ خاص نقشہٕ پیش کران۔ تِم اُسی اکثر اَکِس خاص غنوٗدگی ہنٛزِ حالژ منز آسان۔

نفسیأتی تنقیدس یا سائیکوانالیسز (Psychoanalysis) منز چھےٚ یِمہ کتھ سبٹھاہ اہم تہِ دِلچسپ تہِ یِمن وُرُن ٹُلنہٕ ستی ہیکَن کتی سِر نٔنی نیرتھ۔ رسا اوس نہٕ صوٗفی شاعر بلکہِ اوس اَکھ رومأنی شاعر۔ حالانکہِ یہِ چھُ پننہِ جایہِ اکھ اہم سوال زِ رسا سُند مزاز کیاز سپُد نہٕ روٗحانیَتس تہِ تصوٗفس کُن مائِل۔ ییلہِ زَن تِہنٛزِ زِندگی منز تِم وأری دات، حأدِثات، اثرات تہِ محرکات برابر شأمِل اُسی یِم تِمن روحانیَتس تہِ تصوٗفس کُن مائِل کرٕہَن۔ رسا چھُ پانہٕ وَنان

"یہٕ چھُس زانان مجاز چھُ اکھ زینہٕ حقیقتس کُن۔ یہٕ اوسُس مِزاجن عاشِقانہٕ۔ لا اُبالی طبیعت تھاوان۔

خط و خالَس لۄبَن دِل چھُ اکثر عقِل حأران ڈیشتھ شِکل یکسر نقل اَخِر اَصلَس کُن چھُ رَہبر یہٕ چھےٚ صوٗرتھ تہٕ کیُتھ آسہِ صوٗرت گر چانہٕ نقشُک گسۄ نقاش مَدنو لَٹہِ اَنتم گٹہِ مَنز گاش مَدنو

رسا صأبُن یہٕ بیان چھُ اکہِ آیہِ اَمہِ سوالُک جواب ضروٗر دِوان تاہم چھُ اصل پَزر ژۄری روزان۔ رسا صأبُن سورُے کلام پَرِتھ چھُ یہِ تَر ٹاکارٕ پأٹھی نایان زِ رسا چھُ اَکھ روٗمأنی شأیِر یُس کُستام نازنینہٕ ہِنٛدِس لوٗلس تہٕ عشقس مَنز تیٚوٚت ہینہٕ آمت چھُ زِ سُہ چھُ لفظن ہِنٛدی گرتھ بدلأوی بدلأوی اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہِ اَمِچی باوَتھ کران۔ رسا ییٚمس نازنینہٕ ہُنٛد سراپا بیان کران چھُ سو چھےٚ خوش رو، خوش اندام۔ اکھ گُلفام صوٗرت۔

کرُل چشمن نَمن سورخی بُمن گَج
بدن تس یاسمن سنگین مگر دِل

تمٕی ہِنٛدی پریشان گیسو چھِ رِتھس شاہ مار زَن نأگی باسان۔ صد پارٕ جِگرس کران۔ تہٕ تمٕی ہِنٛدِس دِلس تلوطم تُلان۔ یوٚدوَے رسا ہِنٛدبن لفظن پیٹھ باوَر کرو زِ سُہ چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد قأیِل زِ مجاز چھُ حقیقژ کُن اکھ پڑاو، تیٚلہِ ہکو یہٕ وَنِتھ زِ صوٗفی شأیِرن مَنز ییٚم پڑاو اصل معبوٗدس تام واتنس مَنز یِوان چھِ رسا چھُنہٕ تَم پڑاو ژھنڈان سُہ چھُ مجازِ کیٚنہہ زولانن مَنز گرفتار روزان۔ یوٚدوَے حال طأری سَپدنچہِ کیفیژ یا عملہِ وارٕ پأٹھی سَو اتھ ہکو اَدبی تنقیدس مَنز وجدُک

(Ecstasy) ناو دِتھ۔ تہٕ رَژھا ہے بێیہٕ تہٕ دۄر گژھو اَتھ ہسکو انٹیوشَن (Intution) یانے اِلہام تہٕ ناو دِتھ۔ مگر رسا ہنٛدِ باپتھ چھُ وَجد لفظ زیادٕ موزوٗن تہٕ مُنأسِب باسان۔ وجدٕچ یہٕ کیفیت چھےٚ ادبی تنقیدس منٛز وَکھرٕ وَکھرٕ انداز س منٛز وبڑھناونہٕ آمٕژ۔ مگر موخصر تر ہسکو اَمہٕ تلہٕ یِی کڈِتھ زِ شار وَنُن چھُ رسا ہنٛدِ باپتھ اکھ مجبوٗری۔ اتھ اندر اوس مقصد یا یَرادُک دخل سبٹھاہ کم آسان۔ یہٕ اُس غأر شوٗعوٗری عمل زیادٕ تہٕ شوٗعوٗری کم سُہ اوس جذباتن ہنٛدِس تلوٗطمس منٛز برگہٕ پتھ وجدس منٛز یِوان۔ اُس اوس پأنی پانے مۄزرنہٕ یِوان۔ تہٕ لفظ اُسی مَنہٕ کنہٕ تاہ خانو منٛزٕ نیرتھ اَکس وبتارس منٛز پێتھ تمی ہنٛد بن خابَن، دنیمٕرن خأہشن تہٕ اَندرِمِن زخمن ہنٛز باوَتھ گران۔ یہنٛدی اصل موٗل عشقہٕ موحبتھ کِس وأری دأنس پێٹھ ہَرتر لبان چھِ۔

زمانَن ہنٛدِ وَکھرٕ مزازٕ تہٕ ماحولہٕ موٗجوٗب پھاپھلییہٕ رسا ہنٛز شخصیت اَکِس خاص اندازَس منٛز۔ سُہ زاو ریاستہٕ کِس پَتھ کھورِ علاقہٕ بھدرواہس منٛز۔ تتھ زمانَس منٛز ییلہِ کشیرِ پێٹھ ڈوٗگرٕ مہاراج پرتاپ سنگھن راج اوس۔ سُہ اوس ۱۹۴۷ یَس منٛز ییلہِ ڈوٗگرٕ مہاراجن ہُنٛد شخصی راج اَند ووت شێیہٕ تأجی وُہر۔ تمی سُنٛد موٗل خاجہ محمد مُنور اوس تجارت پیشہٕ اِنسان۔ سُہ اوس بزأزی، چَمرٕ تہٕ لکرٕ ہُنٛد کاروبار گران۔ جان اوسوٗدٕ حال اوس۔ رسا اوس خوجہِ کوٗٹ۔ سُہ آو زمانہٕ کہِ دوٗستوٗرٕ موٗجوٗب مکتبس منٛز ترٛاونہٕ۔ اَتہٕ اوس اکھ جان ووستاذ احمد شاہ رفیقی۔ سُہ اوس عأنٛلم، خوش نوٗیس تہٕ شأیر زیادٕ تر اوس منقبت لیکھان۔ یمن منٛز حض سُلطان، حضرتِ دستگیرٕ صأب بێترٕ بُزرگن ہنٛدی منقبت شأمل اُسی۔ اُمی

ژٕ وو رسا ہِندِس موصوٗم ذہنَس پٔٹھ بارٕ د اثر۔ یِمنے دوٚہَن آو گُرداسپورٕ پٔٹھ اکھ مشہوٗر فقیٖر تہٕ بُزرگ نواب الدین صأب بھدرواہ۔ تَس آسی ژور لچھ مُرید پنجابَس مَنٛز تہٕ یہٕ تیداد اوس دوہ کھوتہٕ دوہہ بڑان۔ نواب الدین صأب اوس بہترین مُقرِر۔ غالِب، داغ بیٚترِ شأیرن ہِنٛدی شار آسی تِتھٕ پأٹھی پننین تقریرن مَنٛز ورتاوان زِ اِنسان اوس یِہنٛز برجستگی تہٕ برمحل آیہٕ وُچھِتھ حأران گژھان۔ نواب الدین صأبُن کوٚر رسا بے حد مُتأثر۔ بقولِ رسا:

"بہٕ اوسُس ژوٗرمہِ پَران تیٚلہِ ییٚلہِ نواب الدین صأب بھدرواہ آیہٕ۔ تسخیرُک عمل اوس تٔمن کیٚاہ تام۔ تِم آسی بیت گران۔ بہٕ اگرچہ لوکٹ اوسُس مگر سمجان اوسُس سورُے۔ یِمو گٔر بیت مسجدِ مَنٛز۔ مے پٔٹھ پیو خبر کیٚاہ اثر۔ گرِ بارٕ نشہِ سپدُس دوٗر۔ دِلچسپی روٗزِم نہٕ تألیمہِ ستی نہٕ گرس ستی۔ تجارت اوس سبٹھاہ۔ فِکر پیٚیہِ گرٕ والین ییٚلہِ بہٕ تہِ فقیٖرے بنیوس۔ گرٕ وألی گیہِ گرداسپور تَس مورشِدس سمکھنہِ۔ ست کوہا اوس تِہنٛدِس گامس ناو۔ اتہِ سمکھیوک نہٕ کیٚنٛہہ۔ آخر سمکھیوک حال بازار امرتسرٕ۔ نواب الدین صأبس اوسُس بہٕ سبٹھاہ ٹوٹھ۔ ییٚلہِ تَس سورُے وونٛکھ۔ میٲنی حالتھ سپٕز کھ مولوٗم۔ تٔمی دیُت تٔمن تسلی۔ بیٚیہِ دیتنک پٔتن گلاہ۔ بہٕ ییٚلہِ شیٚمہِ پَران اوسُس بہٕ اوسُس یوٚہَے دستارِ کلس پٔٹھ تھأوِتھ سوٚکوٗل گژھان۔ اَمہِ پتہٕ بڈیہِ مے تألیمہِ بیٚترِ چیزن ستی بیٚیہِ دِلچسپی۔"

رسا صأبن کٔری اَمہِ پتہٕ واریاہ امتحان پاس۔ یِم دِنہٕ باپتھ تَس لوہوٗر تہٕ

گرِٹھُن پیو۔ یِمَن مَنز اَسی واریاہ فارسی یَس مُتلِق امتحان۔ رسا صأبَس اوس اُردُ تہٕ فارسی یَس پیٹھ جان عوبوٗر۔ انگریزی تہٕ اوسن رغبت۔ ''پرزنر آف زنڈا'' ہِش بڈ ناول اَسن مِڈل جماژ مَنز پرٕہن۔ یِمَن دوہن اوس انگریزی کِتابن انگریزی زبأنی مَنز ترجمہٕ تہٕ آسان کرُن تہٕ سوالن جواب تہٕ دیُن۔

رسا آسہٕ ہے تَمہِ وقتہٕ یوٗہے کُنوہ وُہر ہیُو ییلہِ گرِکی مأٔلی حالات سبٹھاہ خراب سپدی۔ ژور پانژہ دُکانہٕ ڈُدی یکجا نارٕ ستی۔ لُکرِ کاروبارس مَنز سَپُد کھ بارٕ گاٹہٕ۔ پنڈت پریم ناتھ ڈوگرٕ (یِم اَمہِ وقتہٕ وزیرِ جأگیرات اَسی) رسہس تہٕ تہٕندِس بابہٕ صأبَس جان پأٹھی زانان۔ خانٛدانہٕ کِنہ دوٗیمِن صاحبن ستی تہٕ اَسِکھ جان تولُقات۔ یُن گرِٹھُن اوس۔ تَمی زون یہِ سیٛوٗد ساد شأیر کیاہ ہیکہِ گرِتھ؟ رسا آو بھدرواہ رِکس گورنمنٹ سوٗکولس مَنز ووستاد بناونہٕ۔

رسہس اوس لوکچارٕ پیٹھے گیوٚنک سخ شوق۔ موسیقی ستی اوسُس جان لوے کھوے۔ آواز اَسس میٹھ تہٕ رٕیج۔ پانہٕ اوس نفیس ہارمونیم وایان۔ باضأبطہٕ اوس لُکہٕ ارساتن مَنز گرِٹھتھ گیوان تہٕ لُکن مسروٗر کران۔ موشوٗر صوٗفی بُزرگ حضرت فرید الدین بغدادی تہٕ حضرت اسرارالدین ہنٛدبن آستانَن پیٹھ یِم مأٔلہٕ کشتواڑس مَنز لگان چھِ یِمَن مَنز روٗد رسا برابر شرکتھ کران تہٕ لُکن ہنٛدی دِل ووٚلسنَس اَنان۔ شأیری تہٕ موسیقی بنے یہِ رسا ہنٛدِ باپتھ تِم وسیلہٕ یِمو تَس بَدتر حالاتن مَنز تہٕ ترپھتی بخش۔ یِم بنیہٕ تَمی ہنٛدبن دادبن تہٕ زخمن ہُنٛد مرہم تہٕ تھزارُک (Sublimation) ذٔریہٕ۔ یہِ اُس مُروجہٕ طور طریقن خلاف زبردس بغاوت زِ سہٕ اوس محفلِن مَنز گیونہٕ گرِٹھان۔ خوجہٕ گرَن مَنز اَسی اتھ چیزس نچہٕ

نظرِ وُچھان۔ مگر اتھ مَنز گر تمو محفلوٕ تس بڈٕ یأری یم کشتوارٕ چھِن مشہوٗ ر زیارتن مَنز لگان آسہٕ۔ تِکیازِ یمہٕ آسہٕ روٗحأنی نوعیت چہٕ قرار دِنہٕ یوان۔ گوڈنیُک کأشُر بأتھ یُس رسا صأبَن دہانہٕ تھَنہٕ پیو۔ تمہِ چہٕ وُزنہٕ (Inspiration) مَنز اوس تس حضرت شاہ اسرار صأبنہٕ فأضی وبرکتُک سبٹھاہ دٔخل باسان۔ یہٕ بأتھ چھُ تمۍ ۱۹۲۰ء-۱۹۲۱ء سنَس مَنز ہیوٚ وونمُت۔ یہٕ گو اکہٕ پَلہٕ سُے زمانہٕ یتھ مَنز مجبوٗر اُردوٗ پیٹھہٕ کأشرِس کُن پھیوٚر۔ بقولِ رسا:

"شوق اوسُم سبٹھاہ یہٕ وَنہٕ ہا کأشرِس مَنز مگر سَپدان اوس نہٕ کینٛہہ۔ گنوٗہہٕ وُہرِس ییلہِ حالتھ خراب سپز۔ بہٕ گوس کشتوار یأری اوس سخ ٹھاٹھ باٹھ پوان تھاوُن۔ بہٕ گوس جلالی ولی حضرت اسرار صأب نِس زِیارتَس پیٹھ۔ مےٚ کوٚر تتہِ گرہ ہیوٚ[1] أتھۍ حالٕژ مَنز وٕون مےٚ منقبت ہیوٚ۔           "بارے پکھنا سوٗنوٗ یے"

اَتی پیٹھ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ سو عمل تیز سَپدان۔ یتھ رسا صأب حال طأری سَپدنٕچ عمل ناو دِوان چھُ۔ یہٕ بأتھ چھُ یتھہٕ پأٹھۍ

چارٕ کینٛہہ لگہِ نو عشقہٕ بیمارے          بارے          پکھنا          سوٗنوٗ یے
عشقہٕ دود أغز عاشقَس مارے          بارے          پکھنا          سوٗنوٗ یے
شالہٕ مأر کھَسہٕ ہا ڈکھِ دیوارے          نظرے          پیہٕ          ہیم چوٗنے شہار
گر سَنا اَسہٕ شاہ اسرار گارے          بارے          پکھنا          سوٗنوٗ یے

---

[1] گرہ گو گنڈ۔ شاید چھُ مطلب۔ یہٕ زِیمن یُس گنڈ ہیوٚ گومُت اوس۔ سُہ آو مُورنہٕ۔ آستانَن پیٹھ چھُ گنڈ دِنُک تہٕ رواج۔

گوڈٕ کالہٕ ہِکس کأشرِس کلاَمس پیٹھ چھُ رۆسُل میرُن اَثر نۆن تہٕ ٹاکارٕ۔ مثلن رۆسُل میرُن مشہوٗر بأتھ چھُ

بأری ییے تھاوکھ نا کن تہٕ لولو زار میأنی طوطس ونتہٕ لولو

رسا چھُ ونان۔

کرٕتھ بیمأری عشقٕنی سَن تہٕ لولو بَلہٕ نا سوے گلہٕ یَس تَن تہٕ لولو

تیز مَس کھأسی از رسا چھُ بأگراوان رِنٛدٕ گوھنو زِنٛدٕ یم چیَن تہٕ لولو

رسہن یۆ دوَے دوشِونی اُردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز شأعری کُر مگر زِندگی

ہِندین واریاہَن وُری یَن روٗد سُہ زیادٕ اُردوٗ ہَس منٛزٕ ے لیکھان۔ اُردوٗ ہَس منٛز

اُسِن زیادٕ پہَن داغ، ذوق، غالب تہٕ مومن پُری ہتی۔

کأشرین شأیرن ہُندٕ کلام یُس تَس واریاہَس کالس بدس لۆگ سُہ اوس رۆسُل میرُن تہٕ محموٗد گأمیٛنی کلام۔ رۆسُل میرِنی کلامَن کُرِتس تیژ کُشِش زِ سُہ لۆگ سونچنہٕ زِ سُہ تہٕ لیکھِہا تِتھی اندازس تہٕ رَنٛگس منٛز۔ مگر کھوژان اوس ہے ہیے سُہ ہیکِہاہ پننہٕ باپتھ کانٛہہ الگ وَتھ بنأوِتھ۔ تِہنٛدی وَننہٕ:

"سونچان اوسُس کأشرِس منٛز چھُ رۆسُل میرس ہیٛو لیکھن وول۔ یا تہٕ گۆژھہ اُمس exceed کرُن (بڑوٗنہہ نیرُن) نتہٕ گۆژھہ تَس parallel گژھُن (متوأزی یا لرِ لۆر پکُن)۔"

یۆ دوَے رسا رۆسُل میرس بڑوٗنہہ دڑاو نہٕ اَماپۆز تِمی کڈ پننہٕ باپتھ اکھ متوأزی وَتھ ضروٗر۔ یہٕ وَتھ یۆ دوَے زیادٕ کُشادٕ چھنہٕ۔ سبٹھاہ لوکٹ تہٕ مۆحدوٗد چھے۔ اَماپۆز یہٕ چھُ دوٗرِ نَنان زِ یہٕ چھے اُمی ہنٛزٕ ے وَتھ۔ رسا ہنٛدِس کلامَس منٛز

پھِھے اکھ خاص حِسی لطافت (Sensuousness) تہٕ غنایت (Lyricism)۔

یہِ کتھ چھِے سبٹھاہ عجیب باسان زِ کأشُر لیکھنہٕ وَقتہٕ اوس رسا سونٛچان زِ سُہ ہیکیاہ روٗسُل میرس بڑوٗنہہ نیٖرتھ یا لرِ لوٗر پکِتھ۔ کیاہ اُردوٗ زبانٛی منٛز شار لیکھنہٕ وِزِ اوس نا سُہ سونٛچان زِ سُہ ہیکیاہ غالبؔ، مومنؔ تہٕ داغسؔ بڑوٗنہہ نیٖرتھ۔ بہرحال کأشرِ شار وننہٕ وقتہٕ چھِ رساہَس لفظ برجستہٕ دہانہٕ نیران۔ سَنہٕ دِنہٕ سوزُک پےٚ دِوان۔ رسا صأبَس چھُ اکھ مخصوٗص باوِژ بل (power of expression) تمِٚ سُنٛد انداز بیان چھُ سیٖوٗد ساد، موٗدُر تہٕ پُرسوز۔ رسا سُنٛد مخصوٗص رنٛگ یوٚ دوَے پڑِ بڑناوُن آسہِ سُہ چھُ یمَن غزلن منٛز نوٗن تہٕ ٹاکارہ

ژٕے لوگتھ سورمہٕ چیٖشمن
مےٚ کوٗرتھم دِل وُبألی

ژٕے چھِی گیسو پریشان
مےٚ گیہِ شاہ مار نألی

ژٕے لأیتھ تیرِ مژگان
مےٚ دورُے سینہٕ کأنی

مےٚ گو صد پارِ جگرس
ژٕے ما گوے وار خألی

ژِ چھکھ بلقتیٖس وَقتٕچ
سبٹھاہ چھِے روتبہٕ عألی

سُلیماں جان کأتیاہ
ژٕے چھی بَر تَل سوألی



جان لیکھیا کِنہٕ جانانہٕ لولو
نامہٕ شوٗبی کمیٖو عنوانہٕ لولو

کتھ نہٕ شایےٚ چھُ چون ئوٗرلنہٕ لولو
کعبہٕ باساں چھمو بُت خانہٕ لولو

اَز نہٕ مجنوٗن نہٕ فرہاد پانہٕ لولو
سوٗد عشقُن روٗد افسانہٕ لولو

پان وَندنے سُہ آیوس لولہٕ بوٚزِت
زول شمٕن کیاژِ پروانہٕ لولو

منگ مہٕ یأری ژٕ گاٹہٕ جارٕس  کُنہٕ جایے لاگ دیوانہٕ لولو



وَلو ماہ جینِو مہ گرنگ اداٗیی  شبُن نازنین چھنو بے ووفاٗیی
اُچھن منٛز کرس جاے ہر خوٗبروین  بکار اٗینس آیہٕ سینٛچ صفاٗیی
توٗے صُبحکُے واو توشن چھُ پوشن  بزُلف پریشان چھےٚ تس اٗشناٗیی
زِ دِل بستگی رستگاٗری چھےٚ حاصِل  مہ یٚژھ عشقنٕے زالہٕ ہرگز رِہاٗیی



ژٕے دیوانہٕ لوگتھ بہٕ دیوانہٕ چونُے  ژٕے پروانہٕ میٛونُے بہٕ پروانہٕ چونُے
مُژر کُنزٕ قُلفن ژٕ کڈ واش زُلفن  یہٕ صد چاک دِل میٛون چھے شانہٕ چونُے

رٕہس یِم کاٗشرِ شاعِر ڈوگرٕ راجس منٛز ہم زمانہٕ یا ہمکال اٗسی، تِم اٗسی مہجوٗر، آزاد، احد زرگر، شمس الدین پانداٗنی، حیرت کاٗملی، فِطرت کشمیری، فاضِل کشمیری، دِلسوز، پیتامبر ناتھ در فانؔی، دینا ناتھ المست، نندٕ لال امباردار، عاٗرِضؔ تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ۔ یِمَن سارِنٕے ہنٛدِ کلامُک اکھ اہم حِصہٕ چھُ سُہ یَتھ پیٹھ روٗماٗنی رَنگ غاٗلب چھُ۔ تہٕ یُہ دوٚے عشقِ مجاز عشقِ حقیقی ہنٛز ہیر مانو تیٛلہِ چھُ احد زرگرُن بُنیاٗدی پڑاو تہٕ یُہے رَنٛگ بنان۔ یہٕ چھُ پَزر یِمو شاعِرو منٛزٕ کر اکثر شاعِر وٗنو ووٚتھ ژھانٛٹھ۔ نونیچہٕ پانہٕ ناوکھ فارم تہٕ موضوٗع کہٕ اعتبارٕ۔ یِمہٕ سبہٕ واریاہ شاعِر وَتہٕ تہٕ ڈٕلی تہٕ پننہٕ نِشہٕ تہٕ گیہٕ۔ تِکیازِ کیٛنژون شاعِرن ہُند طبع یَتھ اوس نہٕ امہٕ خاطرٕ تیار۔ مگر رسا روٗد پٔنٕنی وَتہٕ پیٹھ گامزن۔ تہٕ اُکی ہے رٔنگس مُتی کران تہٕ برٛژر بخشان۔ یُہ دوٚے فاضلن پٔنُن دامانہٕ تھٔنے حدوٗدَن منٛز

رۆ ژمت آسِہے یِتھ مَنز تٔمۍ کزالہٕ کوٚر یا تِتھی ہی شار وٕنۍ

بزم دِتھ ساقی نِشہٕ راۄِتھ گوم

چینہٕ رۆس پیالہٕ گو خالی یے

تٔمۍ آسِہے کأشر، شأیِری واریاہ کینٛہہ دِیتُمت۔ رَسہَن یوٚ دوٚے أکۍ ہے رَزِ تھپھ کٔرِتہٕ سبٹھاہ کم کأشرِس مَنز لیٚوکھ تہٕ أستھ تہٕ سَپُد سُہ پنُن اکھ رَنگ قأیِم کَرنَس مَنز کامیاب۔ سُہ بنوٚ نہٕ محض فأشنہٕ یا مان مأنی کَرنہٕ خأطرٕ اِنقلأبی، ترقی پَسند یا جدیدیتُک پأروکار۔ یِہ زَن واریاہو کوٚر۔ کأشُر شأعری ہِندی یِم سأری دور وُچھ تٔمۍ پننہٕ زِندگی مَنز۔ تٔمۍ یِ ثیوٚن یِ موٚسوٚس کوٚر تِمہٕ چِ کٔرِن ایمان دأری سان باوَتھ۔ رسا چھُ کِشتواڑ بھدرواہ یا جیٚمہٕ صوٗبُک گوڈنیُک شأیِر یِمی کأشرِس اَدبَس مَنز پنٕنۍ پہچان بنأو۔ یِہ چھُ پَزر زِ رسا اوس اوس مَرنہٕ کِس دَمَس تام یِمہٕ حقیقژ نِشہٕ بِلکُل بے خبر زِ تٔمۍ ہِندبن فِطری رُح رکانَن سام ہینہٕ وِزِ چھُ اکھ دِلچسپ تضادُک احساس سپدان۔ سُہ اوس وُہمہٕ صدی ہُند اکھ پوٚرمُت لیٚوکھمُت شأیِر۔ اَماپوٚز تَس چھنہٕ پننہٕ وقتہٕ کِس ہَنگأمی ماحولس سِتۍ کانٛہہ دِلچسپی۔ پننہٕ زمانٕکۍ سیأسی تہٕ سمأجی حالات چھنہٕ کُنہِ کِنۍ تَس پانَس کُن ظون پھِران۔ تَس چھُ بیرۆنی ماحولہٕ خأرجی دُنیاہ کھوتہٕ پنُن أندریُم یا دأخلی دُنیاہ سوزٕ سازٕ تہٕ مستی بوٚرُت باسان۔ ژلہٕ لار escape کِس اتھ جذبَس ہیکَو بے شوٗب ماحولس خلاف اکھ ورگہٕ ردِعمل تہٕ وَنِتھ۔ ونان چھِ

فَسادٕ باپتھ اگر چھےٚ مسجد نِفاقہٕ باپتھ اگر چھُ مَندر

انہٕن چھِ ہم پیالہٕ رِند سأری یِکَو گژھو أسۍ شرابخانس

رسا اوس ٹمیِتن رِندہ۔ سُہ روُد ماشوقہٕ ہِندِس لوٗس منٛز دزان۔ مگر وَدِ وِنہِ أچھ گرِتھ نہٕ کینٛہہ۔ صرِف دُب دُب کرِوُن دِل ہتھ۔ تِمُو ہِندِس بُتھس پیٹھ نہٕ چھِنٛے درٕ ہہ نہٕ زبأنی منٛز ژکھ۔ ٹلرِکہِ لوٗبہٕ وُن خوٗلوٗص تہٕ وضع دأری۔ یم شارتھوٗن رسہس ہمیشہٕ زِندٕ ۔

اگر دِل ژالہِ پرَتوٗ چانہِ روٗیک مقابلِ روزِ شبنم آفتابَس



دِلس منٛز چأنی تاشوقَن گرِم جاے سرس منٛز زنتہٕ لوٚگ نیلوفرس آے



رزِ یان کھالُن پزِ ہے گولابَس مُشکہِ روٗس چھُ عشقہٕ پیچانے مدنو



کرٕ ہتھ عشقٕنی بیقرأری بیقرارس چارٕ کیٛاہ
یار ییٚلہِ گوٚ دوٗر نیرتھ انتظارس چارٕ کیٛاہ



نوٚموٗنہٕ چانہِ روخسارُک چھُ تتھ منٛز توٗے مُشتاق گوٚ بُلبُل گولابَس



جہانٛک سوز یتھ منٛز آسہِ سومبرِتھ وَتُن تھِکو ماز پارس اے رسا دِل



تمہِ از بابِ وفا حرفانہٕ پوٚرمُت مگر مُشتاق چھِس عألم تہٕ فأضِل



دَما روزاو اُسیپَنس مُقابل　　وُچھِن صوٗرت لوٚگس دُب دُب کرنہٕ دِل



دوٗپُن وَنِدٕہم ژٕ کیٛاہ؟ دوٗپ مَس جوانی
دوٗپُن پتھ گُن؟ مےٚ دوٗپ مَس زِندگانی
دوٗپُن کیٛاہ چھُکھ یَژھاں در ہردو عالم
مےٚ دوٗپ مَس بَس چھےٚ چانی مہربانی



ساقیَس مُشتاق چشمن گو رَسا مستِ شراب
گردِشس مَنز یم شرابکۍ جام ہردم آسۍتن

رَسا سٕنز نوٚزُک خیالی تہٕ صاف تہٕ صدف ہیٚؤ بیان ییلہِ اُکِس خاص تھزرس پیٹھ واتان چھِ۔ یُتھ ہیٚؤ اندازٕ چھُ پھانٛپھلان۔ یُس سبٹھاہ رٕنبہٕ دُن تہٕ لوٚبہٕ دُن چھُ۔

گرِ وژاو کمہِ تام تژایے لولو　اَسہِ گیہِ کم کم رایے لولو
کمخاب چشمنٕے دوٚھرِتھ بہٕ تژاوَس　کمخاب　قدمٕہ　جایے لولو
بد نیک اعمال مِثقال کیٛنٛہہ تہِ نو گرِژھیو ضایے لولو
گرِنہٕ آم سَر بو وَندہَس پادَن سہان اعلا بایے لولو[1]



برٛوٚنٛٹھ گو روٗسُل میر نازنین چالے
موٚت رَسا گوس پوٚت ژھایے لولو[1]

رؔسا چھُ غزلُک شاعر۔ تِمَو سُند رَنگ چھُ رِوایتی اُردو تہٕ کاشُرِ غزلُک رَنگ۔ تِمَو کَر تہٕ اَمہِ کِس موضوٗ یا صوٗرَژ مَنز کانٛہہ تبدیلی آمژ یِنٛدِس کلامَس مَنز چھُ سُہ گُل، بُلبُل، زُلفِ مار، سِتَم گار تہٕ پوشرُ۔ ہجر تہٕ فِراق بیٚترِ چیز میلان۔ یِم رِوایتی اُردوٗ تہٕ کاشُرِ غزلکی اَنگ چھِ۔ مگر رؔسا سُند ہجر چھُ یتھ کتھِ مَنز ناپان زِ عناصِر چھِنہٕ محض رٕسم پوٗر کَرنہٕ باپتھ وَرتاوَس مَنز آمتی۔ ٹٔلی کہِ سٔنس سوزَس تہٕ برجستہٕ احساسَس تحت یِم تِمَو یِنٛزن دِلہٕ دُبرائے ہِنٛدی ترجمان اَسی۔ محبوب سُنٛد بے حد لول تہٕ عشق چھُ رسہس نزدیک زِنٛدگی ہُنٛد مولُل سرمایہ۔ سُہ چھُ اَتھی رٕچھی رٕچھی دوہ کڈان۔

| | | |
|---|---|---|
| خضر مجھ سے ملیں تو میں پوچھوں | مُدعا | عُمرِ جاوداٗنی |
| دردِ اُلفت کو کیا سمجھتے ہو | آسرا ہے | یہ زندگانی |



چھُ عُشقے کار گاہَس رَنگ و رونق
چھُ عُشقے کارگر تہٕ کارفرمائے[1]

رؔسا ہِنٛدِس کاشُرِس کلامَس پیٹھ چھُ اُردوٗ غزلُک اثر نٔنی پٲٹھی درِینٛٹھی یِوان۔ مگر یہِ اثر چھُ شوٗعوٗری کم تہٕ غاشر شوٗعوٗری زیادٕ یِیلہِ سُہ وجدس مَنز یِوان اوس۔ منہٕ کِھو شیشہٕ خانو مَنز اَسی تم خیال تہٕ جذباتن ہِنٛدِس بِہاوَس سٟتی نیران یِم اُردوٗ شاعری ہِنٛدِ مُطالہٕ سٟتی تِمَو یِنٛدِس مَنَس سٔیتھ گمتی اَسی۔ کیٛنٛہہ شار وُچھو۔

---

[1] یہِ شار چھُنہٕ ''نیرنگِ خیال'' کِتابہِ مَنز شامل۔ مگر یوسہٕ کِتاب رؔسا صابن نے سوٗز یہِ شار چھُ تتھ مَنز اتھہ سٟتی لیکھتھ۔

یہ مسایل تصوف یہ ترا بیان غالبؔ
تجھے ہم دلی سمجھتے جو نہ بادہ خوار ہوتا

(غالبؔ)

ولی بو مأنہن گُفتارِ ٚکنٛز بے شک رسؔا لیکن
بِہت مٔنٛز باگ رِنٛدن پیالہِ بٔرِ بٔرِ مَس چنٛبس وَنہِ کیٛاہ

(رسؔا)



تھا اِرادہ تیری فریاد کریں حاکم سے
وُہ بھی کم بخت تیرا چاہنے والا نِکلا

(نظرؔ اکبر آبادی)

وَنیم مُنصِفن نِش چاٗنٛز بیداد
تمو کوٚر پاس چونٛے رائے چاٗنی

(رسؔا)

یہِ اُردو اَثر چھُنہِ محض خیالٕنے ہُنٛد، بٔلکہ ترکیبن، تشبیہن تہٕ علامژن ہُنٛد تہٕ۔ مگر یہِ چھےٚ بُڈ حقیقت زِ رسؔا روزِ پٔننہِ کاشُرِ کلامہٕ ستی ہرہمشہِ زِنٛدٕ۔

(شیرازٕ : ۱۹۷۹ء)



# جنگ خیبر : اکھ جائزٕ

ہجری سَنہٕ اکہِ پتہٕ آں حضرت صلعم ہِندِس ووفات سَپدنَس تام یِم واقات اِسلأمی تأرٕخس مَنٛز بڑوٚنٛتھ گن یِوان چھہِ، تِمن مَنٛز چھُ جنگِ خیبر تہٕ پَتمہٕ قسمُک اکھ اہم واقہٕ۔

خیبر چھُ شاید عِبرأنی زبأنی ہُنٛد لفظ، یُمیُک مطلب ''قِلعہٕ'' وَننہٕ یِوان چھُ۔ یہِ چھُ اکہِ تِمہِ علاقُک ناو یُس مدینہٕ پیٹھٕ ۲۰۰ میل دور چھُ۔ یہِ اوس اَمہِ وقتہٕ عربس مَنٛز یہوٗدین ہُنٛد اکھ بوڑ مرکز۔ اتہِ اَسۍ تِموٚ سبٹھاہ مضبوٗط تہٕ بٔڈی بارٕ قعلہٕ تأمیر کٔری مٕتۍ۔ اَدے چھُ اتھ خیبر ناو پیوٚمُت۔ یِم یہوٗدۍ اتہِ اتھ زمانَس مَنٛز آباد أسۍ، تِم أسۍ نبوٗنضیر قبیلس سٟتۍ توٗلق تھاوان۔ یِم أسۍ اسلامکۍ جأنی دُشمن۔ تہٕ روٗدۍ اسلأمی رہبرن تہٕ رہنماہن خلاف اموب کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ژوٚے کران یا فِتنہٕ کھڑا کران۔ یِم أسۍ دراصل مدینہٕ شریف کی بسکین۔ اماپوٚز یِمہٕ وِے ژویَو تہٕ سیاہ کرتوتو کٔنۍ آیہِ ہجری سنہِ ژورس مَنٛز مدینہٕ مَنٛزٕ کڈِتھ

ژھننہٕ۔ کینٛہہ سَپدی شام کُن روانہٕ تہٕ کینٛہہ سَپدی خیبرس منٛز آباد۔ ییٚتہٕ تِمو پنٕنز حکوٗمت تہٕ قائیم کٔر۔ یِمن یہوٗدیٚن ہندی کینٛہہ ناماوار سردار اٲسی حُیی بنِ اخطب، سلام بنِ ابی الحقیق، کنانہٕ بِن الربیع بیترِ۔ خیبرس منٛز آباد سَپدنہٕ پتہٕ تہٕ روٗدی نہٕ یِم رِکژھ۔ اِنتقأمی جذبس روٗدی برابر وُتش دِوان۔ تہٕ آخرس یُس جنگ اِسلأمی ہیروٗن تہٕ خیبرِکیٚن یہوٗدیٚن درمیان خیبرس منٛز ہجری سنہٕ سَتس منٛز سَپُد، اُتھی پیو جنگ خیبر ناو۔ انگریزی سنہٕ موجوٗب چھُ یہِ ۶۲۹ عیسوی واتان۔

جنگِ خیبرس منٛز دیُت غطفان کو بسکینو یِم زیادِ تر بنوٗفزارہ قبیلس سِتی توٗلق اٲسی تھاوان خیبرِکیٚن یہوٗدیٚن ہُند ساتھ۔ خیبرس منٛز یِم بٔڈی بارِ قِلعہٕ اٲسی، تِہندی ناو اٲسی سالم، قموص، ناصم، نطاہ، قطارہ، شق تہٕ مربط۔ یِمن منٛز اٲسی وُہ ساس سِپاہ موٗجوٗد۔ قموص اوس یِمن سارِنٕے منٛز سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ مضبوٗط قِلعہٕ۔ مشہوٗر پہلوان تہٕ بہدوٗر مرجب اوس اَمی قِلعُک سردار۔ ابن ابی الحقیق سُند خاندان، یُس مدینہ پیٹھ خیبر ژٔلتھ آمُت اوس، سُہ اوس اُتھی قِلعس منٛز روزان۔ خیبرِکیٚن یہوٗدیٚن ہنٛز بے جا اِشتیال انگیزی تہٕ فِتنہٕ پروری وُچھتھ کوٗر آں حضرتؐ پانہٕ خیبرکُن روٗخ۔ تِمن سِتی اٲسی ژوداہ شتھ پأدل سِپاہ تہٕ زٕ ہتھ سوار۔ اِسلأمی فوجن کوٗر سارِوٕے برٛونٛہہ ناصم رِکس قِلعس پیٹھ حملہٕ تہٕ یہِ سَپُد فتح۔ اَمہِ پتہٕ سَپدی بییہِ پانٛژ قِلعہٕ تہٕ ژٕلی ژٕلی فتح۔ ووٗنی روٗد سُہ قِلعہٕ باقٕے، یَتھ قموص ناو اوس۔ یہِ اوس مرجب سُند تخت گاہ۔ اَتھ مُہمہِ پیٹھ سوٗزی آں حضرتؐ گوڈٕ حضرتِ ابوٗبکر صدیقؓ۔ مگر تِم سَپدی نہٕ کامیاب۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ

حضرتِ عمرؓ سِپہ سالار بَناونہٕ۔ مگر تِم سَپدِ نہٕ کامیاب۔ اُخرس میٛوٗل حضرتِ علیؓ یَس حُکُم زِ تِم سنبالِن کمان۔ یہِ بہوٗدُر مردِ مُجاہد سَپُد یہِ کأم بامل انٛس مَنٛز کامیاب۔ حضرتِ علیؓ ہٕنٛدِ دٔسۍ سَپُد مرجب مارٕ تہٕ دُشمنَن ترٛاوِ ہتھیار۔ قموصُک قِلعہٕ سَپُد وُہَن دوہَن ہٕنٛدِ جنٛگہٕ پَتہٕ فتح۔ یِمن دوہَن یوسہٕ خوٗن ریزٕ لڑٲے سپٕز، تتھ مَنٛز یِم جنٛگ جوٗ اِسلأمی جان بازن ہٕنٛدِ دٔسۍ مارٕ سَپدۍ، تِمن مَنٛز چھِ مرجبس علاوٕ حارِث، اسیر، یاسر تہٕ عامر سبٹھاہ قٲبلِ ذِکر۔

یہِ کتھ چھَ امہِ پوٚت منظرٕ تلہٕ نٕنۍ تہٕ ٹاکارٕ زِ اکھ بہترین رَزمیہٕ نظم یا جنٛگ نامہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ یُس مواد اُکِس شأیرس یا فنکارس میسر آسُن گوٚژھ، سُہ چھُ خیبرِ کِنِن واقاتن مَنٛز پَزٕنہٕ پٹھی موٗجوٗد۔ اکہِ طرفہٕ چھِ آں حضرتنٛ ستۍ ستۍ حضرتِ ابوٗ بکرؓ، حضرت عمرؓ تہٕ حضرت علیؓ یَس ہی بے مِثال مردِ موٗمِن تہٕ لاجواب اِسلأمی ہیرو وابستہٕ تہٕ دوٗیمہِ طرفہٕ سۍ وٕتِھکۍ زبردست جنٛگ جوٗ مرجب، حارِث، اسیر، یاسر، عامر تہٕ ستۍ وُتہٕ منٛکھی قبأیِل جنٛگ لڑان۔ مرجبس مُتلِق چھُ وَننہٕ یِوان زِ سُہ اوس زورو کِنۍ اُکِس ساسس سوارس برابر۔ مگر کأشُر جنٛگ نامہٕ "جنٛگ خیبر" پرٛتھ چھُ نَنان زِ اَمیُک لِکھأرۍ مختار شاہ کھُے ہأکۍ چھُنہٕ اکھ شان دار رَزمیہٕ نظم تخلیق کٔرِتھ ہیوٚکھمُت۔ شأیرٕ سٕنٛدِ فنکارانہٕ زورِ بیان تہٕ ذہنی وُچھ وارِ چہِ زِتنہٕ چھَ کُنہِ کُنہِ ضروٗر درٕ پٹھی یِوان۔ مگر سُہ چھُنہٕ اَمہِ مولہٕ وُنہٕ تہٕ زُودار توٲرٟیخی کہأنی پٹھ اکھ مربوٗط، خوش یوٗن تہٕ لازوال فن پارٕ دوتہٕ لأوِتھ ہیوٚکمُت۔ مختار شاہ صأبُن جنٛگ نامہٕ چھُ تمہِ ڈرٛاماتہٕ کشمکش نِشہِ ژھوٚر، یِم کُنہِ تہِ جنٛگ نامہٕ باپتھ اہم چھُ۔ جنٛگُک گربز، شور، ہٲتھی یارن ہُنٛد ٹھنٛگ تہٕ چھٕنۍ، تلوارن

ہِنٛز چمک تہٕ دَمک، گورزَن ہِنٛز لڑ، بہوٗدرن ہُنٛد قہر، گربن ہُنٛد دوٗرن تہٕ کھمُن۔ لڑن والین ہِنٛدی مختلف داو پیچ تہٕ بہوٗدرن ہُنٛد شِہلُن یا کامیاب سپُدن۔ جنگ نامہٕ پرِتھ چھُنہٕ یمن مُتلِق کانٛہہ مولہٕ وُنی تصویر بڑوٗنٛھ کُن یِوان تہٕ اکھ زوردار اثر ترٛاوان۔

کُنہٕ تہٕ رزمیہ نظمہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ شاعِر کرِ دوشوٕنی طرفن ہِنٛدبن بہوٗدرن ہِنٛز وِہژھنےٚ سبٹھاہ توازنہٕ سان۔ امی ستۍ چھُ ڈرامہٕک عُنصر پھاپھلاونس منٛز مَدد میلان۔ مگر مختار شاہ چھُنہٕ تہٕ کرِتھ ہیٚو کھمُت۔ تمۍ چھُ دُشمنَس منٛز فقط اَکِس مرجب سُنٛد ناو لیٚو کھمُت۔ باقٕے چھُنہٕ کانٛسہٕ ہُنٛد ناو لیکھُن تہٕ تمۍ مُناسِب زونمُت۔ یم اِسلٲمی ہیروٗہَن برخلاف لڑان اٲسۍ۔ سُہ چھُ یمن پہلوان وَنِتھ کُنی گبڈ گران تہٕ قبأیِل وَنِتھ تِہنٛزٕ وِہژھنےٚ گران۔ اِسلٲمی ہیروہن مثلن حضرت ابوبکرِ صدیقؓ، حضرت عُمرؓ تہٕ حضرت علیؓ ہِندبن وَصفن تہٕ بہوٗدری ہِندبن کارنامن ہِنٛز وِہژسنے تہٕ چھُنہٕ تتھ پاٹھی کرِتھ ہیٚو کھمُت یتھ پاٹھی سپدٕنی گژھہِ۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ کِردار پَننہٕ زورِ بیانہٕ ستۍ ووتلٲوِتھ ہیٚو کھمُت۔ بے شک جنگ نامکۍ کیٚنٛہہ بیان تہٕ کیٚنٛہہ منظر چھِ امہِ کتھِ ہُنٛد ثبوت زِ شاعِرس چھُ سُہ قلم تہٕ سو زبان، یوسہٕ اتھ اکھ لازوال رزمیہ نظم ہکہٕ ہے بنٲوِتھ۔ مگر کیٚنٛہہ تام باتھرِ تہٕ ژلہٕ لار چھُ تس پتہٕ روٗزمٕژ، یِمہٕ کِنۍ تمۍ یہِ ڈلیل وٕلی وٕلی اَنٛد واتہٕ نٲوِمٕژ چھےٚ۔ شاعِرن چھُ پوٗرٕ جنگ نامہٕ کُل ہِل ترٛواہَن صفن پیٹھ وَنِتھ مُکمل کوٚرمُت۔ یہِ اختصار چھُ امہِ کِس حُسنس پھوٚرمُت۔ واقاتن ہِنٛز وِہژھنے چھےٚ سرسری سپدمٕژ۔ شاعِرس چھُ کُنہِ حدس تام امیُک احساس پانَس تہٕ۔ سُہ چھُ

ونان

دوہَس اَس بوِڑھ وار، وقتِ دِگر
سَپُن جنگِ خیبر ؤنتھ موختصر

جنگ نامک دَس چھُ حمدِ ہَتۍ ووتھان۔ امہِ پتہٕ چھِ نعتِ شریف یوان، تہٕ تمہِ پتہٕ چھُ اصل ذٕلیل شوٗروٗ سپدان ۔

ذٕلیلاہ چھُ کأشرۍ پأٹھۍ عیاں    وَلیکن شُد از علم ہتۍ نہان
یہِ یُمنشس مدینہ سَپُن مُنوّر    گُہم اوس تأریخ ماہِ صیام
دیان آو جبریل علیہ السّلام    سلام و پیام ہیتھ تہٕ حأضر سَپُن
رسوٗلِ خودایس بیاناہ کوٗرُن    چھِ سَتھ قلعہٕ خیبر یہ یکجا مکان
چھِ تتھ منز پہلوان جنگی بسان

پوٗر ذٕلیل بوزِنأوِتھ چھُ شأعِر یہِ جنگ نامہٕ حضرتِ علیؓ سِندِس شانَس تہٕ پایَس منز تأریفو ہتۍ اَند واتناوان، یُس دراصل امہِ جنگُک ہیرو چھُ۔ جنگ نامکۍ یِم کینٛہہ بیان خوش یوٚنۍ چھِ باسان، تِمن منز چھِ کینٛہہ ییتھ پأٹھۍ ۔

قبأیِل دَیان دزاو صُحأے دَوان    سَتتھ اَسۍ پیلان[1] تِمُس زیرِ ران
سَتتھ پاجہِ چھِنۍ شوراب مِلہِ وِتھ شکر    سَتتھ ہٕنڈۍ کھیتھ یِڈ تِمُس آیہِ کر
زِ ساس دزایہِ تَس ہتۍ تِم پہلوان    متابع[2] تِمُس ہتۍ اَسۍ دَوان

---

[1] ماٹھُن، گُجُلُن ۔ [2] فرمان بردار

تژے ہَتھ اُسی نقارِ پُر انہ شوروشر　　یِمَو بوٗز تِمَن بوزِدُن پیٚوک زر

لسہِ صد صمہا زرہن اُسی تھَم　　کوہن لرزِ پیو ییٚلہِ دأیک بَم

تژیٚے ہتھ اُسی تالاج گُرِنے سوار　　اَمی ذوقہِ تہٕ شوقہِ لوٚگ کارزار

دِتُن فوجہِ سان ڈیرِ درعیدگاہ　　اَمی دیو کأتیاہ چھِ گرِءتی تباہ

تمی موٗنگ مبارِز² کہ از مؤمنان　　نبیؐ اُسی یارَن کرن لی بیان

چھِ کیٚاہ اُسی یِمن مانند موٗر　　ریٚبہِ سہنٛجہِ ہتمن کوہَن گرٛڈھِ سوٗر

یہِ ہمتھ گُنڈِو تُہِ کمر سخت تر　　خودا کہ کُفرس تہٕ زیر و زبر

صحابو دٔلیل بوز تہٕ پُر مُدعا　　کلامِ شریفِ رسوٗلِ خوداؐ

یہ شأدی سپِز خوش شأدی کران　　نبیسؐ قدم بوسہِ بے حد کران

دوٗپُہس گرو اُسی فِدا جان وتن　　وَندوے تژیٚے قدمن فرزند و زن

دوٗبارِ قبأیِل چھُ نعرِ دِوان　　دوٗپنک مبارِز اُنیٚون تُہِ ٹِکان

بحکم نبیؐ دراو اوّل یارِ غار　　سُہ ڈیٚشتھ قبأیِل سپُن خونخوار

قبأیِل دِوان لاف در رَزم گاہ
دیان اوس آدم میٚے نِش لیہِ کیٚاہ



بحکم نبیؐ دراو حضرتِ عمرؓ ونے کمہِ سامانہٕ گوٚنڈُک کمر

زِرہ نالِ گوٚنڈُک کمر بَنٛدِ سان　　سِلحہ و زِرہ نالِ اوسُک شوٗبان

چوٗ گورزِ، چوٗ شمشیر و نیزِ کُمند　　گرفتہ رَوان شُد چوٗ سروِ بُلند

---

۱ جنگ گرٛن وول۔ ۲ آنحضرتن ہندی دوس

بدلِ یاوِ حق درشب و ہر زمان　　ولی خُدا بُو و عالی نشان
ہمیشہِ پَران اوس ذِکرِ خُدا　　خُدایِن مُدا تَس تہِ اوٗنُن بجا
شنیٖہِ ساس دزاے کاٗفِر ہمے پہلوان　　پہلوان  سردار آسِکی بَران
نمتن ہَستِین بَران یُہ سوار ہمے گورزہِ سان پےٚ کار زار

☆

دَپان شاہِ مرجب سُہ دیو بُلنٛد　　گُرِس پیٹھ سوار اوس، اتھس کنتھ کُمند
اُچھو ییٚلہِ وُچھن شیر غُران دَوان　　پہلوان زِرہ پوش کاٗتیاہ ژٹان
تمِس زلزلہِ وارِ ژُھنُن دِلس　　ییتِہ پاٗٹھمن نٹھ چھہٕ آسان گُلِس
نہٕ تَس رٗو د تاب و نہٕ در روے رَنٛگ　　شُد ازموم خاطرِ سیہ پاروسنگ
وُچِھتھ گوس ہاٗبتھ تہِ دَر لَرزِ پو　　دَپان اٗسی محشر سُہ از ما پٹو
لسے آہ و افسوٗس پاٗنَس گران　　گٹہِ گیٖگھ چشمن علیسؑ وُچھان
یہِ ڈیشتھ سُہ مرجب چھُ گِریہِ کران　　اَشہِ کنہِ تَس خوٗن اوسُے ہَران
دپان اوس باخویش کتھ کُن ژلہِ　　امی زہرِ اٗسی ہِندِ ووٗنی یُہ گلہِ
بہٕ ظاٗہر علی یَسؑ کران مرحبا　　بدل بُود پانہِ کرِ نہِ لشکر تباہ
اَتھے کر تیٖم خوٗنِ حلقہِ ژھمس　　چُھ شیر ژم یاٗنی دامِ ناخُن دِمس
ژھمس خوٗنِ حلقہِ کھمَبس گوشت خام　　ولی تُل ییٚلہِ مُرغ زَن نگہِ بدام
گُلِم ساٗری پہلوان پوٗشس بہٕ کر　　ہُرم زورِ بارُو پھُٹم پُشت تھر
کمَن پہلوانن اٗمی کڈ میٚے گرد　　پہلوان اٗسِم سبٹھاہ شیرِ مَرد
ژُدم ساٗرے لشکر میٚے سامانہِ سان　　ییٚمی ہولہِ تہِ لولہِ نیرِہم میٚے جان

کرِ کیاہ کُنے پھُس بہٕ قلعس اندر
قوّتِ زورِ یازؤ پھُٹم پُشت تھر

وَننہٕ چھُ یِوان زِ مختار شاہن چھُ دراصل یہِ جنگ نامہٕ اُردؤ زبأنؠ ہُند جنگ نامہٕ قلعہٕ خیبر ؤچھِتھ لیٖوکھمُت۔ اُردو زبأنؠ ہُند یہِ جنگ نامہٕ چھُ عیدؤ ناوِکی اَکی شأیرن لیٖوکھمُت۔ تیٖمی جنگ نامہٕ حضرت علیؓ تہٕ لیٖوکھمُت چھُ۔ میٚے ژھانٛجو یہِ جنگ نامہٕ، مگر کانٛہہ نوسخہٕ آم نہٕ اتھِ۔ لہٰذا چھُ یہِ میأنہٕ باپتھ وَنُن مُشکِل زِ یہِ کتھ حدس تام چھُ صحیٖی۔ مختار شاہ سُند جنگ نامہٕ کوتاہ نزدیکھ چھُ عیدو ہِندِس جنگ نامس، یہِ چھا امیُک آزاد ترجمہٕ، کِنہٕ مُکمل ترجمہٕ، کِنہٕ بدلہٕ کانٛہہ اثر چھُ اتھ پیٹھ براہِ راست یا ورگہٕ پأٹھی پیٚومُت۔ یہِ ہیکہٕ عیدؤ سُند جنگ نامہٕ اتھِ لگِتھے سَرِ کھرِ سَپدِتھ۔

(شیرازہ ۱۹۷۷ء)



# کاشرِ شأیری منز غزل

غزل رٕچھی رٕچھی سوٗخن باوِنی چھِ وأنِنج نیرٕ سَنہٕ راوِنی
نظر گژھِ بے پناہ آسنٕ دِلس گژھِ پیچ و تاب آسُن

راہی

غزل چھُ شأعری ہُند اکھ نفیس، حسین، لطیف تہٕ نوزُک صِنف ییٚمیُک لطافت میچھر تہٕ اثر پأدٕ کرُن، تہٕ سبٹھاہ شوٗبہٕ سان پٔتن دُب دُب کرُون دِل اتھ منٛز برُن یہٕ چھُ بُڈ کتھ۔ اَمی چھُ غزل اکھ سبٹھاہ مُشکل صِنف یا فارم مانٛنہٕ یِوان۔

سانہٕ کأشرِ شأعری منٛز چھُ غزل وارِیاہ عام۔ سانو پَتھ کال کیو وارِیاہو شأعرو تہٕ لیکھی غزل۔ أزِکی شأعر تہٕ چھِ لیکھان۔ أسی ہے ییمن غزل لیکھن والین شأعرن ہُند شُمار ہیمو کرُن۔ اکھ لاحساب ناون ہُند ہجوم چھُ یِوان بڑونٛھ کُن۔ مگر ییٚلہٕ أسی سوچان چھِ کأتیہن شأعرن ہٕندی غزل چھِ فنی تہٕ

تکنیکی زاوی جارن پٹھ پۆر وُتران؟ کاٗتھو شاعرو کوٗر اتھ اندر ہُر بر تہٕ نوبر پاٗدٕ؟ کاٗتیاہ شاعر چھِ تم یِہنٛد بن غزلن منٛز اکھ خاص اِنفرادیت تہٕ شخصیت چھِ اُبھران؟ جواب سوچان سوچان چھِ مویوٗسی سپدان۔ دوکھ سان چھُ وَنُن پیوان غزل لیٔکھ سارِوے مگر غزل لیۆکھ کینژوے۔ یہِ جُملہٕ باسہِ یۆہے ہوٚل کوٚل تہٕ مُبہم ہیٚو۔ دٔلیل چھِ یہِ ساٗنی شاعر چھِ غزل مُذکر استعمال کران۔ اُردوٗہس اندر چھُ یہِ لفظ مونث استعمال سپدان۔ یہِ تبدیلی، یہِ ہیرپھیر تہٕ یہِ کھسہِ وَس چھَ کُنہِ حدس تانی اَمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت کہ ساٗنی شاعر کاٗتیاہ سپدی غزل ہُنٛد مزاج تہٕ غزل ہُنٛد فن سمجھنس اندر ناکام۔ اتھ اندر چھُنہٕ کانٛہہ شک لفظ چھِ معنہٕ تہٕ استعمالہٕ کِنہ وقتچہٕ تبدیلی، زمانچہٕ رَنٛگ آمیزی کِنہ ضروٗر ووٚتھ کھوان۔ مگر پزر چھُ یہِ ساٗنی کاٗشری غزلن تہٕ چھِ یِہے ووٚتھ ہش کھیمٕژ۔ یِمہِ کِنہ یہِ غزل کم تہٕ بیٚیہ کینٛہہ چیز زیادٕ بنیومُت چھُ۔ ساٗنی کینژوے شاعر ہیکی اَمکی بار وبتراوِتھ تہٕ امیٚک موٗڈ قاٗیم تھاوِتھ۔ یوٗت بوٗزِو ساٗنی جان شاعر تہٕ چھِ اَمکِہ تکنیکہٕ نِشہٕ بعضے غاٗرزان بنان۔

کرِ کیٚاہ ویٚسی یے لابہٕ نِس نِیالِس یاوَن رایَس چھنہٕ میٔانی مای
یاوَن رایَس بے پروایَس یاوَن رایَس چھنہٕ میٔانی مای
(مہجوٗر)

یا مکہ مدینس بر چھِ وُتھی نیرِ لٔتیے رۆہ گران
دورہ چھی ہران نوٗرٕ پھٔتیے نیرِ لٔتیے رۆہ گران

یا

صٔد رِہ کھٕرٕ لٔد رِ مال گنٛزرٕ تَوس پھٔلی ییے
لٔتیے کرٕسے لولہٕ مَتہٕ لاے

(شمس فقیر)

باضأبطہٕ گیت (وژن) یا نظم چھِ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ یِمنے چھِ غزلہٕ ونان یِہ چھِ نہٕ شاعرن ہنٛزٕ ے کتھ۔ سوال تنقید، یَتھ ساَنٛ بُزرگ شاعر عبدالاحد آزاد صأب گوڈنچِ لٹہِ گوڈ بَران چھِ، سُہ تہٕ ہیوٚکنہٕ یِمن چیزن واش کڈِتھ۔ آزادن لیچھِ پانہٕ کینٛہہ جان تہٕ دِل کش غزلہٕ۔ اتھ ستۍ کرِ نہٕ کانٛہہ اِنکار مگر ییٚلہِ تم اتھ پیٹھ کینٛژن جایَن تنقید چھِ کران، وارِیاہ موئۍ سی چھِ سپدان۔

غزلِ ہنٛز تکنیک چھِ وارِیاہ سہل، شاعرس چھِنہٕ ہَتہٕ بُڈی تہٕ ساسہٕ بُڈی شار ہبوان لیکھنۍ۔ گوڈنیُک شار متلہِ (مطلع) لیوٚکھ۔ پتِم شار مکتہ (مقطع) لیوٚکھ۔ بێیہٕ کُرِس ترٛےٚ شار تیار۔ غزل سَپز پوٗرٕ۔ یِہ تہٕ چھِنہٕ ضروٗری غزل اندرٕ گرٕ ژھن گُل پانٛژے شار آسنۍ۔ یِم ہیکن زیادٕ تہٕ اُستھ۔ عام پأٹھۍ چھِ یِم پانٛژھ پیٹھٕ کھن تانٛ آسان۔ تہٕ شاعر چھِ غزلہِ ہنٛدی شار طاق تھاوٕنۍ پَسند کران۔ یِہ چھِ لگ بھگ سارِنے خبر غزلہِ ہُنٛد پرٕتھ کانٛہہ شار چھُ مکمل آسان، پرٕتھ کانٛہہ شار چھُ ہم وَزن آسان تہٕ پرٕتھ کُنہِ شارس چھِ زٕ مِصرعہ آسان۔ گوڈنکس شارس چھِ متلہٕ وَنان۔ اَمِچ خوٗبی چھِ یِہ کہ دوشوٕے مِصرعہ چھِ ہم قافیہ آسان۔

فِراقَن چأنٛ ژوٗٹمُت دِل نِگارو
چھُ مُشکل عشقہ نُے مٔنزل نِگارو
حقانی

''وَننہٕ چھُ یِوان سارِوے بۄ وُنٛھ گو حبہٕ خوتوٗنہٕ ایرأنی طریقس پٮ۪ٹھ غزل لیکھنُک احساس۔ چُونکہِ قسمت تہٕ اِتفاق کٔنٛز رٗو د اوٚ ہنٛد واٹھ شأہی خاندانٔس ستیٚ، حکومتچ زبان آس فارسی تہٕ بازرَن تہٕ دربارَن منٛز اوس فارسی زبأنۍ ہُنٛد زور شور۔ لہذا چھُ قیاس یِوان کرنہٕ زِ سارِوے بۄ وُنٛھ چھِ حبہٕ خوتونی ایرانی طریقس پٮ۪ٹھ غزل لیکھنُک شوق گومُت۔ ملکہ حبہ خوتونہٕ ہنٛز سو غزل یوسہٕ تمہٕ زِندگی ہنٛدِس تتھ وقتس اندر وٗنۍ ییٚلہٕ زَن تہنٛدِس دِل و دماغس پٮ۪ٹھ شأہی تہٕ دربأری ہوا تہٕ لوٚگمُت اوس نہٕ۔ یوسہٕ زَن سو أکس گرٚیسی کچہٕ ہنٛدِس شأنَس منٛز أکس کھاہَس اندر گوان آس ییٚلہٕ یوٗسف شاہ چک تَس پٮ۪ٹھ فریفتہ گو۔

عروضہ لحاظ چھِ یہٕ ایرأنۍ طریقس پٮ۪ٹھ

وأری وبن ستیٚ وارہ چھُس نو چارٕ کر مۄون مالِنیو

فاعلاتُن فاعلاتُن فاعلاتُن فاعلات

یہٕ چھُ بحر رمل مثمن۔ امہٕ تلہٕ چھُ یہٕ ظأہر سپدان ملکہ حبہٕ خوتونہٕ ہنٛزٕ شأعری زِندگی بۄ وُنٛھ اوس کأشرِ شأعری ہنٛدِس مزاجس پٮ۪ٹھ فارسی رَنٛگ ٹاکارٕ برزیومُت......''

(صفہٕ ۱۰۹-۱۱۰ ''کشمیری زبان اور شأعری'' حِصہٕ اول)

دوٚیمہٕ جایہٕ چھِ لیکھان:

''فارسیت چھِ کأشرِ غزلِ ہُنٛد پیدأیشی عنصر۔ ملکہ حبہ خاتون۔

(یوسہٕ زِن کأشرِ غزٕلچ بأنی چھےِ مانہٕ یِوان) ہنٛدی شار وُچھو۔

۔　وأری وبن ستؠ وارِ چھُس نو چارٕ کر میون مالنیو

۔　گوشن مَنٛز ہا وتھراوے ولو میأنہٕ پوشےٚ مدنو

۔　بُمہٕ کمانہٕ لدنوہم چلو تیر لأیتھم بے شُمار

(صفحہ ۱۸۶)

اَتھ کتھِ اَندر چھُنہٕ کانٛہہ شک فارسیت چھےِ کأشرِ ہ غزلہِ ہُنٛد پأدایشی عنصر۔ مسلمانن ہنٛز حکومت قأیم سَپدنس ستؠ ستی ترٛأوی أمی کشیرِ اندر پنٛنۍ قدم۔ شاہ میری خاندانکین (۱۳۳۹ء پیٹھ ۱۵۵۵ء) بادشاہَن ستؠ ستی پژووفارسی اَدبن ییٚتہِ کشیرِ مَنٛز اکھ تھوٚد پاے۔ لُکھ سَپدی دوہَہ کھوتہٕ دوہہ اَمکۍ دِلدادہ تہٕ کأشرِ زبان کأشُر اَدب گیہِ فارسیس قریب یِوان۔ سأنۍ شاعر گیہِ شعوری تہٕ غأر شعوری طور اَمہِ صُدرہ نِشہِ فأض حأصل کران۔ غزل، مثنوی، ربأعی یِم سأری چھےِ فارسی اثرٕ ستؠ کأشرس اَدبس اندر ووتلیمتؠ۔ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہُنٛد فن تہٕ امہِ دورِ کیٚن سارِنۍ شاعرن ہُنٛد کلام چھُ فارسی اَدبہٕ کہِ اثرٕ ستؠ ضروٗر نِلھران تہٕ اکھ نوٚو رَنٛگ رٹان۔ وَژُنس (گیت) چھُ بوٗش کھسان تہٕ یہٕ چھُ یاوُن لبان، مگر یہٕ وُن حبہٕ خوتوٗنہِ چھےِ غزلہٕ لیچھمٕژ، تہٕ سو چھےِ غزلہِ ہنٛز بأنی۔ یہٕ چھُ غلط۔ یہٕ چھَ پٔژی پأٹھی سأنۍ بدقسمتی زِ اوٚہنٛد کلام یُس اَسہِ تام ووتمُت چھُ، یا اَمہِ دورُک یہٕ کلام اَسہِ تام ووتمُت چھُ سُہ آو وُلٹہٕ طریقس پیٹھ پیش کرنہٕ۔ سانٛین مُقأمی کِتاب فروشن ہنٛز کأم، تہُنٛد علمی تہٕ اَدبی ذوق ہرگاہے پُرقدر چھُ مگر فنی تہٕ تکنیکی ناوأقفی کِنۍ یہٕ کیٚنژھا تمو چھوپ تتھ آو غزلے وَننہٕ۔ غزل بنیو سُہ لفظ ییٚمیُک

معنے کلام بنیو۔ خاَر زیٹھ رنہٕ روٗستہٕ جاۓزٕ طریقہٕ چھُ یہِ أسی گروتمن چیزن پیٹھ بوزشوز یمن زَن آزاد غزلہٕ وَنان چھِ۔ مثالے أسی نمون حبہٕ خوتونہٕ

وأری وبن ستی وارِ چھس نو چارٕ گر میوٗن مالِنیو

وَنُن۔ ہرگاہے یہِ غزل مانون۔ گوڈنکی کینٛہہ شار چھِ یتھٕ پاٹھی بنان۔

وأری وبن ستی وارہ چھس نو چارٕ کر میوٗن مالِنیو
گرِ بہٕ وڑائیس آبہٕ نٹس نوٚٹ میٚہ پھٹمو مالِنیو
یاتہٕ دِیتو نٹہٕ نوٚٹا نتہٕ ہارٕ نٹہٕ چے مالِنیو
ہشہٕ لأی نم ٹوٚپے تھف سے میٚہ گو مرنہٕ کھوتہٕ سخ
ینٛدرٕ پچہٕ پیٹھ نینٛدرٕ پیمو ژھرٕ پھٹمو مالِنیو
یارٕ دادے نارِ گیہٕ سو بارِ بُکھ چھُم آمتے

پرٛتھ کُنہٕ شارُک دوٚیم مصرعہ چھُنہٕ تکنیکی لحاظہٕ غزلہٕ ہُنٛد مِصرعہ۔ ہرگاہ پرٛتھ شارُک دوٚیم مصرعہ گوڈٕ پیہِ تہٕ گوڈنیُک دوٚیم بنہٕ، تیلہِ چھُ یہِ غزلہٕ ہُنٛد شار بنان۔ مگر یہِ کرنہٕ ستی چھِ أہنٛدِس اثرس تہٕ مطلبس اندر واریاہ فرق پیوان۔ امین کامِلن یوسہٕ ترتیب یتھ وژنس دِژمٕژ چھےٚ سو چھِ باگہٕ یوٗ رُت۔ یہِ کتھ چھِ پزٕ کنیاہ حبہٕ خوتونہٕ ہُنٛد مُدعا تہٕ آسہِ ہے۔ یتھُے کِنہٕ نہٕ؟ کتھ چھِ یہِ ہرگاہ ہے تہنٛز ترتیب کامِل صأنٛز ہش تہِ آسہِ ہے نہٕ اَتھ ستی آسہے ضروٗر میلان۔

غزلہٕ ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ شار چھُ مکمل آسان۔ اتھ برخلاف چھِ أسی یتھ اندر اکھ پوٗرٕ کہأنی، اکھ پوٗرٕ واقع ہیٚرِ پیٹھ بون تاںٛ وُچھان۔ یہِ چھےٚ مُلہٕ تلہٕ

اکھ سو نظم یتھ اَندر أ۪کس بے کس زنانہِ ہُنٛد اکھ المناک واقع بیان کرنہٕ آمُت چھُ۔ أ۪کس زنانہِ یَس نہٕ وأری وبن ستیٚ ہوا صاف چھُ۔ تٔسی وأرِو گھرس اندر نوٚٹ پھٹُن۔ اکھ ڈرامأیی مُوڈ چھُ شوٚرؠ گژھان۔ کشمکش چھُ شوٚرؠ سَپدان۔ وُڈرِ کھسُن، کترِ سَننہِ، یمہٕ چھَ اَمی کشکمشُک نچوڑ۔ تہٕ انجام کیاہ سپُدِ

ہَشہِ لأی نَم ٹوٗپہِ ہے تھَف، سوے میٚہ گو مَرنہٕ کھوتہٕ سَخ

یِنٛدرہ ہچِہ پیٹھ نبٛدر پیمو، ژکھرِ پھٹمو مألنیو

پوٚز چھُ غزل چھُ مُسلسل تہِ آسان۔ أ۪کس شارس چھُ دوٚیمس شارس ستیٚ گہے اکھ نوزُک واٹھ ہیٚؠ آسان یتھِ پأٹھی غألب سٕنٛز یہِ غزل چھِہ

مُدت ہوئی ہے یار کو مہماں کئے ہوئے

جوشِ قدح سے بزم چراغاں کئے ہوئے

کرتا ہوں جمع پھر جگر لخت لخت کو

عرصہ ہوا ہے دعوتِ مژگاں کئے ہوئے

أسی چھِ وُچھان یہِ کتھ تہِ چھَنہٕ اَتھ اندر۔ غزلہِ ہِنٛدِ خأطرٕ چھِہ نہٕ رُبأعی ہِنٛدی پأٹھی بحرِ ہُنٛد کانٛہہ قأد۔ شأعر ہیکہِ غزل کُنہٕ بحرِ اندر تہٕ لیکھتھ۔ اِدٕ سو أسی تن ہڈ یا لوکٹ۔ یہِ وُنُن اکھ چیز چھُ، بحرِ رمل مثمن، لہذا چھِہ سو غزل۔ تہٕ چھُ غلط۔ نظم یا گیت تہِ چھِہ غزل ہِنٛدِ بحرِ پیٹھ لیکھنہٕ یِوان۔ مِثالے مہجورٕنٛی یہِ نظم 'باغوانا مہربانا' نی توٚن۔

باغوانا مہربانا بوز میٚونے داستان

چھُس بہٕ بلبُل باغہٕ کیوٗ جاناورو منٛزٕ ناتوان

باغ یَنہٕ گو پأدٕ تَنہٕ وۄتھُم میٚہ یتھ باغس اندر
آیہٕ گُل بہٕ تہٕ آس تِمنے ستیٚ توشان یِژھ بَران

امین کأمِلنہِ نظم "ژٕ تہٕ بہٕ" یوسہٕ مسلسل غزلِ واریاہ قریب چھِ سو تہٕ کرِ اتھ کتھِ واضح

یُہ تام چون ژنٛدن موکھ میٚہ گأشراوِ دِلس
بے داغ مێون تخیل بے لاگ مێون قلم
یُہ تام میانہِ فنٛچ یادگی چھِ چأنٛژ سپر
غلام چون چھُ عالم بُلنٛد چأنٛژ الم

حبہ خوتونہِ ہُنٛد بیاکھ کأنٛہہ وَژُن نی تۄن یتھ آزاد غزل وَنان چھِ صاف چھُ یہِ ثأبت سَپدان یِم چھِ گیت یا وژنی غزل چھِنہٕ۔ پانہٕ کُرِو ملاحظہ

| | |
|---|---|
| گوشن مٔنز ہا وتھراوے | ولو میانہِ پوشے مدنو |
| ولہٕ مَتہٕ گرٛژھ تہٕ دو آبَس | دُنیاہ چھُ نیٚنٛدرٕ تہٕ خوابَس |
| پژاران چھیسو جوابَس | ولو میانہِ پوشے مدنو |
| ولہٕ مَتہٕ گرٛژھ تہٕ کرٛژھے | پترو تُجس ریژھے |
| تِمن تہٕ مێون ہیٚوٚ گرٛژھے | ولو میانہِ پوشے مدنو |

حبہٕ خوتونہِ ہنٛز کتھ ترٛاوِتو أتی۔ اَسہِ چھِ کیٚنژون جایَن تیٚتھ کلام تہٕ میلان یتھ زَن غزل چھُ وَننہٕ یوان تہٕ یُس زَن لل دید ہنٛدِ ناوِ منسوٗب چھُ سَپدان

زبنہٕ بژونٹھ آدمس زَن سارسہ لوٕلکی مَسہٕ سپزِس فان
ژونہ وٕنی چیزن دِیُتَم گسہ مِلہٕ وِتھ کوٚرنَم شکلہِ اِنسان
خاک دباد آبس ییٚہٕ نارسہ لوٕلکی مَسہٕ سپزِس فان
للہٕ توٚت وأتتھ اناد یوسہٕ لوٕلکی مَسہٕ سپزِس فان

پَزر چھُ یہِ نہٕ چھِ لل دیدِ غزل لیچھمِژ نہٕ چھُ یہِ توٚہُند کلام۔ غزل چھِ کأشرِ شأعری ہنٛدِ ترٛییمہِ دورِچ پاٚداوار۔ اَمہِ بژونٹھ ہے کُنہِ جایہِ کانٛہہ غزل لیکھنہٕ آمُت تہٕ آسہے، تمچ حیثیت چھنہٕ کہیں۔ یُس محمود گأمی کأشرِ مثنوی دِس ٹُلان چھُ سے چھُ کأشرِ غزلہِ تہٕ دَس ٹُلان۔

یارِ میانو مارِ گن منز پان ہووُت تی پَزیا
تارِگن مَنز ماہ تاباں مَنز چھووُت تی پَزیا
گُل روخس پیٹھ چھے رنبل موی سنبل دستہ زَن
گو پریشان بُلبُلن دِل تنبلاوِتھ تی پَزیا



اَمہِ نوٗرِ مہہ روخسارِ باوِتھ ژوٗرِ نیوٚنَم دِل
اَمہِ دوٗرِ درشن دِت میٚہ سورگچہ ہورِ نیوٚنَم دِل
تَس کُیت میٚہ وبہِ کونٛگہ تےٚ کستوٗرِ نووُم پان
گُس زانہٕ وٕنتھ حال تمہِ مستوٗرِ نیوٚنَم پان

غزلہِ ہُند گوڈنیُک دور چھُ محمود گأمی نہٕ شأعری پیٹھ مجوٗر تہٕ آزادنس آو آدس تانی روزان۔ یہِ گو دوٚیمین لفظن مَنز اردأہمہِ صدی عیسوی اُخری کالہِ

